# گرٛایسی سُنٛد گرٛ

(ڈراما)

پروفیسر محی الدین حاجنؔی

ناشِر: حلقئہ ادب سوناواری، حاجن

۱۹۳۹ءکس

# گرٛیٖسی سُنٛد گرٕ

پأتھر

پروفیسر محی الدّین حاجنؔی

نأشِر : حلقۂ ادب سوناواری حاجن

کتابہِ ہُنٛد ناو : گرٛ پسی سُنٛد گرٕ
مُصنّف : پروفیسر محی الدّین حاجنؔی
ایڈیشن : ژوٗرِم
چھپن وٗری : ۲۰۱۱ء
تعداد : ٚپانٛژھ ہَتھ (۵۰۰)
مول : ڈوڈ ہَتھ (Rs.150/=)
کمپیوٹر کمپوزِنگ : بشیرؔ اجسی
سرورق : جمیلؔ انصاری
چھاپ خانہِ : تاج پرنٹرس، دہلی
ناشر : حلقہ ادب سوناواری، حاجن

## کتاب میلنٕک نیب

☆ حلقۂ ادب سوناواری، حاجن

☆ کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر

# گوڈ کتھ

کٲشرِ منز چھےٚ ڈرامہٕچ روایتھ ساسہٕ واد ؤری پرٲنی ۔ سانین قدیم توٲریخی نوِشتَن اندر چھےٚ بانڈٕ پٲتھرَس مُتلق واضح ثبوت مێلان ۔ کٲشُر بانڈٕ پٲتھر چھُ ازتہٕ برصغیر کِہن سبٕتھے طاقتور لُکہٕ تھیٹرَن اندر شُمار سپدان ۔ یہٕ پٲتھر اوس کٲشرِ ہندِ بن واتھور، اَکِنگوم ، بُمے تہٕ دروگہٕ مُل بیترِ کینژَن علاقَن منز روزن والین اَمہِ قبیلہٕ کِہن لۄکَن ہندِ باپتھ اوزقُک ذٔریعہٕ ۔ اتھ فنَس ستی وابستہٕ فنکار ٲسی تَتھ زمانَس اندر کٲشرِ بن لُکن ہندی دِل کھاندرن کھُندرَن ، مٲلَن ، بڈِ بن دوہَن تہٕ بٲیہٕ خوشی ہنزَن تقریبَن پیٹھ رٕژناوان یِیلہٕ نہٕ دِل بہلٲیِی ہٕندی اَزکی ہوی نوعیتہٕ تہٕ سائنسی سٕنز سامانہٕ بہم ٲسی ۔ بانڈ ٲسی بےٚ شۆنکی پٲٹھی تتھ نِظامَس تہٕ تیٚتھ ژٹان تہٕ کتھ کڈان یَتھ خلاف سێدِ سێود پٲٹھی بولنَس کانہہ ہمتھے کرِتھ ہیکہِ ہے نہٕ ۔ بہر حال سائنسچہٕ ترقی تہٕ تالیمہٕ ہٕندِ پھالاوٕ ستی آے پیش سپدَن والین فنن Performing Artsہٕندی نۆی طریقہٕ تہٕ برۆنٹھ کُن تہٕ ڈرامہ لیکھنُک اکھ ضابِطہٕ بند سِلسِلہٕ تہٕ گوو شروٗع ۔ "گزٕ پسی سُند گرٕ" چھُ اتھ تنوظرس منز کٲشرِس نثری ادبَس اندر بالعموٗم تہٕ ڈرامانِگاری اندر بالخصوٗص میلہ کنہٕ ہنز حیثیت تھاوان ۔ یۆ دوٚے امہِ ڈراما

بروٗ ژٕہہ تہٕ سچ کھوٚٹ تہٕ پرٕچھ کھوٚٹ بیترِ ڈراما لیکھنہٕ آمٕتی اُسی مگر تِم اُسی فارمولایی نوٗی پٕژکی۔ موضوٗع رٔنگی دھارمِک تہٕ ہیتہٕ کِنۍ ردِمک ڈراما۔ پروفیسر محی الدین حاجنی سٕنٛد مطالعہٕ اوس واریاہ وسیع تہٕ تِموٗ اُسی طالِب عِلمی ہٕنٛدِ سے زمانٕس اندر انگریزی تہٕ بأیِہ زبانٕن ہٕنٛدی نمایندٕ تہٕ معروٗف ڈراما پٔری مٕتی۔ "گرٕیسی سُنٛد گرٕ" پٔرِتھ چھُ واضح پأٹھۍ نَنان زِ یوٗ دوٚے امہِ ڈرامہک مولہٕ موضوٗع جاگیرداراںنہٕ نِظامہٕ کِنۍ پنجن تل ہنہٕ آمٕت لاچارٕ تہٕ پسماندٕ گرٕیسی طبقہٕ چھُ، تاہم چھُ ڈرامہک تکنیک تہٕ ہیت مشہوٗر زمانہٕ ڈراما نِگار شیکسپیر سٕنٛدِ ڈرامہن ستی رلان۔ حاجنی صأبٕن مِزازٕ اوس نہٕ ڈرامأیی باوٕژ طریقس یاوٕ زِ فِلشن لیکھنس موافق تہٕ "گرٕیسی سُنٛد گرٕ" چھُنہٕ تِمو ہرگز تہٕ کأشرس انٛدرڈرامہ لیکھنٕچ کانٛہہ سنجیٖد روایت قأیِم کرٕنکہٕ نیتہٕ لیوٗکھمُت۔ تِمن چھُ بُنیأدی طور گرٕیستِمن خلاف سپدن وأرِس ظُلمَس خلاف احتجاج کرُن اوسمت تہٕ خوش قسمتی کِنۍ ووٗ تھ تِہنٛدِ جذبہٕ کہٕ برکتہٕ سانہٕ زبأنی انٛدر کأشرِس جدید ڈرامہس دٕس۔

"گرٕیسی سُنٛد گرٕ" ڈرامہَس مُتلق اوس کینٛہہ نقادَن ہُنٛد یہِ اعتراض زِ یہِ ہیکہٕ نہٕ سٹیجس پیٹھ گنٛدنہٕ یتھ مگر یہِ اعتراض سپُد تِمہٕ وِزِ غلط ثأبت یِیلہٕ کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ منعقد کرنہٕ آمٕتس اَکِس تھیٹر ورکشاپس دوران یہِ ڈرامہ تیار کرنہٕ پتہٕ سٹیجہٕ پیٹھ کامیأبی سان سٹیج کرنہٕ آو۔ امہِ پتہٕ کوٚر یہِ وہاب ڈرامِٹک کلبس تہٕ امہِ سٕتی وابستہٕ فنکاروتہٕ سٹیج تہٕ اتھ میول کلچرل اکیڈیمی

ۂنٛدِس أ کِس ڈِسٹرکٹ ڈراما فیسٹوٗلس منٛز Best productionAward
بہترٖین پروڈکشن اعزاز تہٕ۔
''گرٕیسی سُنٛد گرٕ'' اوس واریاہ برٛونٛٹھ حاجنی صأبن پانٕے شایع کوٗرمُت تہٕ ووٕنی اُس نہٕ أمِچ کانٛہہ تہِ کأپی کُنہِ جایہِ بٕٹھان۔ امہِ سٟتی اُسی ڈرامہَس سٟتی دِلچسپی تھاوَن والین محققن، نقادَن تہٕ بڈٕ پایہِ طالِب علمن مُشکلات بُتھہِ یِوان۔ حلقہٕ أدبس سٟتی وابستہٕ ممبر وُکریہِ وبوٗ ہے شدت تہٕ سان محسوس تہٕ فأصلہٕ آونہٕ زِ یہِ اہم کتاب پیہِ نوٚسرٕ شایع کرنہٕ۔ وومید چھِے زِ پرَن والین کھسہِ سأنی یہِ کوٚشِش ٹارِتہٕ حاجنی صأبنین تحریرَن ۂنٛدی عاشق سپدَن شاد۔ سٹیج ڈرامہٕ ہچہٕ نوینہٕ نِہ نظرِ تل تھأوِتھ اُس یتھ پأتھرَس منٛزٕ منٛزی شیرِ پأرکرنٕچ ضروٗرت باسان۔ مگر اَسہِ زون نہٕ تہِ مناسِب تہِ کیازِ ''گرٕیسی سُنٛد گرٕ'' ڈرامہٕ ہَس چھِے اکھ تأریخی اہمیت تہٕ اتھ پیٹھ چھُ ازتام واریاہو نقادو تہٕ محققو لیوٗکھمُت۔ یِیمہِ سٟتی نوٚی پرن وألی تہِ تحقیق کرن وألی رأوِتھ ہیکہٕ۔ [illegible]ن۔ اُخرس پیٹھ چھُ یہِ ادارٕ محمد امین ابن محی الدّین حاجنی سُنٛد شُکر گزار زِ تِمو دِیُت اسہِ ''گرٕیسی سُنٛد گرٕ'' چھپاوُنک اجازت۔ مجید مجازی سُنٛد تہِ چھِ شُکریہ اداکران زِ تِمو کٔر یہِ کأم اندواتنس تام واریاہ محنت۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد شُکریہ کرُن تہِ چھُ لأزِم زِ تِم چھ اسہِ یِتھہ کامہِ کرنَس حوصلہٕ افزأیی کران۔

ادارٕ

# پأتھر چارَن وأنی

رزاق بٹ: (گرٛیوٚس، گوٚبرِ مول)

گرِ واجینٛۍ: (رزاق بٹٕنۍ خانہٕ دارِنی)

رُستم: (رزاق بٹُن زیٹھ نیچو، مہراز)

رٔحم: (رزاق بٹُن دوٚیُم نیچو)

فتح لون: (مٔنزِم یور)

خضر بٹ: (رزاق بٹُن بوے)

(کورِ مول۔ کورِ موج۔ کورِ ہُند مام)

(نمبردار۔ ذألدار۔ چوٚکی دار۔ گامہٕ زیٹھ۔ چکدار۔ نأظِر

ملہٕ۔ باپأری۔ لِکھأری۔ نمایندٕ۔ والنٹیر۔ قُمری صأب۔ شقدر۔

پیر تہٕ ڈولی پور ییک زیٹھ۔ سُبحان۔ (نمبردارٕ سُند موٚہنیوٗ)

(خالق راتھر۔ صدیق جنٛدٕ۔ ملہٕ گلہ۔ صدیق مأگرے۔

عزیز میر۔ فقیر ڈار) (گامہٕ کمیٹی ہٕنٛدی ممبر)

(کینٛہہ گرٛیسی۔ گرٛیسی بایہِ تہٕ گامہٕ شُری)

گامہٕ رلنٛدٕ.................. اکھ آوارٕ قسمُک نوجوان

# منظر ۱

## (رزاق بٹن گرٕ)

رزاق بٹ: (دارِ پێٹھ بٔہتھ گرٕواجنہِ کُن ژکھہِ سان نظراہ گرِتھ) ژٕ ے کیاہ چھے اَز بتِھس پێٹھ بۄم پشیان۔ یوٚرِ سیۆ دۄٚ ہتھ چھکھ اورٕ نستہِ َکنی کتھ کران.......... پۄز گوناہی ییتہِ پێٹھہٕ چانہِ کمرٕ پێٹھہٕ لۄ رۄٚ ژھ تتہِ پێٹھہٕ وۄچھمکھ ژٕ مےٚ دوہ کھوتہٕ دوہ ہنان۔

گرٕواجینۍ:۔ (ووشَ ترٲوِتھ) ییہ ہی یے گرٕ پێٹھ فِکرٕ ترٕ ہی، کھیۆ کھیۆ چھکھ سسرنڈ ہیۆ گومُت۔ گرُک أندری ژۄ رزانٕ تےٚ یمَن گرٕ پێٹھ پیو۔

رزاق بٹ:۔ (بُمن درٕ دِتھ) اومےٚ کتہٕ چھے خبر ژٕ ے چھی سوکھن ڈٕس گأتی۔ ییہ کھنہٕ منٛز آمُت ووگس سےٚ اُس خبر سیٚدِس کلِس چھُ خدارٲضی۔ مگر سیٚزِ اوٚ نگجہ کتہٕ چھُ گبو کھسان۔

گرٕواجینۍ:۔ (بُتھ لُدتھ) ژٕ کھالی زبے ہجراوٚ نگجہ ییٚتہٕ موکلہٕ ہا ہیمہٕ

ووند منز رِ نشہِ۔

رزاق بٹ:۔ (اَسان اَسان) یہ ووندِ منز چون چھُ کس۔ مےٚ دوہَس تہٕ راتَس رَتھ نیران ژٕ گرہتھ تا پھ دِوان ...... چانہِ کھوتہٕ ووندِ منز رِ چھُ کس۔ مےٚ مائیہ کہِ رہتہٕ لورہ سِتی ماز ژٹان ژٕ ڈوکھاہ ترأوِتھ نوٚن دوہن زِ سیرِ ووٚن کتان ...... أمہِ کھوتہٕ ووندِ منز رگس آسہِ! مےٚ قرض دار ڈوربو مٔنزی رٔڈی رٔڈی أنتھ رہتہٕ پتہ رہتہٕ مُچلکہٕ ہوان تہٕ ژٕ۔

گرِ واجینی:۔ (کتھ ژٔ ٹتھ) ژےٚ ودان ہے کیاہ بنیؤم تتھِ رانہِ نشہِ چھُ موٚنڈ آسہِ نےٚ جان۔ مےٚ گرنہٕ گتھنہٕ باتھ۔ اورَے آوڈبکَس ژٕ کرلِدتھ۔ زَن چھُس بتھِس پیٹھ ہوٚن مورمُت۔ پنہٕ نی أسس دوہ کمِن ژون پہرن کلہٕ دادِ سِتی ہارِ کاہ کاہ گٔنز ران تہٕ تام آو اورے بتھ اَلونڈ ترأوِتھ چاے منگنہِ۔ گوڈٕ چھُلی زِ ہے اتھہٕ بتھ پتہ ہےٚ چاہہ رٕسر پانَس ژٕ ھنی أسس تہٕ ژٕ ھنی زِ ہے ...... بیٚین گرَن چھنا آسان بأژ دِجہِ پیٹھ دراتی مگر یہ طوٗفان تہِ چھا گنہِ جایہ۔ کتھ زالَس منز آیَس وَلنہٕ (یِی وَنان وَنان چھےٚ کترِ وبو بانو منزٕ اکھ پرٕون اَنیٹ ژکھ موٚرنہ خاطرٕ پھٹراوان)

رزاق بٹ:۔ (ناستہٕ مُشکاہ کرِتھ) پھُٹراوان گوٚھ، پگہہ آسم کرالہٕ سٕتزٕ وٕ گرائے۔ نتہٕ کیاہ میانِس زٔنٔی مٔتِس چھ پہے شِنائے تہٕ فنائے گوٚھان مگر کرِ کیاہ ہہنہٕ آس تہٕ مے نہٕ راہ......(دماہ دِتھ) تقدیرٕن وأ جنم وُنہٕ تہٕ رانٹسا گیم اَگادِ......دُنٔی یچہٕ زنانہٕ موکلاوان ہاگس ژٔوٚر کرِتھ، میانہِ خانہٕ دارنہِ ہندِ دستہٕ چھُنہٕ یوان سوٚزٕ پھوٚت چھکنہٕ......(ذرا تھکھ دِتھ) کوکرٕ ہوٚتی نٔوی تن مُلکس، رُٔستمٔی موج نوٚو راوان گأٹن تہٕ نوٚلن رٔتی چارٕ وایَن نیری تَن تریشہِ تریشہِ کران زہوپھٹِتھ تہٕ اُمِس آسنہٕ آب آنہٕ ٹُک چباشی گومُت۔ اٰخر ووندٕ مٔنزٕ رأے چھُس! (کیٚنہہ ژٔنی أندی أندی جمع سپدان) ہا یارو وَنوہے ءٔتی صِفت بہٕ پننہِ گرٕ واجنہٕ ہنٛدی۔ چایہٕ پاواَنہٕ تہٕ کڈِ تھ زورٕ زارٕ پچھاہ۔ نوٚ نہ روپےاَنہٕ تہٕ نِصفہ راوٕ راوِ طاکھچو پیٹھی۔ نصفہٕ ژھنہِ دارِ رٔنِ تہٕ کیا زِ تہٕ چھ أمی ہٕنٛدی رٔنی آسان یوٚٹہٕ نوٚن۔ نتہٕ وَتہٕ پیٹھ لوٚ بمُت۔ تِلہٕ منٛڈاہ اَنہٕ تہٕ موکلاوِ کھوٚرِ رُٔرِتھ ووزُم وورُ دٔرِتھ شُرِس پلواَنہٕ تہٕ گوڈٕ کھسبس نہٕ پسنٛدے اگر خدایہ خدایہ کران کھوٚتُس تہٕ چھُس نہٕ تگان رچھنُے......

گرٕ واجنی:۔ (کتھ ژٕٹتھ) بٕہ ناسہِ ہنٛدِ وقتہٕ چھے مے ژٕٹ اکھ

سۆمو۔سو ہے اۆ ری گۄھی تہٕ اۆ ری نتہٕ۔ییٚتہِ پتھٕ یتھ
مژ یلس منز باگنی آیس تتہِ پتھٕ ۄ چھ مےٚ ییٚتہِ نۆٹ تہٕ
حمأمے سےٚ ۄ چھ دوہے یتھ گرس تاوٕنے۔ازلہٕ نس نیایس
کیاہ کرٕ۔نتہٕ بہٕ تہِ أ ہس أ کس ڈبکہٕ بڈس بہٕ
ہشز کۄر......

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ پوش پتھر ترأ وِتھ) اوٕ اوٕ اتھ منز کیاہ شک چھ تم گے
تے امیر یم گاند ٹھۄل راوٕنس پتھ ژۄ نگے چھنہٕ زالان۔
یہندِس شکمس کھٔستھ اِنسان پیٚنجہِ گژھہ یہندِ گرِ پیٚوش مرِ
رتہٕ رژھہِ خأطرٕ تہندِ کھوتہٕ کس چھےٚ دُنی یاہ دأری......

گرِواجیٚنز:۔ (شرارتہٕ ستی دند ژأ دِتھ) اوژٕ ہاوتہٕ پُٹن کیژھا
منزِ چھہن لانژھ تہٕ تم کھوان نٔوی نٔوی۔ژےٚ وٕ ری
یس منز افسۆس تہِ چھی نہٕ گژھان پتھ کُن ژےٚ گیلہٕ کھہٕ
بیٚین۔ژےٚ وٕری یس اتھہٕ کھور پھاٹہٕ وِتھ پھلکس
ۄ ہہ کھأردزایے۔تہٕ گنۆ ہہ ژٔلی لۆکھ ہتھ تمنٕے بہر یۆ کھ
نہٕ اکھ کتھ ونہٕ نس۔ژےٚ بنےٚ نہٕ دانز ژور تژ کھ شُری
پہناونہٕ خأطرٕ۔أمہِ کھوتہٕ گُس دولژ بنڈی۔زیٹھ
ہیۆ نیٚچو ووتےٚ زٕ تو وُہ ووہر وُ نہِ ویۆ ژھنےٚ نہٕ
أمی ہشز بجأیِ ہُند پن تہِ تُلن......لۆکھ ژھنن نا

تھو کہِ ، ستو شُر بو منزٕ چھنہٕ یمَن أ کِس م
مانڈٕ کرِ پلَس تہٕ کُنہِ آمین پَنن گنڈٕ واٹھ گوٚ ھان
...... ( رزاق بٹ ووش تراوان ) اگر ژٕ ے آسہِ
ہی گامَس منزٕ لسُن بسُن ہتَس کامنَس دب دِتھ کرٕ ہکھنا
ونیک تامتھ أمہِ سنذ خاطرٕ تلاش...... بُڈٕ بانٕ کھراٚ ہوٚ رتھبکہٕ
ناونہٕ ستہٕ کیٛاہ گو۔ مے چانہِ دُنیا دأری سونَس گیٛہٕ
ٕسر تل ۔ پننہِ ہیٛنہٕ تہٕ ہیزٕ ہے مُشک ۔ بٔ چھس یمن
ٕمنگی متمن ہٕنزٕ وہجاأری ۆچھتھ کنُسے پنَس لاٚنزٕ۔

رزاق بٹ:۔ ( کتھ ژٕ ٹتھ تہٕ بمُن درٕ دِتھ ) گو نا ژٕ ے چھے
یہ ہےَ ستم ۔ وُنہِ چھنہٕ مے پننہِ خاندرُک بار نکھہٕ پیٹھہٕ وسان
تہٕ ژٕ چھہم بیٛاکھ برات کڈان...... باپأری أسم تمہِ ؤری یہِ کُنگز
وُہن کھاأرن ۔ یتھ شرطس پیٹھ وڈ دِژہو زِ پزٕ تھ کھاأر چھے
ڈایہِ روپیہ دِنہِ ۔ از گاأم پنزٕ واہ ؤری نکھہٕ والان تہٕ توتہِ ووٚتُس
نہٕ کُن پرتھ ؤری یہِ چھم اُٹھن اُٹھن نوٚن نوٚن کھاأرن
وَڈ پھٹان ۔ تتھ چھُم بازرٕ کہِ نرخہٕ موجوٚب آینٕ ؤری یَس
پیٹھ وَڈ چاران ۔ یہِ کینژ وھاڈ ورِ بنان چھم تہِ گوٚھان باپأرِس
نفھس پیٹھ ٹکی کہِ تمہِ منزٕ تہِ چھم اوڈ پرَ ے روزان ۔ تانی پھو
کینژکہٕ لچہٕ ڈھایہِ گرِ یاد ۔ اَتھ کیٛاہ دپان شُر بن ہُنٛد خاندر تہِ

کھوت زانہہ میانئن پٹھواہَن براَ ژَن پیٹھ میوٗن اکھ ترکھاہ
تہٕ نہٕ بنےیہ مےٚ کھاَرشیٹھہٕ مرٕ کُنک گنہٕ ؤری یہٕ یتھ زن
اکی ساعتہٕ موکلیہا۔ یوٚ ے اوٗسم باپاَرٕ ونان کھپنہٕ وِزِ
لوٚگیہٕ میوٗٹھ تہٕ ہورنہٕ وِزِ ٹیوٚ ٹھ۔ مےٚ چھِ نٔہ خبر تیمی ربتہٕ ما
کرہم دعویٰ تہٕ کرِ ناوہم قُرُق......
(گرٕواجنی أندری درٗان) شِکسِکہٕ واوِ چھُ شُستر ووہ گُھل
پھُٹان۔ پرانہِ شہمتہٕ نِشہِ اوٗسس وُنہٕ موکلنے تہٕ ژاوے
چارنچوٗس خاندر کرنٔک۔ مےٚ پوان پرٕتھ ؤریہٕ شوٗشُس
تہٕ پوٗشی تہ تہٕ ژےٚ آمٕہ واُنج پھُٹتھ اِسبنٔد زالنہ باپتھ۔ اَتھ کیاہ
چھُ پرانیوومےٚ نمُت یڈژھرِ ےتہٕ گوٚ نژھن تاو۔

گرٕواجنی:۔ (بتِھس ژٔنڈ اہ دِتھ) کھمہٕ ہاگُر تہٕ کھمان گنہٕ۔ ستہٕ
ووہُر پان سوٗرُم یمن الال خانٔن پتھ یم ژےٚ اُچھ منز
رِکٕرٕی چھی۔ یم نہٕ زن ژےٚ نِش وُنہٕ دُنیہَس آمتی
چھ۔ مےٚ کروٚ نمے ژےٚ رتھنٔدِ باپتھ تاَزی بٔٹی کان
کرُن۔ مگر کانہہ حرکتھاہ کُری زِہے تہٕ برکتھاہ بَنہٕ ہی۔..

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ ستی آنکار گرِتھ) مےٚ اوس موٗل جنتی ونان، یہٕ ہا
اُسی رانٹس ہش اگادِ گوٚ ہان۔ مگر مےٚ اوسنہٕ پننہٕ
بیقلاَ زی موکھہٕ تسُنٔد وَنُن وبیان۔ اَز چھم تَس جنت گارٕ

سُنْد وَنُن گوٗ ھان سِرٕ ۔ یوٗرٕ وو نَمَس وُ نیکتام ہتہٕ پھر
دوٗن رتبن سۆ نٕب نےٚ چھُنہٕ وَ ے ۔ اورٕ چھُم
شمبہٕ صرافس نِش ؤ ڈٔژٹنگ فرماش دِوان ۔ یوٗرٕ چھُس
دپان نہٕ زٔٹ تہٕ نہٕ چھےٚ پٔٹ اورٕ چھم کران پننہٕ نی
کالدأسی ۔ گوڈٕ چھُس بہٕ تہٕ بیقلے یُس اُمی ہِنٛدِس
دورَنس کن تھاوان...... (زیوٗٹھ شہہ ہیتھ) کھنجہٕ ہارِ چھُنہٕ
وُنکینَس کانٛہہ پڑان ۔ مگر اُمس توٚ رنہٕ زانٛہہ فِکرِ زِ آسنہٕ ہا
چھُ ہیچھہِ ناوان تہٕ نہٕ اُسن چھُ منٛدٕ چھاوان ۔ لوٗگن ہُنٛد
کیٛاہ ملالہٕ چھُ ، پنٕنی اُشناوژھنہٕ نَس نہٕ بتِھس تھوک ، اِدٕ
کرنس خاندرَس پیٹھ پزمَن دأری ۔

گرٕواجینی :۔ (مالہٕ نمن تہٕ اُشناوَن کُن اِشارٕ لُیتھ) بہٕ گَس چھُس لیوٚل
پھُٹراوان ۔ پنٕنہٕ نے ڈورٕ چھُ خدالدان تہٕ کھوان چھ ۔
شیٛن شیٛن رتبن فاقہٕ دِی دِی تہٕ کردژ ایَس بہٕ گرٕ کانٛسہِ
ہِنٛدِس دانس گنٕی ژھنہٕ نہٕ ۔ پرٕتھ کانٛہہ چھُ پننہٕ نی زنگہِ
الوٗند ۔ ییلہِ نہٕ ژٕ آکھ کانٛسہِ بکار تم کیٛا زِینےٚ ژٕ ے ۔ پانہٕ
بہتہٕ شوٗنگتھ تہٕ لوٗگن ہیتہٕ منٛگتھ ۔ توباہ یمن سٕری پیٹھی آسہِ
گومُت ۔ تِم تہٕ یہَن نہٕ ہتھہٕ کنہٕ گُتھ رٔٹتھ...... ووتھ تہٕ
خُدا یَن چھ یمس زراتس برکت گرمو ۔ اگر شُمبہ صراف

پۆژی نہٕ شوٗ ہ رامَس ژُھتہٕ دوٗن رتَن ہٕنٛدِ باپتھ ۆ ڈیٖٹھ روٗپیہ ہتھ زِ ترٛےٚ۔ اکھ روزی شُربن پرٛتیپت بیٚیہٕ گوٗھہِ نہٕ کَنَس کن خبر۔ سورنَے تہٕ وَزِتہٕ گُلۍ تہٕ ہٕنَن نہٕ۔

رزاق بٹ:۔ (اُچھن درٛ سہٕ دِتھ) دوٗن رتَن! بیٚیہٕ کرنَے قھوٚ۔ مگر ژےٚ کیٛاہ خبر چھےٚ دُنیا گوٗن او نگجبن پیٹھ چھُ۔ ۆ ڈتل لگُن زانہٕ یہٕ۔ تیٚمِس نہٕ آسمانَس نرِ واتان نہٕ زمیٖنَس زنگہٕ پِلان۔ مگر مےٚ اوس مول جنتی ونان۔ ''یہِ ہا آسی اورِ کُےٚ پران تہٕ یوٗرک نہٕ زانٛہہ بوزان'' بانہٕ ہٕتَس دِی زِٹھانڈِ ہتھ تہٕ اُسہٕ ہتَس کیٛاہ دیزِ۔! (تانٛ چھِ کینٛہہ ہمسایہٕ بیٚیہٕ مُقدم مُہنیوا اژان) پرٛتھ دوہ چھےٚ یہِ مےٚ الہٕ گِلَس تُلہٕ گُل کران۔ اُزِ کہِ پیٹھہٕ ہوٚزی تومیانہِ گرِ خاندُرک پھاٹہٕ وَن واد۔

اکھ ہمسایہٕ:۔ ہے تُہنٛدِس نیالیس چھُ کُنُے علاج۔ ژوٚٹ ووٹ گرِتھ خاندُرک تلاش کرن۔

(تانٛ اژان رُستم چایہ پیالہ ہتھ)

رزاق بٹ:۔ (چایہِ پیالہ اَتھس کیتھ تِلتھ) نسا آسمانہٕ ما چھُ لَب وَسان۔ پتہٕ نبن کوٗھٹن ہٕنز چھم خبر اَتھ کتھہِ پتہٕ روزُن کیٛاہ گو۔ حالانکہِ ہتھ گورِ چھےٚ گامَس منٛز، بیٚیہٕ ساسہٕ واد چھِ

مٔنزِم یأرٕ ...... أمی ہنٛدِ کھوتہٕ چھےٚ مےٚ داہ گنہٕ فِکر۔ مگر ژٕ ےوَنتم کیٛاہ کرٕ ...... گژھتہٕ ژٕ ے چھےٚ بِاللّٰہ تہٕ واللّٰہ فتح لوٚنس پزٕ ژھتہٕ کأژٕ ہَن جایَن سوٗ زُم مگر پنہٕ نِس حالَس کُن ییٚلہِ نظر چھم پیوان۔ دپان چھس خدایا اقرارتہِ گوٚ ژھنہ کانٛہہ کرُن۔

ہمسایہِ:۔ (پٔنزٕ کنزٕ وَتھ ہاوِتھ) تیٚلہِ وَنےٚ بہٕ اکھ مصلحت مےٚ ووت کینٛہہ دوہ وُچھان باپأرِس ٹھیلہِ ییٚلہِ ترأوِتھ۔ تسُنٛد چھےٚ ژٕ ےٚ قرضے۔ بستہٕ ژھنِتھ کیٛاہ چھُ کھاکھرِ منٛدٕ چھُن۔ گژھتہٕ فی الحال کرتہٕ وَردَ نٛک تہٕ مسالک تلاش۔ دِیُن تہٕ گو جان نہٕ دِیُن توتہِ ننہِ کانٛہہ کتھاہ۔

گرِ وچینٛز:۔ (کتھ ژٕ ٹِتھ) ہاچأنِس دَہانٛس گُلاب۔ باپأری بہی گٔیہ کأنٛز پووپوُت تراوِہس تیوٗت گژھیس کٹنہٕ یُن۔

ہمسایہِ:۔ (کتھہِ منٛز کتھ ترأوِتھ) نہٕ دِیوٗری یچ کمأےیُس وَٹہِ پأنس کُن سہ کیٛا زِ پٔنہٕ وُنہ کین۔

رزاق بٹ:۔ (زامنا گرِتھ) گوناتھی چھوٚمےٚ دپان بیٚیہٕ پنہٕ نِس ٹُکس ژٕ نہِ رکھ کرٕنی ...... (دمادِتھ) مگر اکہِ حسابہٕ چھم چأنی کتھ پُزٕ یِوان بوزنہٕ۔ مےٚ چھُ باپأری ہنٛزٕ نِس ہٕیٛنز جان تہٕ گرک وُونٛدٕ منٛز رنہٕ۔ گژھہ پنہٕ نِس ہتھِس خامہٕ مٔرتھ

باپائے رِس نش ۔ اگر توٗ رُس آب تہٕ بُنٛتن یزمَن بارے ۔ نہٕ
توٗ رُس نہٕ مےٚ تہٕ وول پنہٕ نہٕ نکھہٕ پیٹھہٕ ( گامہٕ
چوٗکی دراژان آنگنَس منٛز ہمسایہٕ ہیٚنہٕ مُقدم مہنیو نیران جل
جل نبر )

گامہٕ چوٗکی در:۔ (نارژاپان ژاپان) ہے رزاق بٹا، رزاق بٹوٗ ۔ تلا نبر نیر
تہٕ ( آلوبوٗ زِتھے چھُ کُنی ٹلہِ رزاق بٹ نبر نیران )

رزاق بٹ:۔ (باثرِ ہوٚت) اسلامالیکُم ! کیٛاہ حضٕ خائرِ ے چھا ۔ ذٕلیل
کیٛاہ چھ ۔ ژٕ چھکھ یزارِ بغائرِ ے دوران؟

چوٗکی در:۔ (کاٗفہِ سان) مےٚ بوٗ زژےٚ پھیٚے تُلہٕ کُلِس لوٚنگ ژوٚ ٹُمت ۔

رزاق بٹ:۔ (جل جل) ہاتس ہیِن حضٕ یشروال یُس تُلہٕ کُلِس نکھہٕ
چھُ ٹُمہِ دوہہٕ پیٹھہٕ ٹھہران یمہٕ دوہہٕ صحٕن مُحلکہٕ ہیوٚ توٗ تو ہہٕ !

چوٗکی در:۔ ( گردَن زٕ ٹھر اُ دِتھ ) اِدٕ کتہٕ آویہِ تُلہٕ پَن چانِس
آنگنَس منٛز ۔ اُخرِ مےٚ تہٕ ہاوکھہٕ شاُلکی تارک ۔ ژےٚ نا
خبرِ ے اَسے ہیوٗ پنٛز ژٕ ٹھ چھُ لیکھتھ دِیُت مُت ۔

رزاق بٹ:۔ اہن حضٕ مےٚ کوٚر عرض ۔ اگر واوٕ ستی یہِ پَن وٕستھ پیٛیہِ تتھ
تہٕ چھسا بہٕ ذِمہٕ وار!

چوٗکی در:۔ ( کتھ ژٕ ٹھ ) اِدٕ کم اُشِناورو زنے ژےٚ ذمہٕ وار...... یہٕ
کالہٕ اُسی تھوٚ تہٕ گرِی پٹوٚ اُرِ ی مائن چھنے مُقدمہٕ سندِ

وننہٕ تُلہٕ گُل ژٕٹنۄک رَپورٹ کۄر مُت ۔ تھانہٕ دار صأب
وأتی پَگہہ ۔

رزاق بٹ:۔ گونایہٕ شُہمتھ اُس شوٗٹھس باپتھ ۔ لۄکھ کور ریچہ ، یِنڈر ،
الکہٕ بانہٕ تہٕ رلیۆ نہ ۔ تُلہٕ گُلنہٕ ہُنٛز بناوان ، تِمن نہٕ پیۆش کنہٕ
پیٹھی پکان تہٕ مےٚ گیہ ہانژھ تُلہٕ پنٛچ ۔

چۆکی دار:۔ (چھٹہِ حرکت کران کران) اگر تُلہٕ گُل ژےٚ پِچھے نہٕ ژٕ وٚ ٹمُت
ژےٚ کیاژِ اوٗنتھ نہٕ یہ پَن سوٗ نبر اُوتھ مےٚ نِش تِمی
ساعتہٕ ییلہِ یہ پتھر پیاو ۔

رزاق بٹ:۔ (کلس حرکت کرِتھ) جان گوتہٕ تیلہِ تھاوَکھ یہٕ شُری بأژ
پنٛز دوہس تہٕ راتس تُلہٕ گُلی نِہ گُن وُچھان ۔ یُتھ زَن
ییلہِ پنہٕ بُرگاہ پتھر پیِہ تہٕ تیلہِ تُلن تہٕ ژےٚ نِش واتن
ہیتھ ۔

چۆکی دار:۔ (گۆنژھن وَر دِوان دِوان) اِدحض گُستأخی تھأو یو
معاف ، وُنی کرِ تھانہٕ دار صأب اُمیٚچ عدالتھ پانے ۔

رزاق بٹ:۔ (تھانہٕ دارِ سُند دوٗ بارِ بۆ زِتھ کتھ ژٕ ٹان تہٕ گرِ گُن
کرِ یکھلایان) ہیورُستما ، رُحما ! (اندرِ آلو گرِ ھان) تلا اَتہٕ
وأرِتوا کھاہ تِم راتکی ٹھۄل ژور یۆ رِی چۆکی دار صأبس
کِی ۔ نتہٕ ہالنہِ یہ پکھے پلسہ !

چوٗکی دار:۔ (دستارس سُم شیران شیران) یمہٕ چانٛی ٹھوٗل ژور چھامےٚ کلس گنڈٕنی۔

رزاق بٹ:۔ (عاجزی سان اسہٕ وٕنہٕ بُتھہٕ) سون حاکِم گوکھ ژےٚ۔اسہٕ کیٛاہ چھ بڈٕ بن حاکمن ہنٛز خبر۔ بڈٕ بن حاکمن ستی گامہٕ کہِ طرفہٕ چکاودکاوتو ہہِ سوٗ اےٚ کُس اِنسان ناہ زانہِ ؟ پتھ گیہِ سانٛی خدمت یہِ بۄزی تو بُجہِ ہُند سٕترٕ کوٗن ...... اَہن حض غریبَن نِشہِ کیٛاہ چھُ ٹھوٗلہٕ بغار آسان۔ پتھ روٗزچانٛی رضامندی أسی کرو بیہ گُنہِ چیزٕ کنی بیٛہِ گُنہِ وقتہٕ ...... (چوکیدار کنہٕ ڈول ہیوٗ دِوان) مےٚ چھ خبر ژٕ چھکھ ناراض مےٚ پیٹھ مگر خُدا گواہ یہٕ اوسُس ریچہٕ ستی اکی لرِ یوٗ دہَس توٚ اےٚ ہیوٚ کُم نہٕ تتھ چون زمین وایِنہٕ۔

چوٗکی دار:۔ (نس گرِتھ) ژٕ اکھ ہوٗ ناہ زن آکھنہٕ۔ نمبردارٕ سنٛدٕ اقبالہٕ بنیاےٚ مےٚ ہتہٕ بٔڈی زمین وایِن وألی، یہ کمہِ خاطرٕ آسہٕ کانٛسہِ ناراض۔ ملبری کلچرٕ کس حکمَس ماتحت ووٚنےٚ وُہہِ پھرٕ مےٚ زِتلہٕ کُلس نکھہٕ تِنا گوٗھی زبنہٕ مگر ژےٚ گےٚ ڈٕٹس ریٛزی۔ ووٚنی وُچھکھ ژٕ پانٛےنظارٕ رپورٹک۔

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ یون گٕن ترأوِتھ) مےٚ ونتہٕ حض مےٚ کوسہٕ ژوٗر گٔرمٕژ چھ۔ پٹوٗأرِس دِژمنا گرداوری پیٹھ روپے بیٛہ

گاسہٕ مانگے۔ تِلہٕ مانگے، دانہِ مانگے، تِتھے کُنۍ نمبردار صأبَس دِژ منانوٕ ژادر تِتھے ووُنتھ، بیٚیہِ ہتہٕ رنگہٕ خدمت۔ أُغر چھُنا یمَن اِنصأفی ؟

چوٗکی دار:۔ (جل جل) اِنصاف! وول کیاہ آیےوتھ، اِنصاف گرٕھہِ پننین نُماینٛدن پرٛژھن۔ اَسہِ پیٹھ یہِ حُکماہ واتہِ تتھ چھ کلہٕ دارُن۔ اکھ ییٚلہِ ہتہِ بلایہِ نِشہِ وٕ ری یِسے منٛز مُقدم موکلاوی بیٚیہِ کرتن تاوَن زِ نُماینٛدن ہٕنٛدی پأٹھی سُے بدنام!

رزاق بٹ:۔ (چوٗکی درس اِصلاح کران کران) تُہی کیاہ حض کھیوٗ شکہٕ پژاہن۔ تَس پیٚٹھ تَن زٕ دو کھ یُس نماینٛدن زانہِ۔ تِم گے شہرَس منٛز۔ اَسہِ نہٕ مولوٗم تِم کیاہ ونان نہٕ مولوٗم تُہی کیا زِ تِہنٛز ژٕکھر اسہِ کڈان (تلیٚ واتان رحم ٹھوٗل ژوربتھ)

چوٗکی دار:۔ (ٹھوٗل ژورُو چھتھ) تیٚلہ چھے اکِے سبیل بچیٚنچ (رزاق بٹس أُرکتھ کُن کڈتھ) بہٕ چھس سوٗ زُمت نمبردار صأبَن اگر ژٕے بچُن چھے تیٚلہِ گوٗھن حلقہٕ دار صأبَس گرٕ رکھ دانہٕ مکأیے باہ ترٛ کھ دِژ۔ بیٚیہِ چھُ نمبردار صأبَس خاندرس پیٹھ زِیُن بکار۔ تَس رکوٗھ گوٗھن چانہِ ویرٕ ژور ژُٔٹتھ گرٕ واتہٕ ناوِنہٕ۔ تیٚلہِ گور پوٗرٹ خدایس تہٕ اَسہِ ذمہٕ!

رزاق بٹ:۔ (سونچھاہ کٔرِتھ)......اِدٕ حض کرِ تیٚلہِ تلاش مگر خدایہٕ سندِ خاطرٕ سۆزونہٕ میٲنِ رپورٹ تھانس منٛز کینٛہہ۔ تہٕ کیٛازِ تھانہٕ وٲلی کیٛاہ حض بزٕن مےٚ پٔتی تانی۔

چوٗکی دار:۔ (ٹھۆلن کٔن تٔلی ٹارِ وٗچھ وٗچھ) سُہ رپٹ چھُ مےٚ چنٛدَس منٛز اگر جل جل کوٚ رُتھنہٕ تلاش، تیٚلہِ ژٔری پانَے فِکرِ ژےٚ کیٛاہ بنی۔ (یہِ وَنان وَنٲنی چھُ ژٕحمنہٕ اتھہٕ ٹھۆل ژور نِوان تہٕ آنگنہٕ منٛزٕ نیران تیزی سان)

رزاق بٹ:۔ (ووشا ترٲوِتھ) رُستما! (لرِ أندرِ چھُ گوٗھان آلو) تلا یۆرِ یتہٕ۔ (ووش تراوان)

(رُستم یِوان بروٗنہہ کُن اَکھ کاغذاہ پران پران)

رُستم:۔ رِکھوزبا......ژےٚ رِکھو اوسُے چوٗکی درونان؟

رزاق بٹ:۔ (بتھ الوٗ ندترٲوِتھ) تی ہایہِ یم وَنان چھِ۔ پٹوٲرِس رِکرٕ گرِس دانہٕ تہٕ بیٚیہِ نمبردارَس کیٛت زیٖنٕ۔

رُستم:۔ (نشمہٕ سان) اگر ژٕ مےٚ تام تھاوَکھ ژےٚ ہاوَے بہٕ یم رِکتھہٕ کُنہٕ کھیاوَکھ بہٕ افسوٗس۔ یم چھی یم چالہ ژےٚ دباونہٕ خاطرٕ کران۔ اگر ہوٚ کھمت تلہٕ گُل کانٛسہِ ہنٛزِ کھیتہٕ منٛز آسہِ سُہ چھُ تَس زمیندارِ سُندُے۔ اَیز کیوتھو کہٕ جادِیوٕ ستی گر یموٚ اَسہِ بتہٕ کامَن۔ مگر سُہ زمانہٕ گوٚ یٚیلہِ چوٗکی دارٕ سُند رنگہٕ

دستاراسہِ اوس وحشت پأدِ کران۔ اگر ژٕ دانٕد آسہٕ ہکھنہٕ یٖمن روبہٕ دابَن تل یہکھےٕ نہٕ زانٔہہ۔

رزاق بٹ:۔ (کتھ لوٚ ژراُ وِتھ) ژٕےٚ بوٗ زُتھ ناأمی کیٚا زِوون مےٚ نُمایندن نِشہِ گوٚھہِ اِنصاف ژھانڈَن خأر ییٚلہِ ناوبھرپوٗر گوٚھبکھ، پانَے پھٹسبھ، مگر ژٕےٚ چھےٕ نہٕ عقلےٕ یِوٚھ گتھ واتیاہ آنگنَس مٔز کرٕنی۔ ووتھ گرٕاژھہ تہٕ أتی وَن مےٚ یِم کیٚا زِ چھ واوِ ستی پتھر یِمتِمن پنہٕ برٕگن پیٹھ اَسہِ ملٕیری کلچرُک روبہٕ داب چلاوان...... (یہِ بوٗ زِتھ چھُ رُستُم مأرلس ستی انٔد رِمس گٔٹھس مٔز اژان)



# منظر۲

(ساہوٗ کارٕ سُند وان۔ باپأری ۔نمبردار۔أکِس گامہٕ چکت دارٕ سُند معتبر، بیٚہِ بیٚا کھ گامہٕ زِ یٹھاہ چھُ وانہٕ پێنچہِ پٹھ بوزنہٕ یوِان)

باپأری:۔ (نمبردارس کُن) کیٚاہ ساۓ ژےٚ مابوٗ ژُتھ ہمسایہِ گتھ پٹھ أسی راتھ ژُوان؟

نمبردار:۔ (چلمہِ تیٚونگلِ شیران شیران) ہاأنگھ حض طوعوٗ نہٕ، مُہنیوی پێنز وُنم رزاقنی بأ ژزٕ أسی پانہٕ وأنی دوٗنکھہٕ دوٗنکھہٕ کرانٕ۔ دون بأژن ہنز ہرگیہِ وَہرأ ژہُند روٗد۔ بیٚہِ آسَن تمی ساتہٕ رَلیٚائیتی۔ (دمادِتھ)...... یمَن چھاوونی کأنسہِ ہنز نصیحت ہَٹہِ وَسان ...... بہٕ چھُس پنہٕ نۍ پریشان قِسطگ موقعہ کرِیہِ تکیاۓزِ اوڈ پوٗنسہٕ تہٕ چھُنہٕ خرچہِ باپتھ، مگر ہمسایہِ چھم آسان ڈیڈِ تلے چرٕس زالان۔

معتبر:۔ کاش لوٗرووتھہِ ہے! چکدار صأبن بیمہٕ سپرانٹنڈنٹ پُلیس انہٕ ہَن نہٕ کاۓ، تیٚلہِ گُری زِ ہم تھوٗ...... مگر شِکار ژول اتھہِ

گامہِ زِیٹھ :۔ (جل جل) نہ حض والہِ وأش ترأوی زبس نہِ۔ سُہ بۄ زُم
دَپان نِچوس خاندر کرِ۔
(دۄ رِچھ ہِوان رزاق بٹ وأنس گُن پکان نظرِ)

باپأری :۔ (بُتھ الۄنڈ ترأوِتھ) مگرۄ چھسہ أخر زمانہِ۔ لاٹہ سُنْد نِچو
چھُ پکان تژ بکھ رِگلوان، ہۄنٛمن ہِنْدِس صأحب زادَس
چھُنہِ کانہہ خیالاہ، بہِ ماوالہِ ہاپنہِ کلہِ پیٹھہِ بور۔

نمبردار:۔ (زِچھرِ سان) ہامہٗ وۄ نٕے یَمَن تاوَن زدَن چھا حض
کھبتھ چیتھ نکھہِ والنٛگ خیال روزان ہتہِ ٹاسہ بچر أوِتھ
منجیامَس مے نِچوی سُنْدِس خاندرَس پیٹھ ترٕے تژ وک
چھرِ کھٕ۔ کالہِ پگاہ کران تھوۄنس شێن رتن الوند۔ پتہِ چھِ
میأنی ہکبتھ تہِ چوکیدارِ سِنٛز بتھی کھٔنڈ اَسہِ رِکتھہِ گٔنی کۄ رسہ
أمِس نِشہِ وصۄل۔

معتبر:۔ (پنہِ نِس درأتِس ٹو کھ دِتھ) اوتہِ یہِ وَرِأس بُڈ کتھ مٕے
منجیامَس کو کرپۄتی زِ۔ تمٕے دِوان دِوان دژ اس زُو۔ أخر
ییٚلہِ أمی سِنٛز ووأتل بٹہِ واروأذُم جیرِ تہِ روٗ ٹُم کیاہ اکہِ
دوہہ تورَے چکدار صأبنہِ چکہِ پیٹھہِ ژۄ رِپتہِ۔ گُلس گنڈِتھ
ییٚلہِ نموٗ رِکنی رَتھ پھاٹومَس تہِ شامہِ نے آم کو گرژ ورپۄتی
ہیتھ۔

رزاق بٹ:۔ (نکھہٕ وأتتھ) اسلامالیکُم! (أمِس چھنہٕ سلامہٕ ہُنٛد جوابٕ کانٛہہ دِوان۔ (باپأری چھُ أکتھ کُن کلہٕ پھران) اسلامالیکُم! (نمبردار چھُ أمِس کُن کُہنہٕ نظرترأ وِتھ لِکھأرِس کُن جِچِھر پلہٕ ناوان) اسلامالیکُم!

معتبر:۔ (ڈبکس گینٛژ کھألِتھ) ہُز زحض سلام۔ مبنگہٕ متہٕ کھتہٕ

نمبردار:۔ (معتبرس تأید کرِتھ) یہٕ ٹلیہٕ سہ چھِھ۔ یے تحصیلہٕ کِس چپرأسی سندی پأٹھی اَگادِ گوٚھی۔ خصوٗصاً چھوٗنہٕ أمِس مبنگن منز زیادَے کیٛمی پأدِ گمٕتی۔ تِکیٛازِ أمِس چھُ اَکھ نچو کیاہتانی پاس، بیٛاکھ گرٕھان چھُس ژاٹہٕ ہال۔ سُہ بنبس وُنہٕ دوٕیہٕ ترِیہٕ وٕہری گبہرنل۔ توَے چھُ أزکہٕ پیٹھہٕ أمی ہِنٛدِس دِبماغَس منز کوندِ ہِنٛدِ پأٹھی وُپن شروع گومُت۔

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ بوٚن کُن ترأوِتھ) سلام کرٕنی تہٕ چھاحض وُپنے۔

باپأری:۔ (کلس پھشادِتھ) ہُز زِوسہَ ووٕنی مذہبی مسلہٕ شکس لدَس چھنہٕ وبپأنی کانٛسہٕ ہُند۔

نمبردار:۔ (کتھہٕ منز کتھ ترأوِتھ) مے ژٕنے عرض کریوٕمَے أمِس حض چھُ مبنٛگنہٕ لیٚجہٕ زیادَے پاژواگومُت......اوس سَے یہٕ تہٕ پننہٕ رِنس مالِکی سُنٛد پرٕنہٕ وایَس دانٛد، یہٕ جوابَس جواب

دِنہٕ باپتھ۔

معتبر:۔ (مل بھٔرِتھ دستار پتھر تھاوِتھ) مےٚ دِی تو حکم وُنی والُس کٔنِس زن مُسلہٕ۔اِدٕ تر بس فِکرِ زِٹھس بروٗنہہ گُن رِکتھہٕ پاُٹھی گوٗھہِ ییٚن۔ اَمہِ حالہٕ اگر اُمس شیٚن رتن سوٚنب وَےآسہِ ہے، یہِ دِیہِ ہے نہٕ کانٛسہِ ییٚتہِ بسنہٕ، نہ شوٗب، نہٕ ادب نہٕ تمیز!

رزاق بٹ:۔ (نٔتان نٔتان) ہوٗن گوٗھِ ہے نا بُجس تَس چھِنہٕ پنہٕ نی ہوٗنی دِوان گوٗھنہٕ!

باپاُری:۔ (کتھ ژُٹھتھ تہٕ بڑ وڈ کڈِتھ) وارِ یوٚ زِوسہ وٗ زیر پنہٕ نِس نیٚچوِی سٕنز کتھ۔ ووٗنی ونو ہا تٔمِس اگر اوٹ آسہِ ہے سُہ تہٕ کرِ ہا ژوچہِ۔ اُمس اوس مول تہٕ تِتھُے کاُ کر۔ یِتھُے موو اتیِتھُے پیوٗل۔ جانہٕ مرگ نیٚچوتہِ چھُس یِتھے بدذات۔ کوٗر تچھان تہٕ پوٗتی ہیچھان۔ (دماہ دِتھ) سُہ چھُس اُزِکہِ پیٹھے اخبار پران۔

نمبردار:۔ (بےفرصوٚتے) کتھِ منٛز روٗ زِنےٚ ہش پیر پٹھ راُضی اوترے ووٚن مےٚ ذیلدار صاٗبن پنجابَس منٛز ہبا گیہِ "سوہوکار بل" اپاس۔ یِمہِ سِتی تہِ کِمن باپارِن ژتھی ڈاٗبل چھ کُلِس کھِتی ہِتی۔

بابا ٲرۍ :۔ (کلہٕ ہِلوان گلوان) تِمے کتھہٕ ہیچھنہِ چھنا گریسی پنٕنین فرزندن ژاٹہٕ ہال سوزان۔ (لِکھاٲرِس کُن نَس الاٲٹزن ترٲوِتھ) تلہٕ ساٲمی سُند حساب کڈتہٕ، بہٕ تہٕ وُچھہِ ہاٲمی کاٲتِس چھِس بہٕ تل دیشُمت۔

لکھاٲرۍ :۔ (یِہی کھوٗلتھ میزان کران) زٕ پاوٕ آنہٕ تہٕ اکھ گیہ ترٚے پاوٕ آنہٕ۔ ترٚے پاوٕ آنہٕ وَنو ترٚے پوٗنسہٕ۔ ستھ آنہٕ ستھ آنہٕ ستھ تہٕ ژُرواہوُ ہ آنہٕ۔ وُہہ آنہٕ ونہٕ ہوژورَے آنہٕ حاصِل آیہٕ اَکھ روپے۔ نوتہٕ اکھ داہ پانژھ پنداہ تہٕ سَتھ زٕ توٗ ہہ تہٕ اُٹھ گیہِ ترٕہہ۔ ستھ پنژی پانژ ترٕہہ گیہِ پنژہ اُٹھ روپیہ۔ پنژہ اُٹھ وَنو پانژ ے روپیہِ حاصِل آیہِ شٚے شٚے......اُستھ گیہِ ترُواہ تہٕ اُٹھ گیہِ اَرداہ۔ اکہٕ وُہہ تہٕ پانژھ گیہِ شتہٕ وُہہ۔ شتہٕ وُہہ وَنو شٚے دٕہی حاصِل آے زٕ ہتھ۔ زٕ تہٕ اکھ ترٚے ہَتھ ترٚے ہتھ تہٕ اکھ ژور ہتھ (رزاق بٹس کُن) وولہٕ کڈ کھوٗراتھہٕ تہٕ کرانگوٗٹھہٕ ہن۔

رزاق بٹ :۔ (کھوٗژی کھوٗژی) اَتھ پیٹھ کیاہ حق چھُ میوٗن آمُت؟

بابا ٲرۍ :۔ (معتبرس تہٕ نمبردارس کُن) وُچھن ساٲپنہٕ نِس دِبَس کیٚت چھُ خبردار۔ (لِکھاٲرِس کُن) وَنُس ساٲ کوسہٕ ڈاٲلی چھن نکھہٕ واٲچھو!

لِکھأری :۔ (ہِی کُن نظر دِتھ) ستہٕ شیتھ روپیہِ تہٕ ترٕ واہ آنہٕ تہٕ ڈوڈ پوٗنسہ۔

گامہٕ زِیٹھ :۔ یہِ گوأمس کیُت کلہٕ دود۔ تلہٕ حض یہٕ ہوسکہِ فصلہٕ کیٛاہ ہوونوأمُر ؟

لِکھأری :۔ (ہِی کُن وُچھان وُچھان) ءِکنِکھ یہِ دیٚتُمت چھُس تہٕ تتھ چھُس ترٛےٚ روپیہِ ڈبل فی کھأر نرخ ژوٚلمُت۔ وُڈ منزٕ یمہٕ کنِکچہٕ پانٛژھ کھأر پھُچس تمن چھُس أزی کہِ باوٕ پنٛژاہ روپیہِ قیمت۔ یمن پنٛژاہن روپیَن چھس آینٛدس پیٹھہٕ ءِکنِکس ڈاہِ روپیہِ وُڈ گنڈِتھ وُہ کھأر کنِک ادا کرُن۔ تِتھےٚ کنٛز ژوٚٹمے دانبس ڈوڈ روپے سٕنٛز رِترےٚ روپیہِ رازٕ مہٕن ساڑ وُہ آنہٕ۔ وُشکہِ باہ آنہٕ ڈاے پوٗنسہٕ پتہٕ چھی ژور ہَتھ بقایا۔

گامہٕ زِیٹھ۔ (ہِی پیٹھ اتھہٕ تھأوِتھ) نہٕ حض وارِ دِیوٗ نظر۔ أمی چھےٚ ژور ہَتھ تہٕ کیٛنٛہہ روپیہِ برداش تُجہ مہٕ۔ تتھ رقمس پیٹھ چھُ أمی کیٛاہ ہتام آٹِہ نوٗ ناہ نکھہٕ وولمُت۔

لِکھأری :۔ (قلم کنہٕ پیٹھہٕ وألِتھ) یہٕ اوسُس اِمِس شکس لدٕ سٕنٛز ستہٕ شیتھ روپیہِ تہٕ جمعسے منٛز گنڈان (برداشتہٕ منٛز آمدنی نکھہٕ وألِتھ) ہاں ژٕےٚ چھی ترٛےٚ ہَتھ تہٕ ستٔتھ روپیہ سَتھ آنہٕ تہٕ ڈوڈ پوٗنسہ بقایا نیران۔ وولہ کرنٕتھ۔ بیٚیہِ کھسنےٚ

روپیہِ پانژٕ مرٕ اشٹامپہٕ تہٕ۔ تِم کرِ مے نہٕ وُنہٕ کینٛہہ جمع۔

معتبر:۔ (باشبرِ ہوٚت) اُتی لیکھتوس نو روپیہِ داہ آنہٕ پینٛہ۔ یِم چک دار سانٛینس چکس سوٚتھ گنڈِنس اُمس چھ پھلان بہٕ کھٕمہٕ توہہِ نِش حسابَن مُجراہ۔

نمبردار:۔ (جل جل) اوٚژے کیاہ سأپوٚوتھ مے یاد۔ سنہٕ اکہِ ششِتَس منز چھَ اُمس نوتوٗرٕ منز کاہ روپیہ بقایا نیران مے ہیٚوک تِمہٕ نَم چیر تھ تھسیلہٕ منزٕ، تِم تہِ گرِی توس اُتی جمع۔ بہٕ کھٕمہٕ توہہِ نِش حسابَن مُجرا۔

رزاق بٹ:۔ (دِلہٕ منزٕ) خدایا ژٕ کرپٛنٛی یأری۔

گامہٕ زِیٹھ:۔ (نمبردارس کُن) شایدٕ ژے آسی یاد۔ یِمہِ دوٚہہٕ تحصیلدار صأب اوس یورٕ دورَس پیٹھ آمُت۔ مے چھِ نو روپیہ ساڑٕ ستھ آنہٕ پنٕہِ چندٕ تیٚشندِ رَسہ خأطرٕ پیمٕژ، تِمو منزٕ چھ پھلان اُمی سنٛزِ اسامہِ زٕ روپیہ ترٕ پوٗنسہٕ تِم تہِ لیکھتوس اُتی!

رزاق بٹ:۔ (زِٹھس کُن) ژے تہِ پیہِ سأزی رَس یاد!

لِکھأرِی:۔ (جل جل) وُچھ سأ کھبتھ چیتھ کیاہ گیہِ یڈ ہیوٚ رکُن کرِنی۔ اگر روپے پینٛہ ہَس چندٕ کڈِنی اُمس تہِ ترہے فکرِ گۄ پچھ پوان گرو گر اُمس کیاہ پھِ ژُٹہٕ تہٕ زِمہِ پیلہِ

بلہٕ چھن شۄلہ دِتی مُتو۔ بدٕ اَتس چھُس نبٹھس ژۄنگ دزان۔

گامہٕ زیٹھ:۔ (تشریح کران کران) نہ حض أمِس اُچ میانہِ نےٕ پوٚنسن کینژٕ ون پیٹھ ٹلہٕ تأج!

رزاق بٹ:۔ (باپأرِس کُن) اِدحض ییلہِ ووٚنی یہٕ کتھ کرٕ زبو کڈی توم مُلہٕ۔ اسہِ نے پنُن نصیبہٕ آسہِ ہے بَد۔ فصلس کیا زِ گوٚھہِ ہے شِنأے۔ تھۄند بور کیا زِ روزِ ہے نکھہٕ پیٹھہٕ والہٕ نَے!

باپأری:۔ مےٚ وُچھ ژےٚ یُو گوٚ ھتھ تہِ میٚوٕ ے گرٕ ھان۔ باپارس منٛز یُس پھوٚل سُہ پھوٚل توٚرے۔ ژےٚ اوسُے زنگہِ شکس تہٕ یہٕ ووٚ لتھس پأنس ستی۔

معتبر:۔ نہٕ حض تو ہی ہیٚے توٚ أمِس ییمن روپین برات۔ أمِس تہِ ترِ فِکرِ گتر بو آسمان کیاہ گو، ییلہِ ژٕ پنچاٹھ کمیٹی منٛز سُہ برات پیش کرکھ۔ (نوٹ:۔ کمیٹی منز چھِ تِمے ممبر جادِ ییم گریستین پرٛژھہٕ گارِ روٚ ستے اختیار آسنہٕ بغأرٕ ے باپأری سنٛز برات وُچھتھے ڈگری دِوان چھ) یتہِ زانہِ باپار کیاہ گو۔ توہہِ ترأ ووِ ییمن وَگ ڈیج تہٕ ییم کھتی نکھس۔

باپأری:۔ (لکھأرِس کُن) ژأنُن سأبڈی بابہٕ سنٛزِ گوٚچھہِ منز، اَتی کرووس یتی مِس برونٛہمس گُل میزان۔ أسی تہِ اَژووٚنی تھک چیتو (یہِ بنٛدِتھ چھ لکھأر رزاق بٹس وأنس اندر

ژانان) مےٚ چھُ عدالَو منٛز سیٚز راوُنٕک أمِس انتظام
کوٚرمُت (گامہٕ زٕنٛٹھ نیران نبر)

معتبر:۔ یُہس گوٚھبس پرٕ سٕکِس نبر خس والِن ۔ أ‌ٔخر گگر ہےٚ فی
کھأرسیر جوراہِ نوان چھ، تم کتہٕ نیرنَس فی کھأر ہےٚ سوتَس
تانی تژ کھتارٕ موژان چھ۔ تُلنَس تراونَس اے پرٛتھ کھأر
پانژ واہ چھونان چھُ ۔ سُہ کسر کُس دِیَس ۔

باپأری:۔ مےٚ نسأمشہِ نہ کینٛہہ، أمی سٕژِ کالدأ سی تلہٕ توٚ رُے نا فکرِ
یُہس کیاہ چھُ اسلہٕ پیٛٹھی ٹھوٚل تراوان میانہِ یا چانہِ کتھہٕ
چھس نہ شژ پأنی!

معتبر تہٕ نمبردار:۔ (اکی زنوٚ) اگر ژٕ ےٚ یہِ چکدارٕ سنٛدی پأٹھی چورتھن تہٕ یہِ
وتہِ، ورنہ أمی چھُ پننٕ کنہ چأنس رقمس ڈاگر کوٚرمُت ۔

باپأری:۔ اَہن سأ أمِس آسہِ از خبر کیاہ نُین ۔ تُمی سٕتی یہِ یہِ
وتہِ ۔ ووٚ تہِ توٚ تہٕ أژِواندر، أتی دِیُوٚمےٚ رٕژ مصلحت۔ یا متھأز
نِوسرٕ منگہ کینٛہہ تہٕ اتی کروس تُمہِ بروٚنٛہہِ جمع۔
(یہِ بوٚزِتھ چھِ سأری وأنس منٛز اَژان)



 

# منظر ۳

(رزاق بٹُن گرٲژان چھ گرٕواجِنی بیٚیہِ ہمسایہ بایا)

گرٕواجِنی:۔ (ہوٚل گنٛڈِتھ ہمسایہِ بایہِ کُن) بہٕ کتہٕ اَنہٕ سوزبو، ییٚمہٕ ستی حمہپرٕ۔ اَسہٕ تہٕ یوٚ ژُھن خاندرُک رونہٕ زون کرُن۔ دوٕیہٕ وٕہرِ ژاومیأنِس خانہٕ دارَس آب تہٕ گوبأپأرِس نِشہِ مصالَس تہٕ وردٕنس۔ بہٕ تہٕ اُلجھو چھس پننہِ طرفہٕ لیٚجہٕ، اَنٛژ، بُشکابہٕ، ژاُنگی، لشہِ، کاٹھ، بیٚیہِ یوٚٹھ جمع کرنہٕ۔

ہمسأے بأے:۔ (دنٛدَن تل اوٚنٛگ ژھٕنِتھ) یہِ کیأزی دی گیہِ دَپہٕ وٕنی تہٕ ماٗنٛزِ راتھ کُنی۔ توہہِ تھأوونہٕ کنٕس کن خبر۔ شاید چشم بَدَس أسو کھوٗژی مٕتی۔ یا گوأسی چھنہٕ زاءمتی پیأءمتی۔

گرٕواجِنی:۔ ہاپچ نہٕ بزانتھ تہٕ تمہِ چی وومید۔ وُنہِ چھنہٕ کُنہِ کتھ تہٕ گموٗسہی۔ کالہٕ مصلحت کرنہٕ پتھٕے چھُ ٹاکین آمُت وہراونہٕ ہتہِ چیز اَندرٕ چھنہٕ وُنہِ اَکھ چیز تہٕ تیار۔ آونہٕ اوڈتہٕ گونہٕ ڈوڈ۔ نہٕ پچھے رات کُنہٕ نہٕ چھُ دوہ۔ باقٕی کتھن ژھنتہٕ بلاے۔ وُنہِ ہَدی چھُ کھورٕ گنٛڈ چ کتھ تانی الأنزِے۔ خاندر کرُن ہَدی گوکھونہٕ وَتہٕ کھوڈ کھنُن......

یتھ کامہٕ گوٚھن اَسی رفیق۔ کسکوے۔ پوشن ڈٕلی،

واین واُلکہ تہٕ ژھانڈن واُلکہ ۔اِدِ دِی کُنہٕ ہٕٹ نَے چھَنہٕ گجہٕ دَزان ۔ کُنے زون کوتاہ رَٹہٕ اسمان ہنجن پٹھ ۔ (تامتھ چھُ دوییم نیچوِ رٕحم اژان ) ۔یہٕ کیٛاہ آومہراز سُند بوے ۔اِدِ دِی تیمِہ سِہ ہی شُری چھایمَن کامین لایق ؟

رٕحم :۔ (بانبرِ ہوٚت) ژٕ چھکھ ژھانڈان انِظامے ۔ مےٚ ہیٚوٗ زبَس پھاٹوٗکھ کھاسر ۔ سُبحان پوٚتُل ونان اوس تس پھالہٕ وِباپاری زِکھاَرزِنہٕ شانَن پٹھ بیٛنہٕ ...... مقدّمن تہٕ معتبرَن ۔ (کیٛوٗ ژوٗکالا چھِ گرٕ ھان ژھوٚپہٕ ۔ گرٕواجنہٕ چھ کھوروَتلہٕ میٛوٗ ژلان نیرِتھ)

ہمسایے بایے :۔ (ہمت کُرِتھ) گوٚبرا ژٕے ییٛلہٕ بوزاتھ یہٕ حسبِ حال ژٕ کیٛازِ دوریا کھنہٕ رٹہٕ رَٹھ کرنہٕ ۔

گرٕواجیٚنۍ :۔ (زیٚوٗٹھ ووش ترٛاوِتھ) ہے یہٕ ژِھنکھ ڈوٹھ خانَن اُمس بچاُرِس چوٗرُکھ دُہہٕ پھِرِ ہوٚٹ ژاٹہٕ ہال گوھنَس پٹھ ...... ہے کیٛاہ بنیام، کیٛاہ بنیام ...... ہاے غریب مہٕ اُسن کانہہ (اُش ہٕکہٕ ہیتھ) مائِلس گوسنہٕ کانہہ دوہ، یمہٕ دوہہٕ نہٕ ییم جہنم گاراکہٕ نتہٕ اکہٕ ہیتہٕ مُسلہٕ والکن ،اسہٕ نَے آسہٕ ہے ازموومُت کارخانا نتے اسہٕ آسہٕ ہے قبرِ جاے میچھو تہٕ تھبن بدروین نش ،ہاے بدنصیبہٕ کتھ تاونَس لِگی !

(زٕرحم چھُ أش بکہٕ تراوان)

ہمسایے بایے:۔ (تسلی دِوان دِوان) اٰہَن دی یُہند ازرُون تہٕ ظُلم اَے چھُ نہِ ٹکین نٕمن پتھ۔ یمو اے سون نیال مونڈ مُت چھُ یمَن نَے کانٛہہ غأبی بلایا پیہ یمو اَےُ چھُ اَسہِ وَے تانٛی کأمنٛز کوٚر رمُت۔

گرِواجینٛز:۔ نہ دِی میأنس خانہٕ دارَس آسہِ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ یہنٛد ے دستہٕ قضا۔ سون وَدُن تہٕ رِوُن کیاہ کربس۔ ہُسی درَن نہٕ واوس تہٕ بُجہِ کڈن کپَس...... زَن چھنہٕ اسہِ نہٕ مال پَتُن نہٕ زُوپَتُن۔ ہو کھہِ سُنٛز کُڑ تے چھ کُنہِ پأدِ گرٕ ھان تَم تہِ چھِ ژلان یِیے ہیتھ۔ اَسے چھنہٕ بنان پنٕہ نین شُر بن ہٕنٛز کتھ کرِنٛی۔ تَتھ تہِ چھُ یُہنٛ ے موکھ۔ یوٚت اتھہٕ پلان چھکھ توٚت چھ اَسہِ برٔنٛٹھے آسان وأتی مُتی۔ دا ے پننہِ بد نٔصیبہٕ شُری واجینٛز مہٕ أسِن کانٛہہ۔

ہمسایے بایے:۔ اٰہَن دی سون کُس بوزِ! پٔپس کُس تھاوِشُپ دولہٕ۔ اسہِ تہِ ژھُنکھ أمس کٕتھ سُندِس منٛز دٔہن جاین کھَن۔ شکل گُنڈنَس یمنے بدٔھن ہٕنٛز۔ اُخر توہہِ تہِ پیٛو یمو ے کنڈ ہو منٛزی نیرُن۔ خھوٚ صا بابا پٔرِس نشہٕ!

زٕرحم:۔ (اوٚش ووتھراوِتھ) ہابلا ے ژھنتہٕ دی خاندرَس بَس

ہُدی چھ ننٹھ زِ گہہ آءِتی برأ ژن ننٹھ کران کران......

گوڑ چھا بنان اسہِ شہہ تر اوُن پننی ہمسایہِ تہٕ اُشناو چھ

گرٕ ھان یِمَن کالہٕ کالے وننہِ تہٕ کوگر بانگی چھُ کاثہہ نتہٕ

کاثہہ واتان کُنہِ ہیتہٕ یِہس بےؤ کری کرنہِ......(اُش بگہٕ

ہِتھ) یِہ چھےٚ بیہ سٔنزِ ے کلینگ !............یِہ اوُسس

وَنان یِہس کرٕ ہونہٕ خانٛدر کیٛنٛہہ تہِ۔ مگر میوٚن وَنُن چھُ

بنگہِ منٛزی وورُن گرٕ ھان مےٚ اوس خیال یِہس ماموکاہوَ

باپاٗری سٔنٛدِ پنجہِ تلہٕ مگر.................

گرٕ واجینٛز :۔ (کتھ ژٔٹتھ) مگر کیٛاہ !.........وونی ونکھ موج لٔج

پتہٕ...... اُ چھن سوریؤم گاش توہہِ کُن وُ چھان

وُ چھان۔ تُہنٛدی گاٗم رٕ چھِتھ گرٕتھ گٔتھ کڑٕنی............

مےٚ کیٛاہ چھُ موٚنگمُت تَس وَردَن ٹکرٕ داہ پنٛداہ وَس اُٹھ

ستھ تہٕ مسالہٕ روپیہٕ زٕ ژور۔ یِمےٚ بنیاے نہٕ تَس

ژٹنہِ۔ یَس کلہٕ پیٹھی گوٚمُت آسہِ تَس کیٛاہ اوس اُ کیسے

جایہِ پھٹُن ٹھیکہٕ۔ اُخرٕ اُ کیسے جایہِ چھانانہٕ ژٔٹھو۔

ہمسٲے باے :۔ (او٘ ننگجن ٹیس کڈِتھ) وُ چھتہٕ کیٛاہ گیاوزبر۔ اَتھ تِلواٗنی

زچہٕ یہِ پھیوٗرتہِ۔

(تانی اَژان رزاق بٹ ہَلمن اتھہِ دِتھ) یِہ کیٛاہ آوپانہٕ یِژمَن !

رزاق بٹ:۔ (کائنسہِ کُن وُچھنہٕ بغاۍ دروازَس پیٹھ) ہَیو رُستما! رٕحما! تلاالتہِ ہیتہٕ ماجہِ پننہِ لیچاا کھ یہِ مسالہٕ تہٕ وَردَن تھاوٕ ہو تتھی مٔز۔ طاقچس پیٹھ نارو زِوارِ۔ نیبرٕ ہا متنس گگر۔

رٕحم:۔ (لیچاا کھ جَل جَل برونٛہہ کُن تھاوِتھ) بباا اَسہِ ہاہٕ ژٕ ژےٚ لویہِ نَے باپاۍ ری۔ لوٚگےٚ ماکُنہِ۔ اَسہِ ہاہٕ ز پر مانوٕ ستی دونگکھ ژٕ۔ پیٚیہِ ساگرَس ترٛٹھ۔

رزاق بٹ:۔ (پوٚندا اہ ترٲوِتھ) وولہٕ سأ لایہِ تےٚ تس چھُ اختیارٲغر چوب ہیٚنےٚ دِیہِ ہے، اَسہِ تہِ مانیرِ ہے حاجتھ۔......

رٕحم۔ ناٲغر لویہِ نَے کیٛاز۔ ژےٚ توٚگےٚ ناکھرٛ اوِستی پھُٹراوی زِ ہس دنِد۔

رزاق بٹ:۔ (زامنا گرِتھ) گوٚ براہ ژٕ زانکھنہٕ وُنہِ دُنیاہ بساوُن کیٛاہ گو۔ لاینہٕ ستی چھا کانٛہہ لوچہِ ماجہِ ہُنٛد بنان۔ اُغر یُسند کھیٚیےٚ زِ تَسُند کیٛاز ہیےزِنہٕ سےٚ مےٚ چھنہٕ توےتَسند بو چوبوٕ پش ٹو پھ تہِ لگان۔ بیٚیہِ چھا بیقلا غریَن آسان چوبَن نوٚ و دیِن!

گرٕواجینٛز:۔ یوٚ تانی اُمس سٕہ پوٚتی کھاو زُوکڈِ توٚت تانی لگہِ ہَس پش ٹو پھےٚ۔

رٕحم:۔ (جل جل) تو تہِ از کیٛاہ موٚکھ گونڈنس۔ اُغر کریا ژےٚ

سُہ دوہے پیر بَلُن کتھ ۔ پییہِ سا گرٕس نبہٕ تزٕ ٹھ !

رزاق بٹ :۔ (گوڈَن واش کڈان کڈان) دوٚ پنم ہبا اِشٹیا مَس پیٹھ نبٹھ کرٕنی مےٚ پھُر شہمتھ مےٚ پرٛژھس یُہس کیاہ زِوولتھ بیا کھ پوواوٚ ڈنرخ بون گُن ۔ بییہِ کیاہ زِ ژٕ ٹتھ ارداہ تزٕ چ کھار بَس أتھۍ پیٹھ کھوٚت أمِس کاڈبن سرسان پتہٕ گوٚ ژھوٗ پھن تمۍ سٕنزِ زِیوٚ کیاہ دراوےٚ دوٚ پ لکبھ چھار رکبھ تہٕ لأ رِتھ گوٚ ھِ ۔ مگر سٕتی دِیُٹس میانہِ دُشمنوٚ حبس ۔ تہٕ پتہٕ اگر ژنجہِ پانژھ ہپوٚم تہٕ توتہِ کرٕم کأم دَلےٚ ذٕ پِتن تہٕ گرٕ گوٚ ھِ پکُن ۔ (یہِ ونان ونان لیجہِ منز وَردَن تزٕ اوان ۔)

گرٕ واجِنۍ :۔ أمِس توٚ گنا یورٕ کینٛہہ تہِ وَنُن تَس لکبہٕ واتلس !

رزاق بٹ :۔ (عقلہِ سان) اما گُن گرٕ کیاہ سنا کرِہے گامس میأنی بیٚیہِ منزی مُشتہٕ ہأوی گُس سنا ژھکھ موٚ رہے تس ۔ ونان توٚ ری ۔ ہوٚنی ووران کارخانہٕ پکان ۔

رحم :۔ ژےٚ ہاتھو وتھ اَسہِ کُیت ظُلم نوٚ ورأ وِتھ ...... جان گو.......... اِدٕ سہ ووٚنی کوسہٕ کأم گرتھ آ کھ تہٕ وَن ۔

رزاق بٹ :۔ اَ کھ کیا سہ اونم وَردَن ۔ بییہِ کوٚ رُم بابا پأرِس سٕتی حساب بییہِ کڈان آسہِم نمبردار، معتبر تہٕ گامہٕ زیٹھ کینٛہہ روپیہِ

باتے۔ تم تہِ لکھناوِم باپأرِ سِندِس حسابَس منز۔ یتھ زَن وُگرأے تے روزأکی ہشۍ ۔ بیٚیہِ سمکھیوٚس وَتہِ فتح لوٚسَس تہٕ بیکس أکس تمن ووٚ نُم ازأکس جایہِ گوٚھن۔ ازشام تانی أنن تم تہِ ویٚوٹھ پوٚٹھ جوابا (ہمسایہِ بابے چھےٚ مے گو اِسبند اُنن مُشتھے۔ وَنان ونان نیران)

گرِواجینٛز :۔ (لیٚج أکتھ کُن نتھ کپر ٹکراہ کڈِتھ) یہِ ڈبل زہن شکس کتھ کوٚ چھس اوٚ نمت یتھ نیرَن نہٕ ژوردوہ۔

رزاق بٹ :۔ (خشمہٕ سان) ووٚنی کمن أشِناوَن ہمہ ہاجبل تہٕ رَفل۔ أمہِ ڈبل زہن کس أکس أکس پٔنس تہِ چھم أکھ أکھ موے وال الوٚند۔ تُہی یوٚم کٹھ کڈنہِ۔ ازتہِ پیم ساڈن ترِبن ہتن پرانہ علاوِ اِشتام دِنی۔

رحٕم :۔ (مالکی سُند وَنُن بوزنہٕ بغأرِ ے)..........ٹوٚپی پھوٚل تہٕ دأے نال ہاچھے گومُت مُشتھے بَبا!

گرِواجینٛز :۔ نتہٕ چھأمی سِندبن کارَن سخ شوٚب وُنہِ چھس ہتھ چیز باتے۔ تانی چھن کأم گرِہو۔

رزاق بٹ :۔ (بُمن درزسہِ دِتھ) مےٚ چھ چانبن نکھرَن تہٕ تجویزَن ہنز خبرِ ے وُنہِ متہٕ ثلثہٕ روپیہِ ہٕتس شورِ ے یتھ ہمسایہِ بوزَن۔ (رحٕمس کُن) تلا گوبراہ ثلثہٕ یہِ لیٚج پٔتی مِس

گُٹھس منزٕ تِتی ہاوَ چھو کیاہ چھُ پرٕ۔

رٕحم:۔ (لیچ اُتھس منزٕ تِلِتھ نیران نیران) بَبا پیٚتھی پیٹھ دِژ تھاہ ژےٚ ساڈن ترٛبن ہٮ۪تَن نوٚ برات لِکھِتھ؟

رزاق بٹ:۔ (نیران نیران) اِچھا آسمانہٕ وَسان۔۔ سأری نیران ہتی مِس گُٹھِس منزٕ اژنہٕ خأطرٕ)



# منظر ۴

(کورِ مالی سُند محلہٕ اَڑان رزاق ہٹنی یار جوراہ۔ اَکس گاسہٕ بور کمبرَس پپٹھ تہٕ بیٛکس پھیٛکس پپٹھ اکہٕ بأنی)

صدیق ماگرے:۔ (پکان پکان) اَہن سہ مےٚ تہٕ چھُ ونان رزاق بٹ پرسہٕ پپٹھہٕ ژ کرتہٕ ہمتھا تہٕ فلأنی جایہٕ رٹھتہٕ میأنہٕ ناوِنم۔ مگر سُہ یِتھ جایہٕ چھُ ونان گرٛھن تتہٕ اُس اَسہٕ دون بأژن پٮ۪ٹہٕ نِس نیچوِس بجأیی ژھانڈِنچ مصلحت آمٕژ۔ اَتھ چھُ پھیرِ آمُت۔ خبر رزاق بٹَس ہتی ماژھبن وُمرِ ہنٛزٕ اَچھ۔

ملہٕ گلہ:۔ (پکان پکان زٕ ٹھراُوِتھ) آ............دہ...... سأ۔ تیلہٕ گونا مےٚ وُنیکتام سیکہِ تیل تہٕ وتھرِ نہٕ صابنَ۔ بہٕ اوسُس دِلہٕ منٛزی سونچان ژ ونہٕ ناوتھ بہٕ تتہٕ رزاق بٹ اَکتھ گُن تھاُوِتھ پٮ۪ٹہٕ نِس نیچوِس یاباُے ہنٛدِ خاطرِ۔ مگر اَتھ چھُ پٕژتس تہٕ پٕژ تاہ زامُت۔

صدیق ماگرے:۔ (البانہٕ دزِ سہٕ ہیوٚر گُن کرِتھ) پھرِ ژ ورس دارِ گُنڈ۔ تیلہٕ کرابہٕ ژےٚ رِکنہٕ پاُنس رِکنہٕ رزاق بٹس منٛزِم یارٕ ز؟

ملہٕ گلہ:۔ یِی چھےٚ نہٕ ژےٚ دُنیچ خبر۔ اُسی چھُ دوٚ نوٚے ئلی بیگ۔ رزاق بٹن یأنی کار چھُ فتح لون تَس ہٕنٛزٕ م کورِ مالی چھُ

نابدٕ پھۆل تھوٚوُمت أسس مٔژ۔ مٔژی چھُ اَسہِ ٹلٕو وِزلہِ کنہٕ

ژوٚپا کڈان۔

صِدیق ماگرے:۔ (زٕ ٹھر اُوِتھ) تی ہاتیلہِ چھُ ووٚ نمت ووستادَن زنگے

تھاوِنی نبر ............ اگر رزاق بٔنس فتح لونہٕ نہِ دستے سبزر

گوتہٕ بہتر ورنہٕ وُچھوٚ تمہِ پتہٕ کیاہ کرِ خدا............ یہ باز

اتھہٕ گٔژھِتھ بنہِ نا اَسہِ نیتھرِ ے شُربن۔

ملہٕ گُلہٕ:۔ (رٔشِتھ زن) گونا دون وٕ رین گوتیلہِ مےٚ آب منٕد

نٕے حاصِل ۔ مےٚ چھُ وادِ اگر ژٕ پتھ ہیکھ رزاق بٔنس

دِمہٕ نہٕ زانہہ اَتھ وَتھ پانٔس مقابلہٕ۔

صدیق ماگرے:۔ (ژٕ چھرِ سان ہیچھناوان ہیچھناوان) ژٕ بوزمیوٚن رزاق

بٔنس جواب نہٕ بروٚنٹھے، سون شور کرُن گوواوَس ناوِ

سأل۔ کوٚ رُکھتس اقرار تہٕ لاگ تہٕ مٔلہٕ تھہٕ کٔنی خوش گٔژھی

اگر انکار کوٚرہس تیلہِ چھے وَتے موکجہِ۔ پتھ گواگرمےٚ مٔیرِ

پھوٚ اُی کرِ ومےٚ چھُ تتہِ منظوٗر۔ تِکیا زِ بہٕ ہیکہ نہٕ دوٚنوٚنی

ستی اُچھ ژٔٹتھ۔

ملہٕ گُلہٕ:۔ (خوش گٔژھِتھ) یی چھاوادِ؟............ (حأرأنی سان)

اومےٚ ہوٚیادمےٚ چھنہٕ پرِس پرٕ ژھ مُتےٚ وُنہ یہ آنچار

کھسیاحض کِنہ نہٕ۔

صدیق ماگرے:۔ (جل جل) برحق! پپرس پڑ ژھنہٕ بغأر خبر کیا آسہٕ ہی
ڈیشن .......... بہٕ تہٕ چھُسے وادٕ کران بہٕ اَژے نہٕ اَتھ
ٹکرٕ اُلس مٔز ووٕنی۔ مگر ژٕمہٕ کھےٚ توٚت۔ صبرس چھ
مزٕ ری۔ (دوٗ رٕیوان فتح لون تہٕ کورٕ مول کورٕ مائلی ہٕنٛدٕ
گرٕ نیران بوزنہٕ) وُچھتہٕ اُخرزمانہٕ پٔہنٛزٕ کتھ کران
تَمے چھ پکان یُری۔ پگھ تیز پہن۔ یتھنہٕ یَمن گوٚھو نظرٕ
(یہٕ وُنتھ چھ دونوے اکہٕ طرفہٕ ''خر کھٔنے پیٚاو خر
کھاوناو'' وَنان ونان نیران یموٚ پتہٕ چھُ فتح لون تہٕ کورٕ
مول کتھہٕ کران کران اژان)

کورٕ مول:۔ (فتح لونس کُن) اَہَن سائبرانٛدٕ گٔنز گوٚھ آسنی ڈر۔ یمہٕ
کتھہٕ ماچھےٚ اُنزراونہٕ یوان اَتھو پیٹھی۔ بیٚیہٕ چھ میأنی شُری
میٚانٛمن مامَن شُر بن ہٕنٛدبن مامَن تہنٛزٕ ماجہٕ ہٕنٛد بن مامَن
ہٕنٛدٕ اختیارٕ۔ تم ییلہٕ آنکارا کرٔن تمہٕ پتہٕ چھ بیٚیہٕ مانٛز بوے
تہٕمن تہٕ چھُ پڑ ژُھن مگر فی الحال ونتہٕ مےٚ تَس کیٚاہ
صوٗرت چھِ؟

فتح لون:۔ یمہٕ دوہہ بہٕ آسے ژےٚ ہلم داُرٕتھ تمی دوہہ ووژھاواَتھ
کتھہٕ پن۔ اَتھ کیٚاہ چھُ پڑ ژُھن۔ اُخر پرٔون رِشتۍ چھُو
پانہٕ واُنی توہہ زاُنہٕ وۄکھ تمہٕ تہٕ تمہٕ زانٛن توہہٕ اُسی چھ گٔلی

پیٚوتلۍ زالان یہِ زن بدلیاوسمسارورنہٕ اکہِ دہ ہہ اُسیوا کی
نالہٕ زٔٹ کڈان۔ پرٛؤن پرانان تہٕ نوٚو نوان۔ چھیہِ یاد
سہٕ کسہ کاٗلی ہُنڈ ؤری، کتھ کنۍ اوس چوٚن جنت گارمول تہٕ
سُہ یکہٕ وَٹہٕ تچھ بچھ کران۔ سوٚکھس سوٚ چھس اکھاٗ، کس ڈکھ
روزان۔ کوٚت گوٚسُہ زمانہٕ!

کورِمول:۔ (آوٹنہٕ یتھ) آہن سأتمِنے روزِنہٕ تمہٕ اُچھِ شفگرٕ ہنز رَگہ
نیہِ نکھ ژٔٹتھ مےٚ چھوٚنہِ سے پراٗنی نظر۔

فتح لون:۔ (اِشارٕ لیتھ) تیلہِ گونایی توہ بستہِ کرو مینگن بستہٕ۔ تہٕ کاٗم اَنوَ
انجام۔ یتھ زَن ییٚہِ پرٛؤن رشتہٕ زِندٕ گژھہِ............ یتھ
گٔیہِ صوٗرتھ۔ مےٚ چھُ وُنیکتام تمام کتھن دَل دِیتُمت
شاید چھنہٕ کانٛہہ کتھاہ یتھنہٕ پَن ووتھہِ۔ اگرژٕ ے صِرف
جادا دِ ےیوٚ چھُن چھی تہٕ ووتھہ تہٕ پلنہٕ ژٕ ے کہنڈ ٹھاک چھی۔ یتھ
گواگر مےٚ ییٚتھ پڑھ چھے۔ بوزتہٕ یہٕ وَنے۔ گیہِ ترٛ ے
ژور، گاوا کھ، وؤژھ اکھ، داندٕ ہوٗ راہ۔ پتلہٕ اکھ، دیگچہٕ ہنا
اکھ، ژادرا ژادرِ پچہٕ جوراہ پراٗنین ہُنڈُ ے
خاٗرات، سماوارٕ ہنالیٖف کرنِکہ خیالہٕ چھس یوٚہَس کپس تہٕ
ؤوہمو۔ پھوٚتی ہنہٕ ژومبرٕ۔ خام عیال آسنہٕ سببہٕ نسہ پھبیاو
نہٕ کنٛہہ تہٕ اوس تمن اکہ وقتہٕ دوہ لگان ہوٗتی رٹان تہٕ رات

ٹھوٗل تُلان ۔ بیٚیہٕ کیاہ گوٚ ھہِ آسُن گرٕ پسی گرَس
امہِ علاو کھوٚپٹہٕ وول، اسامہِ وول، ژھوٚٹے بوز..........
گامہٕ منز پنٕز یورتہٕ پرتیٚپتہٕ وول............ مےٚ چھُ یہِ اکہِ
وُہم چرَ کھ.....صدیق ما گرے، آخوٗن صاٰبتہٕ مُقدم واتی ہتی
آسنَ ژٕ ے الگِ الگِے ۔ ژےٚ پتھے کورِ کرِ نے کُنہِ نتہٕ کُنہِ
جایہِ ۔ دہَن کتھَن وَتم کُنی کتھاہ ژٕنے چھیہِ خواہش رِکنہٕ
مےٚ چھُنہٕ پار پھلان ۔

کورِ مول :۔ ادِساو چھواسی تہِ کروپانہٕ وانی مصلحتاہ چون گرٕ ھہِ یوٚ ڈ دوہ
گرِتھ بیٚیہٕ ییٚن ۔ اسی پزٕ ژھو پنہٕ نہِ براڈری بیٚیہٕ کورِ ہنٛزٕ
پوٚ پھِہ، ماسہِ، پیٚچنہِ، چون تہِ گوٚ ھہِ یمَن نِشہ ہلم دارِتھ
گوٚ ھُن دپُن گوٚ ھیکھ کورِ مول کُس ہوٗن چھُ یہِ گرِ یوتہِ
گرِ وتوٚ ہی ۔ تمَ کتھاو مُنڈِس پتھ گردن ۔ مگر یمَن نِشہِ گرٕ ھہِ
بڑ دوہہ بروٚنہے گوٚ ھن بیٚیہٕ پوٚتُس پتھ ۔ وانٛکس چھُ
ووتھان وُشنہے دیلِ ۔

فتح لون :۔ (اُمیدواری سان) آہنہ اگر یموٚ منز کانٛسہِ کنَس کوٚش یا
دول دِیُت یا نہٕ یوٚ تھ تارتخاہ تھوو تیلہِ؟

کورِ مول :۔ لونا! اُمرٕ چھُ تمَس تہِ مازٕ سے واتھ ۔ ژٕ انتہٕ کانٛہہ جواباہ پتہٕ
بوز وخدایَس کیاہ آسہِ کرُن تہٕ یوٚھُن (یہِ بوٚ زِتھ چھُ

فتح لون سلاما ئرِتھ نبر نیران کورِ مول چھُ کورِ ماجہِ آلو دِوان )
کٕو رگیہِ بالغ تہٕ گُزاراتہٕ چھنہٕ کینْہہ۔ مگر بیا کھوری کڈنس
تہٕ چھنہٕ ؤزنا۔ پرٛون زمانہٕ رٕو دنہٕ سارِنے زاے تہٕ زٕبن
( کورِ موج یِوان بروٹھہ گُن ) تلے بوز کھنا یوٚہس کرٕ ہو
أمِس کورِ آممِن پنٕن گنڈٕ واٹھ۔ لٔکھ ہے یِوان چھ۔ أخر
ووٚنی گُس جواب وَنو یمَن۔ اَتھ اندر تہٕ پرٛتہٕ حمداورَے
چھوٚ نکینَس یِوان۔

کورِ موج:۔ ( کتھ ژٕٹتھ ) ییتی چرکھ یم دِن تیوٚت چھُ کورِ یُد ہُران
دِتہٕ گوٚش حالَس۔ وُنہِ چھا فلأنی سٕنزِ کورِ کھوتہٕ میأنی کٕور
بٔڈ۔ غفارُن مرُن مےٚ چھِ یِوان بوزنہٕ وُنہِ سہ دودِ ے
چوان۔ یہِ اوُسس رتھاہ تہٕ نیرِ تھ گیہِ۔ نتہٕ أمی سٕنزِ کھرِ یم
کورِ چھےٚ تم اَے چھےٚ وُنہِ بتہ وارے کران۔ دوپہرَس
ووتھان تہٕ کریژھ کڈان۔

کورِ مول:۔ ( نا اُمید ہیو گوٚھتھ ) تلے بوزتہٕ أمِس ہےَ تُل خدا یِنَ
دَس۔ کروژوٚٹ ووٹ بیِہِ یمِنے ہمو أمِسے لاگو۔ بجاے
پٔژواہ ہمو وکھ شیٹھ ژھنو کلہٕ پٹھہٕ بوروأ لتھ۔

کورِ موج:۔ ( کتھ ژٕٹتھ ) موکہٕ لیا کھوٗتھ کِنہٕ نہٕ؟

کورِ مول:۔ اہنی یہٕ اوسہٕ سےَ ونان اَسہِ تہٕ چھُ طمع سبٹھا خبر گُس مرِ گُس

لسہِ یَتھ چھُ گرٛھان دوہہ کھوتہٕ دوہہٕ بترٛ ے دَپویہُسک
ۆ ری چھُنا کارٕ تہٕ بروٛنٛہہ کُن آسہِ جان ۆ ریاہ۔ تمہٕ گۍ
مے ٚنش وپر بن ٹنگ ژھانڈٕ ٚنی۔

کورِ موج:۔ (جل جل) اُے ژٚ ے چار۔ ژٕ چھُکھ بلگاٚ ہے توٚ تۍ
کھوٚان۔ دَم دِوُ چھ۔ وو تھہِ کتہٕ یہہ کتہِ۔ إُخر یہِ چھہِ وُمرِ
ہُنٛز گنڈٕ گنڈ۔ کتھہِ منٛز چھ نیران کوتھ۔ نیٚبرِ می ٹیپ ٹاپَن
کیاہ کوٚر گرِ کیٚن اَندرِ مین اموٚراتن ہُنٛز گوٚھہِ إٓسنۍ خبر۔ پتہٕ
گوٚ آنکار ادِیُن۔

کورِ مول:۔ (ووشا تر اُ وِتھ) اگر نہٕ جادٕ جادٕ تجھ تَجھ کرٕ نہٕ ستۍ تو ہَس
دوگ دِنۍ گیہِ حاصِل تیٚلہِ ۆ نۍ زِ اُمی کیاہ ونیاو۔
(سوٚنچاہ کرِتھ) خبر سُہ ملہٕ گُلہٕ تہٕ آخوٚن آیِوٕ کاٚم کرِتھ کِنہٕ نہٕ۔

کورِ موج:۔ تمن ووت پہرا اَکھ پراران کھَلَس منٛز (یہٕ ہُنٛز کتھ بوٚزِتھے
چھُ کورِ مول نیرانٛ۔ زنانہٕ چھس بیٚکہِ طرفہٕ گرٕ کُن اَژان۔)



# منظر ۵

(رزاق بٹُن گرٕ۔ اژان رزاق بٹ تہٕ صدیق ماگرے
کتھ کران کران)

صدیق ماگرے:۔ (کلہٕ ہِلوان ہِلوان) نساہٕ اَژے نہٕ اَتھ منز تِتھے کیاہ
تھاوَے واجہِ سان اَتھہٕ پیٹھ۔

رزاق بٹ:۔ (حأران گۅھتھ) نساأ عرژے کمہِ دُشمنن چھی گن بُری
مُتی اَز یَک تانی اوسکھ دپان وُچھوَ وُچھو اَز چھکھ عأنہِ
موقعہٕ وِزِ نوان ہیر کڈِتھ۔

صدیق ماگرے:۔ مے کیاہ ساچھنہٕ دوہن کھراوَن لتھ تگان تھاوُنی۔ ژھٹے
بوزمے گرٕھہِ دُشمن دأری (تانی ہوان نیرُن)

رزاق بٹ:۔ اَمَن ساتوتہِ ژلان کیاہ زِ چھُکھ؟

صدیق ماگرے:۔ (جل جل) مے کیاہ ساچھُ پٹوأرِس رَس نیُن پتہٕ گوھم
ژیر۔ تہٕ پینم کہن اَلَن بہہ اکہٕ موصوٗل دِنہِ (یِی ونان چھُ
نیران)

رزاق بٹ:۔ (دندَس تل اونگج ژھُنتھ) کیاہ تانی نیوٗل ووزُل چھم
یِوان بوزنہٕ۔ لوٗگن ہندی شُری وأنم پنہٕ نبوٗ اَتھو نکھہٕ مگر
مثانین والہن کانہہ اصلی بوز بنہٕ ووڈُکس ہیکہِ مَس

کأستھ (اَژان گرِ واجێنز تہٕ رٕحم)

گرِ واجێنز:- (باشہٕ ہُو) اَسہِ کوٚر کتھہِ واش واش تہٕ دُشمنَن گیہِ خبر۔ کورِ موج اُس اَزتانٕ آنکارَس ازوونم اکہِ زَنہٕ سُہ چھروگہِ روگہِ وُچھان۔ خبر ہمسایہ ما آسہِ کھٔن تراوان یا گامہٕ زِٹھی ما آسن تمن گن بٔری مُتی۔

رزاق بٹ:- (سوٗنچھا گرِتھ) مےٚ اوس مول موج جنتی وَنان کورِ گوٚ برہ سٔژ گتھ کران ہَبا چھُ ہتَس سر پھہٕ اُلس اتھہٕ تژاوُن پیوان ییٚلہٕ تموٹو پوٗ اِنسان بچہٕ تیلہِ چھُ یِوان کھاندر کرنہٕ۔ وُنہِ اوس مےٚ ہتَس قبلَس نمنٔے تہٕ ژٕ لُچھم پتہٕ وَردنس تہٕ مصالس۔ گامَس گو شوہرِ۔ بلا ےژٔھنتہٕ ووں ژچام پٔنز ہُوی ..........مگر......سوزَس کیاہ کرِ...... زِراپچ وُجاٗری وُچھتھ روزِ سُہ یمَن چارِ وایَن اٲکس دون پیٹھ نظر تھاوِتھ......وٕ ڈوول تراوِنہٕ یوہس کترِ وی بانہٕ تانٕ۔ تانٕ اگر تحصیلدار آوورَس کو کرکاٗنٕ سٔژ کسَر کڈِ سُے مےٚ چھ نٹھ اگر کھاندرَس سبز رگو۔ یُس نہٕ مےٚ حال بوزنے یِوان چھُ۔ اسہِ ماپیٖہِ وَتہٕ پیٹھ ژول کرِنٕ۔ تِلکیا زِقسطِ ماگ کڈِ کھمت چمت نستہٕ کنی......لوٗکھ کران پٹواٗرِس پیٹھے تحصیلدارَس تانٕ خُدمتھاہ تہٕ بچان مجوٗزِنش بیہِ لکھہِ

ناوان پانَس پأنی مارتہٕ خُشک مار......میأنی کوگر پوٚتی زٕ
ترٚے یاروپیہِ شێیہ سَتھ کوسہٕ خدٕمت گیہ......بہٕ چھُس
أتھی گرِدِ آبَس منٛز یرٕ تانی آیہِ ہم ژٕ بیا کھو وڈٕ منٛز ر
ہیتھ ستےٚ اُسی زٕ ے ژورٕ ے دُشمَن ووٚنی بَنَن کھاندرٕ
سببہٕ کنہِ تلکی کیٚمی تانی ......

گرٕواجینٛو :۔ (چار رتھ) ژٚے اوسُے ہمیشہِ بُتھِس بوم سُہ کوٚت ژٕلی ۔ أخر ازنہٕ پگہہ تہٕ یمن شُر بن ہُنٛز کتھ کرٕنی اُس ۔ دٕچھنٛز کھووری ژوٚٹ ووٹ تہٕ کرٕ

اوس دُشمنن ہُنٛز خأرخوأہی تہٕ ہیٚنی اُس ۔

رٕحم :۔ (ماجہِ نِش اِشارٕ لُبتھ) مے ہاوٕ زبا پٹوأری یا چکدار کرِ گُلو اَشی ٹنڈَس اَسہِ خلاف رجسٹری ۔ مُقدم لکھنا وِ اَسہِ خلاف شأدی صغر سِنی ہیوٚ ندر پورٹ تہٕ تھےٚ گُنہِ معتبرتہٕ تُسنٛد شقدر کرِ کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ وأری داتھاہ ۔

رزاق بٹ :۔ یمےٚ لانج کٔیاہ اُسہم أچھن بروٚنٛٹھہٕ کنہِ تہٕ کھاندرُک ناو اوسُس نہٕ ہیوان ۔ پرٕ ژھتہٕ ماجہِ پننہِ ۔ سو چھےٚ یِوان بُچھنہِ ۔ ووٚنی ہے آیہِ ہم گرٕ دُس تل پھُس تانی تھاوٕ ہا کھاندرٕ ہیچہٕ تلے ۔ (اَژان فتح لون ژاسا کران کران تہٕ رٕحم ۔ أکِتھ گُن پہان)

**فتح لون:۔** (اژوُنُے) مُبارک۔ مُبارک۔ ظُہر یازِ ینٕز ہال ازترووٚمس سوُرے یوٚ کھچہِ بروٚنہہ کنہِ ژےٚ خدایاٚری گٔری نَے۔ مگر تیٚسٕز گرٕواجتی وُچھم أندری دِیان ہٕش۔ بہ تہِ چھس پٕنٕز بکنٕز ہوٚل گنٛڈِ تھےٚ۔ یوٚ تانٛ پلمم توٚت تانٛ چھُسس پتے مگر کورِ مالٕی ہٕنٛدِ وننہِ تلہٕ توٚ رُم فکرِ تور چھ وار یاہ گوٚھان کھن تراونہِ تِکیٚا زِ سہ چھُ مےٚ تمےٚ کتھٕ پھِری پھِری پرٛژھان یمن مےٚ ہتہِ پھِرِ دَل دَل دِتٕمت چھُ۔

**گرٕواجینٕز:۔** أہَن جوٚ دُشمَنن کمٕ رٔٹی اتھٕ۔ بانہٕ ہتَس دِیٕز ٹھانٛڈٕ ہتَھ أسہٕ ہتَس کیاہ دِیٕز...... اِجوٚ ازکیاہ پرُژھنَے بیٚیہِ...... ژاٚ نگی تارٕ کہِ پٔشپہِ نک ماپرٛژھنَے کیٚنٛہہ۔

**رزاق بٹ:۔** (کتھِ منٛزٕ کتھ تراٚوِتھ) تلا ژھوپہٕ گٔری تو۔ مےٚ ہا چھُ پانہٕ تَس یہِ سوُرے خانہٕ جاداد بوومُت یہِ کیاہ ونہِ ہَس۔

**فتح لون:۔** شیطانہٕ ہٕنٛدی کن ژٔری۔ مےٚ ہساٚ دِژتَس ترامہٕ بانٛن تہٕ چارٕ واٚیَن ہٕنٛز بیٚیہِ پٹھٕ ہور تانٛ نبمَتھ۔ تہِ گٔرِتھ دِیُت نہٕ تٔمی پٔتِم جوابا...... ووٚنی چھےٚ مےٚ بیٚیہِ نیہِ سرٕ یین پیٚرٕ نی۔ مامہٕ ہَتَس تہٕ اَتھ کیاہ دِیان رشتہٕ دار ہتَس أکس نمُن۔ اگر تِموَ ژےٚ خدایاٚری گٔری نَے جواب کوٚر تیٚلہِ تہِ چھم اُمید تِکیٚا زِ کورِ مالٕی دوٚپ اَتھ کیاہ دِیان دوٚشمَس تہٕ مازٕ ہیٚے چھُ

واٹھ۔'' جواب اُنتھ بوز وخدائس کیاہ آسہِ کرُن۔ توے
چھِم ووِمید شاید سبز رِ ے ماگوھہِ۔ توے کوٚرموٗ مُبارک۔

(تانی اَژان گامہِ ملہِ بہہ تزک دستار اگنڈِتھ)

ملہِ:۔ (اَژِ وُنے) کیاسا معاملہِ چھُ مُبارک باٗدی ہُند۔

فتح لون:۔ شاید اُسو اُمس لڑکہِ سُندِ کارِ خیر چ کتھ کران۔

گرِ واجینۍ:۔ اَہن حض تہندِ دعاٗیہِ خاٗرِ لوٚگس آب ترنہِ۔ فتح جو چھُ از
باشہِ ہشہِ کران مگر دُشمن تہِ چھنہِ بہتھ کینٛہہ۔

ملہِ:۔ دُشمن کم چھو پنہ نبو سواٗ ے۔ بہ تہِ چھس پنٛز کنہ ہمتُل تلی
تھےِ دِیولگہِ یہِ ناو بُٹھس پیٚتی ژکہِ وارادِ وان چھِ تُتی چھو
جاڈِ پریڈان۔ خیر فلحال اُنی تو کاٹھِ مانگے، گاسہِ مانگے، تیل
مانگے، مونگہِ مانگے تہِ بیٚنہِ باقی چیزن ہنز مانگے نتہِ روزِ نو
وُری یہِ چہِ نمازِ تہِ روزِ اَلاٗ ژےٚ۔ بیٚنہِ چھو پیوٗ مُت آخون
بایہِ کو کررَسس ٹکھ تمہِ کرُنو شکایت دو ٚپن خاُدِمن چھُ
پوٚتلن ہُند حصہِ مُشتھےِ گومُت (رحمس کُن) تلا رحمہِ بانہِ
کُٹھِ پٚتی مہِ لبہ ستی بانہِ طزِ تل یُس تُلم لیچ چھےِ تمہِ منزِ کڈتہِ
سو پیرِ لشہِ ہَن۔ یوسہ مےٚ سوٗنتہِ چانہِ ماجہِ نِشہ بطورِ
امانت تھاٗومِتۍ اُس۔ (رحم نیران بانہِ کُٹھ کُن ملہ اُمی سے
کُن وُچھِتھ) پتہِ گُیہ بیا کھ کتھ تتھ چھُ مالی چاٗنی مےٚ ستی

لفظ کوٚ رمُت، مےٚ رِکو جوٗرِ پٹُ تہٕ اوخن بابہٕ کیوٚت ہیرِ بون پوٚشا کھوٗ چھوأی سُنٛد ایفاے وعدٕ۔

رزاق بٹ:۔ (کتھِ منز کتھ ترأوِتھ) تو ہمہِ حض چھو میأنس زٕوس اختیار۔ رٔدسٕ زِندٕ أچھن ہنٛدِ گاشہِ کرٕ وعدٕ پوٗرٕ............ مگر حال چھُم یوان چھوٚت تہٕ کرِ ہنٔے بوزنہٕ۔ کورِ مول چھُ زنانہِ ہنٛدِ بنٛدٕ سو چھس نبٹھو پیٹھی نہٕ ناوان۔ ہاں اگر توٚہی ہوٚل گنڈِ ودو لندِ کانٛہہ کتھاہ............ نتہٕ دِن نہٕ دُشمن اُتھ کوندِ کھسنے۔

ملہٕ:۔ مےٚ ووٚنُے رزاق بٹابہٕ تہٕ ہا چھس زیرِ ہَن زیرِ ہَن دِوان۔ بیٚیہِ گوٚھن پیر حضرات وسالتھ کرِنی تیلہِ کیٛاہ کرن دُشمن۔

گرٕواجینٛز:۔ (کتھ ژٕٹتھ) سُہ تٔہنٛد تعویذ شریف حض تھووٚمےٚ کنہِ تَل بیٚیہِ تہنٛدس پیرٕ ہنٛدِس تعویزٕس گنجیم سبزٕ ڈٔج تہٕ تھاوناویام کوٚڈس گلس الوٗنٛد۔

رحم:۔ ہا تقدیراے آسہِ چلن تعویزٕ تہٕ نتہٕ۔

رزاق بٹ:۔ (کتھ ژٕٹتھ) ژھوپہٕ کرڈلہِ مَتہٕ مےٚ چھُ پانہٕ وُچھمُت تعویزن ہُنٛد کمالٕ۔ یہِ وَنُن چھا جاُیز؟۔

ملہٕ:۔ میٚے ژٕے وَنیام تَمی دوہہ یمہِ دوہہٕ یہِ مدرسَس

تروو تھن یہ ہسہ ڈٔلی۔ چھیہِ گوھان میأنی کتھ سرٕ۔

رزاق بٹ:۔ (شرارتہٕ سان) ہا خدایس پتھ ھض کرن مگٔری اگر دوبارٕ
بۄ زٕمس تعویزس وَنان کیْنٛہہ۔ ٹِٹھس لاٗ رس زن ژٔس کلہٕ
بیٖیہٕ ژٕھنٔس یمہٕ رِکتابہٕ شِتابہٕ گجہٕ (رحم ژلان نبر)

گرٕواجینٛی:۔ (منزٕ پتھ) ہتا اۄمی بٔچارن کیاہ ووٚن تۄ ہرٕ شو
ریوو۔ تقدیر چھُ سوزٕے۔ ازل نٔے آسہٕ سأنس کٔٹس تتہٕ،
آسمان کھسیا ہر کرٕنہِ کانٛہہ!

ملہٕ:۔ نہٕ دِی ژٕ کیاہ زانکھ یمَن مدرسن منز کیاہ چھُ ہیٚچھان
لڑکہٕ۔ پرأنی تألیم کوسہٕ آبِ حیات اُس۔ اُزی کیٚن
مدرسَن منز چھِ مردٕے زنانہٕ بنان۔ مگر کورِ مدرسن منز چھےٚ
کورِ مرد بنان۔ خأریہِ کتھاہ تراوتہٕ ژٕ انتہٕ یہِ مانگے میأنی
(گرٕواژنی نیران نبر "اِدھض" ونان ونان)

رزاق بٹ:۔ ییر تہٕ کنگ ھض سوزٕے وونی۔ باہٕ تہِ اِنشاءاللہ پگاہ میأنی
کتھ تھأو ویادٕے۔

فتح لون:۔ (جَل جَل) نسہَ اوخوٚن صأبنی خدمتھ گوھہِ کرٕنی پۆرٕ، کورِ ماجہ
نِشہِ واتَن اۄمی سِنٛدی اتھہٕ۔

رزاق بٹ:۔ ولہ سأ خُدا ایَس نِشہ چھس مزوٗری۔ سأنی خدمتھ گیہ بجہ
ہُنٛد سُترٕ کوٗن۔

(رحم ژلان نیبرٕ ملَس کربھ تہٕ ملہٕ ہوان وو تھن ...... رحیا

اوݨن صاۍبس نیر زِ ستی ۔ یُتھناہوٗنی وہ تھنَس (ملَس گُن ییٚلہِ ہوان سہ نیرُن) اُتھی حض اوݨن صاۍبا پگاہ اوومورد َن فاتحہ دِنہِ چایہِ وقتہِ یوٗ ری۔

ملہٕ:۔ (نیران نیران) وُچھو خدایَن کتہِ آسن رِزقہٕ دانہٕ چھکرٕی ٕتی (یہِ وٕنتھ چھُ مانگے رَٹنہِ نیران)۔

رزاق بٹ:۔ فتح لوناخبرٕ یہِ کھاندر ماپیٚہ بہن آٔنن گوردا لی پاو۔ اوݨن چھُ یوٗ ہَس تِمن چیزن ہٕنز مانگے تہِ منگان یمہِ نہٕ زانہہ سہ منگاٗنی اوس، جواب کرنَس تہِ چھنہٕ وارا۔ مگر تتھی اُٹھ ستھ وان اگر کُہِ پینے تتہِ یہِ نماز۔

فتح لون:۔ یمن خرچَن پتھ چھاسا ملالہٕ گوٚھن مگر مے اوس طمع یہِ کھن تراون وول گوٚ ژُھم سمکھُن بتھِس لایہِ ہَس تھوکھا۔

رزاق بٹ:۔ ولہٕ ساٗمے اوس وومُت کیٚا ہتام تہٕ لوٗنان چھِس کیٚاہ تام از بوزتہٕ دمَس ٕستی چھی نمسکار ۔ خاٗ رسون تہِ چھُ خدا......ولہٕ ساٗ حال دِمونظراہ نبر گُن دیوٗ معلوٗم سپدِ یہِ کھن تراوَن وول گُس چھُ ۔(یہِ بوٗزِتھ چھ نیران دوٚ ہوٚ ے گامَس منز)

# منظر ا

(نمبردارِ سُند گرٕ۔ آنگنَس منز گُبلودا بیٚیہٕ سُرٕ ژھوٹھالبہٕ تَل اکھ
ہوٗ ناہ۔ نمبردار تہٕ معتبرا۔)

نمبردار:۔ یہٕ آسہِ ہےنہٕ شوہ جو چکدار کینٛہہ آمُت فصلَس حِصہٕ رٹنہٕ۔

معتبر:۔ نحض تمی اوس نیٚچو ؤ پیٚدن سوٗ زمُت۔ نیٚچو تِہنٛد یوٗ زی
تو ن شہزادٕ۔ تَس کیاہ فِکر چھ حِصہٕ رٹنچ۔ گوڈٕ نہٕ تَس
کاشُر تگاُنی۔ تِکیا زِ یوٗ زُم لو کچارَس منز اُس تَس میم دود
دِوان۔ عاُشہِ موٗت حض عاُشہِ موٗت دوہَس دویہ پھِرِ
مشینہٕ ستی اِصلاح کران...... انگریزی کھانہٕ سوٗ اُسےنہٕ
کھوٗنی کینٛہہ۔ بیٚہہ وُنے دِژن کاشکارَن ترے ڈبل
چایہِ خاطرِ بیٚیہٕ یوسہٕ مسکین زنانا چکدار صابُن فرزندٕ
وُچھنہِ آیہِ تَس پانٛوہ پانٛوہ شیٚ شیٚ پوٗنسہٕ۔ اَتھ پیٚٹھ تہٕ
وُڈاینَن روپیہٕ ژوٚ نِبرٕ۔ ہادَین حُض پادشاہ کوٚ رمُت۔
دوہیم یہِ مکاُے چھاموٗجن ہنٛدی پاُٹھی زمینہٕ تلہِ کڈنہٕ
یوان۔ مےٚ کوٚ رمَس عرض نہٕ جناب یہِ چھِ مکایہِ گُلبن

آسان۔ پتہٕ پروژھنم اچھا کو گر گوٹھوٗل تراوان دوہَس مے گنٛڈی مَس گُلی تہٕ وونَمس جناب اَکے۔ ہابہٕ کتیاہ حض وَنے تمی سِنز عقل سہ چھُ افلاطوٗن تہٕ کتھاہیا تسنٛز شکل تتہٕ چھنٛڈوٗن تہٕ مُنٛد چھان۔

نمبردار:۔ اَہَن سا بختاوارن ہنٛد بن شُر بن آسان دوہے یتھ اِقبال یا سانین شُر بن ہنٛدی پاٹھی نہٕ گر کے نہٕ گھاٹ کے...... خاَر گوٗمی روٹنہٕ حصہٕ کیٛنٛہہ۔

معتبر:۔ سہ کیٛتھ حض حصہٕ رَٹُن۔ گھنٹن دون تربن اوس بیٛیہ ٹٖیٛن کھیٛون تہٕ کھوٚت موٹرس مے گر جل جل کاشت کارن نشہٕ ٹھوٗلہٕ درجَن شےٚ ستھ، کو کرپوٗتی وُہ، بیٛیہٕ ٹٖیٛن تربن کاشکارن نشہٕ ژادرِ ترٛے وصوٗل بیٛیہٕ چھس خدایس کُن شُکر کران توتہٕ اَسم گبوٗ زژور ٹٖیٛن بروٗنہہ سوٚنبراوی مُتی۔ تراوی مَس یم ساری چیز موٹرس تتھ پتہٕ مِس پوژھرِس منٛز بَس گو موٹر ہوازن وُڈِتھ۔

نمبردار:۔ مے اوس خیال حصہٕ رٹوتا کہٕ کاشکارن ہُنٛد حصہٕ کرِناوٕ ہابہٕ باپارِس اَتھہِ ضبط قسطکہٕ خاطرٕ خصوٗصن اَمِس ہونٛین ہُنٛدِس صاحبزادَس رزاق بٔٹس تِکیاژِ اگر تمی فصل گرِنیوٗ سہ لاگہٕ اَتھ کھاندرَس تہٕ قسطکہٕ باپتھ تھاوِنہٕ گاسَز وُہ، ترٛہہ

کھُری تہٕ۔ ووٚنی کس چھےٚ چُھٹ تسنٛدِ باپتھ ہینہٕ تحصیلکی پأزار۔

معتبر:۔ مےٚ حض چھُ روپیہ رقمایٔمن ہالین تل لوٚ گمُت۔ مےٚ تہِ اگر کانٛہہ پوٗنسا وصوٗل گوٚھہِ تہٕ فصل بأ گراونہٕ کے دوٚہہ ننہٕ یوٗزی تو یمو چھ پٔنٛنی کنی یڈ ترأ وہو ہیوٚ رگن۔...... پتھ گورزاقن کھاندر۔ میانہِ خیالہٕ ہیکہِ نہٕ سُہ یوٚہس کھاندر گرِتھ۔

نمبردار:۔ تِکیاز (تانی اژان ملہٕ)

معتبر:۔ (جل جل) میوٗن اکھ اِشارٕ چھُ کورِ مأ لس بس۔ (ملس گن وُچھِتھ) ووٚنی کیاہ حض تُنی ژےٚ ژکہِ تلچ خبر۔

ملہٕ:۔ (اندر اژِتھ) اسلام علیکم حاضرینِ مجلس!

نمبردار:۔ "وعلیکم سلام" وُ نوحض اوخن صأ بأ پٔنٛنی تہٕ پننہٕ نین خأدِمن ہنٛز خبراہ۔ سمسار گوٚن او نیٚجن پیٹھ چھُ أز ژان۔

ملہٕ:۔ پانہٕ چھس الحمدِللہ تاں ایں دم بخیر و عافیت پتھ گے میانی خأدِم۔ ثمیأنی کنی اتھ وو باہ۔ نہٕ زانن خدمتھاہ کرِنی نہٕ مانگیہِ موٗھادِنی۔ ہاں پانٛژون وقتن گوٚھہِ آسُن شپنس روٗ دَس رَبہٕ تاپس منز مُشیدِ پیٹھ حاضر۔ یِتھ اِمامو کھوتہٕ گٔیہِ گوٚجہِ کٔنہِ بہتر۔ اگر نہٕ تو ہی زِ پانٛژوہ گرِ میوٗن اوزقہٕ

چلاُوِو۔ میانہِ گرِ وُنگن شال۔

نمبردار:۔ نہٕ حض مےٚ بوٗ زمنٛزِم یارٕ زکرنَس منٛز واتی نہٕ ژےٚ کانٛہہ تیاُری کنٛز تہٕ آسی پوٗنسہٕ ٹوٗنک............

ملہٕ:۔ (دٕ زِتھ) پرٕ ژھتہٕ تیمِس (معتبرس کُن اِشارٕ کرِتھ) اُدی سوٗ زنَس موردَن فاتحہ پرٕنکہِ نیتہٕ اُ کس کورِ ماُلس نِش یُس لاکھ تہٕ اُنم سُہ چھےٚ اُمی سے خبر۔ اتھہٕ چھوٚنُے ژاس تہٕ اتھہٕ چھوٚنُے تہٕ اتھہٕ وایان دزاس۔ ماُلِک المُلکٕے چھُ رزاق مےٚ ہوِ بن سفید پوشن ہُنٛد۔

(اُچھ ناٹہِ ستی معتبرَس اِشارٕ کران)

معتبر:۔ ووں کرٕتھ حض سُہ کاُم کنہٕ چون وعدٕ روزِ تاکَس نبٛھے۔

نمبردار:۔ (کتھ ژٕتھ) توٚہی کیاہ کنہٕ کنی اسرار باوان ــ مےٚ تہِ کرٕ ومحرم زِ معاملہٕ کیاہ چھُ۔ (ملہٕ بیاکھ اِشارٕ کران)

معتبر:۔ (نمبردارَس کُن) ژےٚ وَنےٚ بہٕ پانَے فی الحال دِتہٕ اسہِ اِجازت اسہِ پیٚیہٕ نیٚبر کامہِ ہیٚنتہِ ہنا۔ اُسی واتو ووٚنی اُچھ ٹیٹہِ منٛز واپس (یہِ وُنتھ چھُ وُنہٕ اِجازت ہیٚنہٕ بروٚنٛہے ملَس تُلان نبر)

نمبردار:۔ (کُنےٚ زوٚن) ہیو سُبحانا۔ سُبحان پہلیا......زَن چھو تماَمن زر پیوٗمُت......سُبحان انیا۔ (دوٗرٕ سُبحانُن آلو بوٗزِتھ) تلا۔ تھ

بجیرِ تھاو تہٕ تموک پیٮ۪ہ تارتہٕ اپارِ گو یہِ منزٕ سہٕ پرون دال باچھ۔

سُبحان:۔ (ٹکان ٹکان اندر اُزِتھ) کیاہ حض؟ کیاہ حض ؟ یہٕ حض اوسُس مجلس وُردِی کران۔ راکھس کو مانگے سوٚنبر پنچ۔ دوٗرِ پرزناوِم تُہنز آواز تہٕ آس ٹکان ٹکان......
اوس یہِ خضر بٹ۔۔"

نمبردار:۔ (یہِ سان کتھ ژٕٹِتھ) حرام زادِ کانہہ خیال چھے نہٕ روزان۔ تلااُمِس ماپیٮ۪ہِ تموک چنگ حاجتھ۔ تینگل انہٕ ہا۔ تموک تھاوِ ہا اُنتھ، بجیرِ آب شیرِ ہا۔ ٹلو چَسِ مَل گرزکرِ ہا۔ گھڑ گنڈِ ہا۔ کھورِ نبٹھو پیٹھ چھُ پیوان اَتھ بجیرِ لُمن اِدچھس دِہی رِینگ اَکھ نیران۔ تژ او تموک اَتھ جل اپارِ چھی سنہٕ اکوژ ہک تہٕ پرسک دال باچھ تم تاریوٗ رِی"۔

سُبحان:۔ اَتہِ حض لوگ اُمی خضر بٹن تاوَن زَوَن زِکھر۔ دپان اوس اُسی دِمو نہ ودل سرکارٕ ملاٗ زِ مومنز کانسہِ مانگے۔ اُخر یمن ٹُمہِ خاطرِ چھُ سرکار تنخواہ دِوان......یہ کیاہ وژ اس حُکم بجا آنہٕ نہِ (یہِ وَنان ونان چھُ سُبحان پوٚتُل نیران دال باچھ اَنہٕ نہٕ تہٕ بجیر شیرِ نہٕ)

نمبردار:۔ (سُبحان پہلِس بوزوُن) یہِ! (بانسِ مستی) کیاہ حصر

رٔ دیتھ نمبردأری ییلہِ خضر بٹ ہیوٚ شکَس لَد میأنِس مہنوِس جوابَس جواب دِیہ۔ کیاہ رُت وقتااوس سنہٕ شیہ شیتِس تأنی۔ أمی سٔندِس مأنِلس چھم تمہِ برونہہ ژورِ پھِرِ قُسطہٕ کِس موقعس پیٹھ دأرکاسنأوِہو۔ سُہ تہِ اوس وقتاییلہِ میأنِس بتھِس کُن وُچھتھے اوس گریستِس طہارت پُھٹان۔ میأنِس مہنوِس کُن وُچھتھ ندہرِ سٔندی پأٹھی نٹھ اَژان۔ ازاگرسلام تہِ چھُ کران مگر وُٹھ وٕڈ وٕڈ تہٕ دند چپری چپری۔ اصلی بوزشہر کہِ فسادٕ پیٹھہٕ گوٚمُس بیاکھے ہوا۔ خأر ازیں بدتر نہ گردد۔ خبر کیاہ کیاہ آسہِ نوموگُنہگار چشمو وُچھن۔

(اَژان معتبر تہٕ گامہٕ زیٹھ)

**گامہٕ زیٹھ:۔** اسلام علیکم۔ کیاہ حضٕ وارٕے اوسہٕ مُقدم سون۔ اَز کیازِ چھو یِوان توہہ بُتھہِ کِنی ڈیلی ہی بوزنہٕ۔

**نمبردار:۔** کینْہہ نہٕ دُنی ییٛک رنگ وُچھتھ چھُس راوان بیٛیہ کوٚرنِس أمی "اوسہٕ ہنگوٚ" سبٹھا تنگ۔ یٛیتہِ چھا کانْہہ حکیما یادہَن پنڈہَن کرٕوہَن تأنی شفاخانا بیمار گوٚڈھہِ ہے تہِ مُلاحظ کرٕناوِ ہے؟ یٛیتے اِنسان بےقضا مران چھِ۔ أتھی دَمَس ووتے قِسطُک موقعہ تہِ نزدیک۔ لوٚکن چھِ ایجی ٹیشن وُچھتھ میٛنگہِ دزان تہٕ نکوٚأری وُپھان معمولی رٔنز باپتھ

چھُیم وُنی اُسہٕ کنہٕ پھوٗس اَنان۔ اَتی کرتہٕ قیاس قسطس پٮ۪ٹھ گُس رتہٕ ژُورلارِ چھُکی درس تہٕ نمبردارَس۔

گامہٕ زیٹھ:۔ کتھہِ منٛزی نے حض پیر پٔنن، گریوٗس حض چھُ وونی موٗلی لڑآے ہوٚوان...... ییٚہٕ یامتھ گریستِس روپیہٕ داہ جمع چھ گوٚھان۔ اُمی ساتہٕ چھُس پیوان شُربن ہُند خٔتنہٕ، لرِ ہٕنٛز پرأیش۔ مأئی سُنٛد وہرووریٚنچو سٕنٛز لگنہٕ چیرِ تہٕ بوگ یاد أرِکس نتہٕ أرِکس وانَس چھُ یمن روپیٚن ٹاسا کڈان۔ تہٕ سرکارنہٕ یادٕ ے تھاوان۔ مِثالے پٔنن یہ رزاق بٹ، کوکرنہٕ کنہٕ بنےیہ اُمس روپیہٕ داہوٗ ہہ تہٕ لوٗگے کھاندرٕ کِس تلاشس۔ چھُیہ یادتُسنٛد ڈانب ییٚلہِ تمی خوجس ستی حِساب بوزاو۔ سانہِ سُفأرِشہِ بنیاس تم وردن ٹکرٕ کینٛہہ مگر تمہِ ساتہٕ پٮ۪ٹھہٕ ازتانی چھُنہٕ مے نکھہٕ آمُت۔ یاوَتہِ خألی سلام کرِہے۔ ییٚہٕ ڈانبل زم چھے نارٕ اندرُک سرپھ دراصل چھُ یمن گستام یتی حبس دِوان (سُبحان چھُ جیر تہٕ دال باچھ ہتھ اژان)

معتبر:۔ (گامہٕ زِٹھس تشریح کران کران) اوترے وُچھتھ ژے پٔنہٕ پانہٕ ییٚلہِ کُنک چھومبہٕ نَس تہٕ ألِش موٗرنَس مے کادترووُمت اوس۔ دوییہ پھر سوٗزمے اُمس پٔنن مُہنوِ

کامہِ گرٕ دِنہٕ خاطرٕ مگر ننبٹھس پیٹھ ٹُلن نہٕ سہٕ مُہیومیون نہٕ شروٗ
پُس تسُند وٕنُن ۔ پنہٕ نِس دستارس گرٕم ترٕسیہٕ اَتھہٕ تھَھ تہٕ
گرٕم ژھوپہٕ مگرٲندری گوم کاژٲمی سُند بیہٕ باقی ترٕین
کاشکارن ہُند کادس پیٹھ نہٕ یُن ۔ اَتھ فِکرِ منٛز اوسُس پرٕ
تہٕ تانی پییم چکدار صأبنی اکہِ دوہٕچ نصیحت، یاد ۔ تمی دوپ
شہرس منٛز ہبا گییہِ کینٛہہ ببکار پأدٕیم گذارِ واللہن خلاف
اَلمَن کھسان چھ ۔ سرکاری مُلازِمن خلاف نارژاپان چھِ ۔
کارخانہٕ واللہن خلاف ژوکھرٕ کران چھ یہے لگی گاموٗنٛزی
پھیرٕنہٕ تہٕ گرٕیستس وٕرغلاونہِ چکدارن خلاف، شہرٕ منٛزی
مزوٗرن ٹلان کارخانہٕ واللہن خلاف ۔ توہہِ آسوٕ
یادٕے گوڈٕ گوڈٕ کتھہٕ کُنی دِژایو نہٕ ذاُلدار صأبن
تہٕ چکدار صأبن پرٕس اکہِ دوہہٕ پھرِ گریستمن اُکیہے
جایہٕ یمَن ببکارن ہُند تقریر بوزنہِ سمنٕے مگر میأنی اعمالِ بد
پرٕس پیوٚ ذاُلدار صأب تہٕ مُقدم بیمار۔ چکدار
صأب اوس پنجاب گومُت ہواچنہٕ بہٕ اوسُس تمی سُندِس
بنٛگلس چونہٕ سفیدی کرنس منٛز مشغول ۔ زَن پیوٚ آسمنہٕ
نمائندلتہٕ کوٗرُن تقریر ۔ تمہِ دوہہٕ پیٹھہ چھ گریستو ہنٛو تمت
وٕنُن حأ کم چھأسی ۔ ہنٛز یوہ بیقلازی وٕچھتھ چھأسُن

ہوان مے۔ خاأر تمہِ دوہُک حال ہُوٗ زِتھ چھُ چکدار صائبن تأکید کوٚرمُت یُتھنہٕ یِیَتہٕ کانٛہہ کمپٹیاہ یا انجمناہ بنہٕ تیٚلہٕ چھُنہٕ اَسہٕ ہو بن شرٗیفن یِیَتہٕ بسُن۔

نمبردار:۔ (أچھ تکرأ وِتھ) اوکتھہِ مُنزی گرِی نَے خدارُت۔ تُمی بیکار نمایندن اوس ووٗمُت گریستین چکدارس گوٗھنہٕ گاسہٕ حِصہٕ کینٛہہ دِیُن۔ نمبردار اُے ونو بیگارِیُن دَپُن گوٗھبس یاہ سٹھ موٗزوٗری نتہٕ گوٗھ ہُپأری چھےوَتھ اِتھے گُنٛز گامہٕ زِیُٹھ چھوٗکی درائے کرٚ بوروب مُقدِمَن منٛز پھساوو دَپُن گوٗھبس تم گورِگیہِ دود کُنِتھ۔

گامہٕ زیُٹھ:۔ (تأید کران کران) اَہن حض مے تہٕ بوزوایِ پگاہ ونکھ نمایندٕ چکدارَس گوٗھنہٕ گُنہٕ چیٖزُک حِصہٕ دِیُن یا نمبردارَس مالیِہ دِیُن۔ بس یم بیقل ہین ووٗتُن۔ ارمانا روٗدُم سُہ نمایندٕ سٕکھُم نہٕ ہوٚٹ چیر یامس نہٕ تیٚلہٕ اوس پننہٕ نِس مال سُنٛد نیچو۔

معتبر:۔ توے کیاسا چھُ چک دار صائبن آرڈر دِیُتمُت تتنے فصلس تہٕ گاسس نصفانصف اوس ہوان کرنہٕ ووٗنی گوٗھکھ یک حِصہٕ دوحصہٕ کرُن۔ ئیُن چھُکھ ترٛیم حصہٕ تہٕ بہترین نا، کاشتکار گوٗھن بدلاوٗنی۔ مُختصر بوز برونٛہہ اوس شوجوٗس

میۆن تہٕ شقد رِسُنٛدِ تہٕ کُچھِ چھُوکی درِسُنٛد تنخواہ چندٕ پھوان دِیِٛن۔ وونی چھُ سہ یہمنٕے گریستٕمن چار بن نیران، یہ گو گریستٕمن گوڈنیک مُطالبہٕ۔

گامہٕ زِیٹھ:۔ نماینٛدٕ وِ ے اوٚ نٕکھنا زمین یِنہٕ نٕک حُکم تہٕ پانٛژِ روپیہ کنالہٕ حِسابہٕ کھیاوِنووُ کھژوٗ رِم حصہٕ نصیبہٕ واللبن اتھِ۔ یہ گو گریستٕمن دوییم مُطالبہٕ۔

نمبردار:۔ (کلُس پھَش دِتھ) یموٕ ے نماینٛدو بوٗل ناووٗ چھِ ووٗ چھِ ملہٕ کمن حأ یکمن ہستی تہٕ طبیلہٕ چھِ بلایہ لوگ پوٚ ژنز۔ محکمے مال پوشنہٕ نماینٛدن کیٛنٛہہ تہٕ رٕٹھ گریوٚس اُمی سُنٛز شہموٗ آ ے نمبرداروٗلنہٕ۔ پٕژتھ دربارَس چھ نمبردارَس بیوٲری آسان کھٔنٛیی تہٕ گریستٕمن پأ زارِیہٕ گوکھ ترییٚم مطالبہٕ۔ یِنہ کیاہ چھ دیان حقوٗق...... ینہٕ گٔیِم کنہٕ وام پگاہ کاٲلی کبتھ اَسن یِم بیکار پکان ینیہٕ۔ کتھ وٕقس منز آ ے ہنہٕ۔ حکوٗمت تہٕ دیان اسہٕ ناقابل تہٕ گرہسی تہٕ۔ حکوٗمتس نِشہٕ اُسی گرہسی سٕنٛدی تہٕ گرہستس نِشہٕ حکوٗمتکی ایجنٹ اَمہٕ پنٛجٕ ترِنش موٚگر کھٔیون بہتر تِکیاٰ زِ وونی گو بلگاہے قرنہٕ پھیُر...... ہوٗنس پیٚیہٕ ہے خضر بٹ وُتھتھ۔ اُمی دِژنہٕ مہٕنوٗس میأنس راکھس یِکوٗ مانگے (دمادِتھ) واُتن مجوزہ ۳۶ پاوس

یاد..... کتھِ ہتیٚ اوس گٔلِتھ گوھان یہِ رزاق بٹ یَسنہٕ ون ڈوٗنی گلو وبوان چھ۔

معتبر:۔ (تسلی دِوان دِوان کتھ ژٹان) اگر أسی ہمتھ کرو۔ وُنہِ تہِ رووٕنہٕ کینٛہہ ۔گریٚوٗس بۄ زی تون ہۄ گنٛز یور گُن پھِرون توٚری گُن پھیرِ۔

گامہٕ زِیٹھ:۔ (ہیتاٚبی سان) تلہ سُہ گلوتہِ ریشا۔ ییٚتھ چون پاٚزار تیتھ میوٗن کلہٕ۔ ژونتہِ گریٚوٗس، کتھہٕ گٔنٛز روزِ عُمرِ عُمران سانہِ لتہِ تل ییٚنہٕ، کتھہٕ گٔنٛز روزِ پریشان تہِ حالِ حاٚران۔

معتبر:۔ خدا بڈٕ اُوِن شوکاگس تہٕ تیٚندس اقبالس ثُمی چھ مےٚ سلماہ وٗنی ہومگروٗنی کنٛبس گوژ یردوہ۔ اِنشااللہ تتھ پیٹھ سونچو بروٗنہہ گُن مےٚ ییٚنہٕ یہِ وُنکینٛس اکھ ضروٗری کامایاد۔

نمبردار:۔ اَہن سہ سُہ اوخن صاٚبنٛ گتھ تہِ روزٕ ےژےٚ وَنہٕ نےٚ پگاہ دِگرِ چ چاےچیوتیلہِ ہتی یہ تہِ چھُس اَز زُو، کنی ناٹھیکھ اُغر اَسہِ تہِ پزٕ پنہٕ نہِ بچاوٗ چ شٔبیل سونچنی ۔گریٚوٗس اگر کلس کھوٚت پتہٕ وَسہِ نہٕ کھرِ ۂندی پاٚٹھی یہِ خبر کتس کالس۔

معتبر:۔ ژ کانٛچھ حض میاٚنی زِندگاٚنی۔ کشٕنٛم تھاوسنہٕ ییٚنہٕ لبوٕناوَن نہٕ چون پاٚزار تیلہِ ماٚنی زبم یہ گُس نرکلہٕ چھُس مگر کتھ

کرٔی تو ہمتچ تہٕ پوٗشیچ۔

گامہٕ زِیٹھ تہٕ نمبردار:۔(اَکی زٮ۪و) خداے کرِ ہاہلے تھس خرچس کرِنہٕ

ذألدار صأب، خوجہٕ یا چکدار صأب کاتھہٕ اُٹھکاوا۔ بیٚیہ تہٕ

وُچھو خدا ایٚس کیٛاہ آسہِ کرُن (یِی ونان ونان چھُ

گامہٕ زیٹھ تہٕ معتبر اکہِ وتہِ نیران تہٕ نمبرداربیٚکہِ وَتہِ گرٕ گن

(اژان)



## منظر۲

(کورِ مالِکۍ سُنٛد گرٕ۔ اڑان کورِ مول ملہٕ تہٕ کورِ ماج)

ملہٕ۔ (صرف پٔنٛن پان پٔزی یورز اُنتھ) بۆز تھہٕ دی تھکٕن تہٕ گو بۆ زُے مگر پیوٚ بلاے نہٕ۔ فتح لونَس کرِ سکراٹک اَمہِ اپزِ نہٕ چھُ رزاق بٔٹس گاو نہٕ ووژھ نہٕ ترٛے ژور تیر چھرٕ لو اَکھ چھُس کتہِ تا متھ اُڈِ چ اُنی مُو بیٚیہٕ چھُس بڑٕ داند تیمِس نہٕ بۆس تہِ چھُ بِہ وان ڈٕنڈی۔ مخصر بوز سُہ چھُ مستقل تاوناتَس پیٹھ بۆت تانی سُہ عِزرایلَس یادیِیہٕ۔ ترامہٕ بانو منٛزٕ چھُس ژکہِ روٚ ستےٚ پٔتلہٕ تہٕ جالہِ روٚ ستےٚ سماوار بیٚیہٕ چھُس دقیانوسی وقتُک ژادرِ روشا اکھ تھ تل چھ وندس منٛزٕ باُژ سردی ہتی چوچھ تہٕ پچ پچ کران...... کیاہ سا کشیرِ روز اُیہِ گھے گرٕ...... گنہِ بنے نا ژنے خاوند اُمس کورِ تہٕ چھکھ تمن اقرار کران، یمن نہٕ نانہِ شبین تہِ چھُ، نہٕ اڈِ بۆنسک پرتیت۔ تو کھو تہٕ گنڈ تہٕ کورِ پننہِ کٔنی تہٕ دریاوس دِٹن دارِ تھ تہِ ورِ بوزٕ ہَس درُب تہٕ اَتہِ بوز ہَس نہٕ تتہٕ۔ اگر کور بیچھہٕ نٔو نی چھے تہٕ میوٚن کیاہ اٹھکاوچھے......



ے تہِ ونیاو نی سبل اللہ تلیا زِ کورِ ہنٛدِ طرفہٕ چھ

وۄ تھےٚ متۍ دژمَن کٕڈ تانٛ ...... پس گوا گرباٚژن دون مصلحت آمٕژ چھوٚ تیٚلہِ چھُو اختیار۔

کورِمول:۔ (سونچان سونچان) اَمَن حض ہٕ تہٕ چھُس پریشان کتھ زانَس منز آس ہینہٕ۔ کوٗر ہیٚزی تون کاندرواۓ ژوٚٹ۔ یہٕ آیاونہ بیا کھ ہیہٕ ہے۔ اٚخرمےٚ چھابِتھ کھینٛچ۔ کوٗراٚے رسید گمٕژ چھم۔ اٚکس نتہٕ اٚکس جایہِ اوسُم تھاونےٚ گَن۔

ملہٕ:۔ (کتھِ منز کتھ تراٚوِتھ) مگر ہیٚتہِ ژٕ اقرار کرکھ تتہٕ نتہٕ مےٚ نِش لِکھِتھ یا مَتھ ڈولہِ منزِ دراے کوٗر تا مَتھ واٚتی کھلہٕ کھاو گُپنہٕ سٕندی پاٚٹھی گلو دِنان گرٕژٕلتھ۔ تتےٚ اٚسہٕ شانَن پیٹھ کھٕسی کلَس پیٹھ۔

(کینژس کالَس چھہ گوٚھان ژھوپہٕ)

کورِموج:۔ (پھُرتی سان) ونہٕ سُہ جواب۔ ونان کیا زِ چھُہَس نہٕ سنہٕ رس منز اے اٚسی پھاٹہٕ وٕنی میاٚنِ کوٗر تہٕ پھاٹوتن۔ مےٚ ہیٚو اٚے بروٚنٹھے تالہِ پیٹھ کٕنی مگر کٕمی تانٛ تھوونےٚ نابد پھوٚل اٚسَس منز تہٕ دوٚپنے دِن سادولٕژ بندس کوٗر۔ کرس ہیٚتہِ زانکھ تہٕ زِنہٕ مےٚ زامٕژ اُس (یہٕ وٕنتھ ودَن باکھ تراوان) ہامیانہِ بیکس پانو۔ مُجہِ مولہِ ہاۓ کٕنم کوٗر۔ ہامیاٚنی کوٗرے وُمرِ ہے تھاوی لےٚ لُنڈ کٕڈنی۔ ہامیانہِ گروکُسو

ڈوٹھ پیٚے۔ہامیٚانہِ پانٕوٗ گسوٗ ستۍ اوسۍ تقدیر! ہامیٚانہِ
خدایو میٚانین شُر ین ہٕنٛدِس لأرِنس، کہوا وسۍ لیوٗ کھ مُت (ملہِ
تہٕ کورِ مول چھو وِدٕنہِ نِشہِ الگ نیران تہٕ یہِ سوزِنٕ زِتھ چھ
ہمسایہِ بایہِ کینٛہہ اور گُن ژکان)

گوڈنیچ ہمسایہِ بایہِ:۔ ظہرا کیٚا دی مٕوٗ دُکھ دانٛد۔ سُہ اوس چھارِ تہٕ بُجرٕ ستۍ گاسہٕ
گٔٹ ہیوٗ گومُت۔

دوٕیم ہمسایہِ بایہِ:۔ سُہ دی یا آکھ گُلہٕ اُشہِ ٹنڈیا کانٛہہ چیرؔ اُسی نتہٕ آسکھ شُر
کانٛہہ دارِ گٔژی پیوٗ مت۔

تریٚیم ہمسایہِ بایہِ:۔ (بین ستۍ پکان پکأنی) خبر چھا دی رأنِس ستۍ ما آسہِ
ہمن ژٕوٗ ہو نتہٕ ما آسکھ چارِ وایِن در ہلمہٕ لٔو گمُت۔

ژوٗرِم ہمسایہِ بایہِ:۔ (یا دپأوِ ی پأوِ ی) ئِدی مےٚ پہو یا دیٚمن دون بأژن چھُ
کورِ ہٕنٛدِس اقرارس پتھ تناز شاید سۍ کتھ چھ (تأنی
چھ نزدیک واتان سارے)۔

پأنٛژِم ہمسایہِ بایہِ:۔ (نکھہِ وأتتھ) ولہٕ دی ووں پرٛژھس یہٕ (کورِ موج چھ
وبدا کھ دِوأنی آسان) کیٚاہ دی ژٔے کیا زِ سوژ رودٕتھ
اُچھن گاش پرٛتھ دوہ وٕ دکِ وٕ دکِ۔

کورِ موج:۔ (ووشا تر اُدِتھ) ہاے کورِ موج ہمہٕ اُسِن کانٛہہ (لٔہر زیٹھ
ترٔ اُدِتھ) ہامیٚانہِ اَدلیکہِ پانٕو۔ ہامیٚانٕ بیگِس کوٗ رے

(تامَتھ چھےٚ اکھ ہمسایہِ بابا اِمس کلَس تھپھ کران تہٕ باقی چھ وُچھان ملَس تہٕ کورِ مأنِس اورِ یِوان ۔ ہورِ ہدی آس خاندارتہٕ اوخن صأب ونان وَنان ٹلان کورِ ماجہِ پتہٕ مِس گُٹھِس کُن ییتہٕ زنان اَلگ زنانہٕ کانفرنس چھِ لگان)

(اَژان ملہٕ تہٕ کورِ مول)

کورِ مول:۔ (شرارتہٕ سان) اُمی سُند مکھر حض زانہٕ یہٕ چانہِ کھوتہٕ جادِ نہٕ ووتھِ اَسہِ گرفسادِ نہٕ پھوٗنکہِ یہِ جادِ کالَس ۔مےٚ چھ وُنیکتام اُمی سُندی کِتیاہ سانگ ڈ یٹھی مُتی ۔اُمی سِنز عقل بوزتہٕ یِوِ ہےٚ کہِ ہُد ہُر راوان ہُر راوان بُڈراوِ کورِ ۔ اُمہِ کھوتہٕ کیاہ بےٚشرمی؟

ملہٕ:۔ نسامتیلےٚ مےٚ وَنیو مےٚ ژٕےٚ اگر مصلحت ییی معتبر صأبنےٚ فرماوُن گوٗھہِ مانُن ۔تی گوٗھہِ افضل تہٕ بہتر ۔

کورِ مول:۔ وُچھ حض یہٕ وَنےٚ ژُھوٗےٚ اَسہِ اَن پرَن منز چھُ عام مرضا زِاُسی چھنہٕ زانہہ کوٗریا گوٗ برُوٗ چھتھ کھاندر کران ۔ ئمی کہِ جادادوٗ چھتھ آنکار ادِوان ۔ توہی چھو خبر وأنی یہِ ماحض چھُ جأیز ۔ کاردار صأبن چھنےٚ ژٕےٚ دوہمت مےٚ ین تُس شخصہٕ سُندِ خاطرِ کورِ مانکیہِ یَسُند نیچوٗ لوٗک تہٕ چھُ مریض تہٕ ۔ رزاق بلِس منز نہٕ چھُ لوٗک توٗ دتہٕ نہٕ چھُ مرمُک کانہہ خطرِ ۔

ملہٕ:- ہے مٕنزٕ لیکھ چھا سأنٕزٕ لے روزان۔ ہاں ژاسہٕ ٹوکھ یا
کُنہٕ کُنہٕ اگر تیہٕ گرٕ ایوٕ ان چھس تتھ چھکھ ژٕ ونان
سُہ کوٗٹ چھُ اڈٕ لیکھ یہٕ چھُ کُنہٕ آمب ڈانب گوٗھان
کھنٕبس منٕز...... خواہ مخواہ کران چھہن معتبر ناراض۔

کورِ مول:- نحض اگر کاردار ناراض تہٕ گوٗھہٕ یہٕ ہیکن نہٕ کوٗر دِتھ
تٕسنٕدِس نوکرس...... پرانہٕ وارٕ لٕگی لٕگی چھُ تٕسنٕد مُہنیو
چھچھ کران۔۔ اٗخرٕ زمانہٕ نٔے آسہٕ ہے پرانہٕ وقتہٕ اوس
صرف ڈوٗمبے، شقدٔری کران۔ اَزیُس چکدارٕ سُنٕد شقدر
بنان سُہ چھُ مُری دیا دم یِوان گٔنٕز راونہٕ۔ اگر معتبر مےٚ چکہٕ
منٕز زمین تراوِنہٕ مےٚ چھنہٕ یمَن دون ترین ترکن ہُنٕد
ضروٗرت مےٚ کریا حض خدا ےبنٕد تیلہٕ؟ تمی سےٚ تانی چھا
حض میوٗن روٗزِی۔ سُہ چھُ مےٚ دِپان ڈوٗمبس نیٚتھر
دیُن اگر یِوٕ ہ کتھ مےٚ پنٕنی کسہٕ کوٚے بوزَن۔ تم حض کرن
مےٚ تھوکوٚتی۔

ملہٕ:- (نٔس ووتھراوان ووتھراوان) وُنہٕ تہٕ اگر میوٗن بوزَ کھ جان
چھی معتبر صأبنے حکم مانُن۔ مےٚ چھنہٕ تگان بوزُن ژٕ نےٚ گتھ
پتھ چھے یِوان وُنٕہٕ نٔوُن۔ یینہٕ چھُ یہ سورُے تقدیرٕ ٹلی کہٕ
ہا اُکُھ لِیٕ آ کھُرتی اُمسٕ کوٚ یُنٕدِ حقہٕ رُت تتھ

کیاہ کرٕ کھ ژٕ یابہٕ؟

کورِمول:۔ (ژَ کھہِ سان) اوخن صأ بایا چھے نہٕ تگان ژٕ ے بوزُن نتہٕ چھُنہٕ میٚے تگان وَنُن۔ دوٚپے ہے یہِ کتھ نحض اِنڈِ نہ وول کیاہ چھِ تو ہَس دوگ دِنی۔ یہِ چھےٚ تنٔ غرض مُنڈی۔ کُہنز تانی کوٗر گستانی سُنڈِس نچوِس پتٔھرِ نی کھاندرٕ پتہٕ پھٔٹتَن الہٕ گرِٹ۔......لۆکھ وُچھن تماشا۔ یہِ حض گولۆ کھےٚ مۆ دیا خدایو ہمسایہٕ ونہٕ یوگرو۔ اٰخر کوٗرگوٚبُر چھاحض چاروو ے تہٕ سو گہِ دژٕ وگہِ دِمہٕ ووس دکہٕ۔

ملہٕ:۔ مےٚ وول پنہٕ نبوٗ شانو پیٹھہٕ۔ وونی چھِ چأنی مرضی مگر ستی وَنے خبرٕ کتہٕ ہَن پہن چانہِ اِنکارٕ گنڈی کڑنی۔ توٚ ے وَنان اوسہٕ سَے متہٕ پتہٕ وُٹھنہ متہٕ کرتَن پنٔنی کوٗروأ ران۔

کورِمول: (بتھ لٔدِ تھ) نحض اول میأنی کوٗرچھنہٕ میانہِ اختیارٕ دوم چھےٚ وارِیاہ کتھہٕ یَمو منزٕ مےٚ کینٔہہ وَنہٕ مَے۔ لہٰذا اگرِ ھو خدایَس حوالہٕ یِہےٚ چھُ میوٗن جواب (یہِ بۆ زِتھ چھُ ملہٕ شرارتہٕ سان نیران۔ تعلیم مَدہ کم ذات را۔ منکرشود اُستادِرا"۔ پران پران)......وۆ پھن چھُ یہِ ملہٕ کوٚ رمُت اوٚن۔ یہِ چھُنہٕ سوچان پنٔداہوٗ رِکِ شہٕ کورِتہٕ ستہٕ وُہرِس

کٔنِس واتیاہ کھورٕ گنڈ کرُن ۔ لٔگہٕ ہٕنٛزٕن منٛچن اتھہٕ دأری
دأری چھُس پکھر پوریک ہکھر گوٚ مُت ۔ یہ چھُنہٕ أمِس
یِوان بوزنہٕ زِلُڑکہٕ سِلہٕ لَد، مأنِس ژھیوٚٹ کھیٚنے کھیٚنے
پرأ ژ آمُت ...... أمِس معتبرس نَے وُنہٕ وُ ژھِمُو چھِ یہِ
گوٚ ژھایِوھِ کتھِ پیٹھ دَس دِیُن ...... اَصلی بوز غرضہٕ
اوسن گوکدلہٕ أنی سُنٛدِ کھوتہٕ سَخ ...... ووں چھُم پھیران ہٕمی
سُنٛد خبر کُس تام ژاوتَس نستہٕ کَنہٕ تہٕ لوگُمت چھُن حال بیٚنہٕ
پیٹھہٕ کالٕی کیتھ تانی وَدَن وانا ۔ أمِس کتھہٕ کنہٕ ہاوِیہٕ رزاق بٹ
ہے غریب تہٕ چھُ مگر ستی چھُ شریف تہٕ، نچو تمی سُنٛدی سِتمہٕ
کِنہٕ أتھمہٕ جمأ ژ تانی پوٚ رمُت بیٚنہٕ حلیم تہٕ واتن وول
...... یِمو فِکرو چھِہم عناصِر ڈاجہِ مُت ...... بیٚنہٕ چھُم نَتھ خبر رزاق
بٔنِس ما کرِناوِ چکدار یاذأ لدار میانہٕ شرارتہٕ کاتھہٕ وأری داتھا
تِکیاز تہنٛدی شیچہٕ رویہٕ شیطان اجنٹ تہٕ پٔنٛنی دُشمن بیٚہن
نہٕ وونی پتھر ...... اچھا حال أتھ راوِیہٕ گرِ نیاے ۔
(یہٕ وُنتھ چھُ یتِمس گٔژھس منزٕ اَژنہٕ نیران)

# منظر ۳

(کاہچرلیہِ مأدان اژان، والنٹیر جوراگرہس کھنٛچہِ أکِس بروٛنہہ بروٛنہہ زِیر دِوان یٛمَن پتہٕ بیاکھ جماتھا پکان نعرہ بأزی کران۔ زٔٹنہِ لٔکھ أڈی ووٕدِنی أڈی یہان أڈی شور کران أڈی جایہِ پٔٹھ ژٔوان)

والنٹیر ۱:۔ ہَتو ٹو پیلِ بایو۔ تلایہِ تو أکِس جایہِ یِنٛہِ دِے تو زورٕ پہَن نعرٕ بہٕ وَنو تلگ پٔٹھ توٛہی ؤنی زِیو زِندہ باد (شورٕ موجب ژھنہٕ أمی سُنٛد کأنہہ بوزان...... تلگ پٔٹھ (سخ شور)...... تلگ پٔٹھ۔

بروٛنہہ کنِکی داہ پنداہ گرہس :۔ زِندہ باد (پانہٕ وأنی ہوان بحث کرُن، امہِ نعرٕ کِس مانہِ یَس پٔٹھ)

والنٹیر ۲:۔ (خفہٕ گژھتھ) کیاہ سہ ہَرِس پٔٹھ ژھو کأنہہ یہتھ نمایندٕ صأب ژھُ یِنہِ وول۔ زورٕ پہَن دِیو نعرٕ۔ بہٕ وَنو ظأرلمَن ہُنٛد بیٛوٗل توٛہی ؤنی زِیو خدایَن گول۔ بہٕ وَنو ہِنٛد و مُسلِم اتحاد۔ توٛہی ؤنی زِیو ''زِندہ باد'' بہٕ وَنو غأرمُلکی سامراج توٛہی ؤنی زِیو مردہ باد۔ بہٕ وَنو غدارانِ قوم توٛہی ؤنی زِیو مسِ مار۔ بہٕ وَنو تلگ پٔٹھ۔ توٛہی ؤنی زِیو زِندہ باد۔ بو وَنو چکدارن ہُنٛد

بوٚل توٚہۍ وٲنی زبو ''خدایَن گول'' یہِ وَنو کِسانَن ہنٛز
کانفرنٛس توٚہۍ وٲنی زبو زِندہ باد......اکہِ نتہٕ اکہِ دوٚہہ چھُ توٚہہِ
حکوٗمت کرٕنی۔توٚے پزَن توٚہے پٕرھہِ کتھہٕ اُزی کہِ پیٹھہٕ
ہیٚچھنہِ (تانٛی چھُ سٹیج شیر نٛس لگان)

گرٕوٗس نمبرا:۔(بیکس کٕن) ژٕ ے روٗدیہِ سایادٲمی کیٛاہ ووٚن۔
گرٕوٗس نمبر۲:۔اہَن سہ یہِ کیٛثھو ہااورٕ وٕنن۔یورٕ وٕنن زِندہ باد یا مردہ باد۔یا
خدایَن گول۔یہِ کیٛاہ مُشکِل زوٗنتھ ژٕ ے۔

والنٹیر نمبرا:۔ تھووٗ سہ یادوٗ زن کروہٕ ٹیسٹ (لوٗکھ چھ پھسرِ ہارٕ ین منٛز
مشغوٗل)

گریوٗس نمبرا:۔(عامَس کٕن) ژوھپہٕ ہسہَ والنٹیر چھُ کیٛاہ تانٛی ونان۔
گرٕوٗس نمبر۲:۔(اُمَس مدددِوان) ژوھپہٕ۔ژوھپہٕ خدایہِ سٔندِ خاطرٕ کٕریو
ژوھپہٕ (تامتھ چھُ اژان نمایندٕ تہٕ والنٹیرس گوٚھان
بامبرِ منٛز ٹیسٹ کرٕن مُشتھے۔

گرٕوٗس نمبر۳:۔(نمایندٕس کٕن نظر پیٚتھ) ہاووٚندٕ میاژ ومیانہِ نمایندا۔اَز کیٛاہ
ترِساٹھن زِٹھسن تہٕ پتوٗ اُرِس فِکرِ ییٚتہٕ تہٕ چھُ بسان کاتھہ (نمایندٕ
درخواست رٹان رٹان پکان)

والنٹیر:۔(بے موقعہ) ہِندو مُسلم اتحاد
گرٕیسی:۔(اُڈی) زندہ باد (اُڈی) مردہ باد (تہٕ اُڈی ونان) خداین گول۔

والنٹیر :۔ کوسہ سہ دِوَتھ وُژھو۔ (نمایندٕ ہ چھُ ئچھٕن اتھہِ گلوان سلام کران) ساٗری دیوٗ زورٕ پٔھن نعرہ...... گریستٔن ہُنٛد نمایندٕ۔

گرٛیسی :۔ زِندہ باد...... زِندہ باد زِندہ...... باد۔ زن۔ دہ...... با......د

والنٹیر :۔ بَس بَس اکی پھرِ گوٚھہِ زورٕ سان وَنُن (کیٛژون گوٚھان اُمی سُنٛد ہیچھناوُن تہٕ کٹھ کڈٕنی برتبا) غیر مُلکی سامراج۔ (ژھوپہٕ) ئنیوسہ "مردہ باد"۔ (نمایندہ درخواست پران پران بروٚنہکُن پکان)

گرٛیسی :۔ (أڈی) مردہ باد (پانہٕ وأنی ونان) یہِ کیٛاہ بکواس ونان نتہٕ بنیاواسون راج اُمی ژھنیاو مأرِتھ۔ بیا کھأمِس اِصلاح گٔرِتھ ونان۔ اُمیک مطلب ہا گووٕ پرٛن ہُنٛد راج نہٕ صرِف گوٚھہِ سونٕے راج بنُن

والنٹیر :۔ مظلوٗم بایَن ہُنٛد لیڈر تہٕ نمایندہ

گرٛیسی :۔ زِندہ باد (تانی چھُ نمایندہ کھسان سٹیجس پٮ۪ٹھ تہٕ گرٛیسی چھ ہوان پانہٕ وأنی وَنُن) ہو۔ رکھ ہو کیٛاہ...... ہکیٛاہ ووتھہِ وُنی ......وچھنوٗ رکیٛاہ چھس بُتھس پشیان۔

والنٹیر نمبرا:۔ خاموٗش خاموٗش۔ تقریر چھُ سپدن وول (گرٛیسی کران ژھوپہٕ)

نمایندہ:۔ (کنزس پیٹھ کھسِتھ) جناب قمری صاب کیا ساپرن توہہِ بروٚنہہ کنہِ جناب ٹھلیا صاٗبن گاٗمی ترانہٕ۔ واریاہ زو کن داٗرِتھ

(تانی یہانٕ کاغذس پیٹھ کیاہ تانی لیکھنہِ)

قمری:۔ (بابہٕ ٹوٗپی ژج تھاوِتھ) حاضرہین کرام۔ السلام علیکم

گریسی:۔ والیکُم سلام۔ خدادِیہِ نے آبروے (تانی اَژان ذاٗلدار، نمبردار، معتبر، چوٗکدار تہٕ پٹواٗری تہٕ ہوان یہُن لوتی اکس کوٗنس منز۔ گریسی تارِعینِ جلسس منز کلہٕ بوٚن کُن تراٗوِتھ یمن شرُنی کران)

قمری:۔ چونکہِ نمایندٕ صاٗبنۍ تجویز بنہِ نہٕ پھُٹراوٗنی ورنہٕ حقیقتھ چھ یہے کہِ زُ کامہٕ ستی چھُ مے ہوٚٹ خراب گوٗمُت خاٗر ووٚنی پرٕ بہٕ گاٗمی ترانہٕ۔ مگر اَمہِ بروٚنہہ دِیوٗ زورٕ یہن نعرٕ "جاٗگیرداٗری تہٕ چکداٗری لوٹ۔"

گریسی:۔ مردہ باد۔ (قمری چھُ ترنُمہٕ سان قومی ترانہٕ ژاساٗرِتھ تہٕ ہیوٚ رموکلاوِتھ پران۔)

حمد پٔری تو گریستیو یمہِ مُلکہٕ منز مُغلا ننیاو

سربُجد روزوٗنی سرمایہ دارَن دوہ ژھوٹیاو

زندگی ہُند رُوح چاٗنِس مروجسمس منز تہٕ ژاو

گریستیو بیدار گٔرِھتھ پان پٔنن پرزِ ناو
یُتھنہٕ کانژھاوٕ رغلایوٗ دُشمنو سانو منزٕ
تم سبٹھا خودغرض چھی بیٚیہٕ کتھ تھزٕ گرٕی زبنہٕ زانہہ
واش کوٹھہِ نِے کڈٕتہٕ تھوٚ دوو تھاٗ چھ مُورتلو اس تراو
گریستیو بیدار گٔرِھتھ پان پٔنن پرزِ ناو

گامہٕ والنٹیر :۔ نعرۂ تکبیر......

گرٕیسی :۔ (زورٕ سان) اللہ اکبر۔ (نمایندس مذہبی نعرہٕ ستی بُتھِس ژٕ کرٕہش کھسان)

شہری والنٹیر :۔ تلک پٹھ

گرٕیسی :۔ (أڈی) خدایَن گول (أڈی) زِندہ باد (بیٚیہٕ ھوان پانہٕ وأنی وٕنن) سیہ کیاہ نوٕ ے نعرہ۔ ہتلک پٹھ گوھن گوناوو ہہ ووہ؟

قمری :۔ چاٗنِسے خوٚنس کران چھی نوش سأری معتبر
گاسہٕ کٔے حِصہٕ یمن دین کُمی ووٚنے اے بے خبر

گرٕیسی :۔ (ترانہٕ منزٕ ی) ہاتہند بن خانٔن گٔرِھن ہِنأے یموسون گنڈ پھُٹرٕ۔

قمری :۔ ہوٚ تمٔتِس گاسس کران چکدار سونتہٕ تیز بھاو
گریستیو بیدار گٔرِھتھ پان پٔنن پرزِ ناو

گریوٚس نمبرا :۔ (وڈی وُٹھتھ) ہاے یِی کیاہ حٔص گو۔ خدایس پتھ سانہٕ

ژھُک دوٗدٕ رگاسہٕ کھوٚر گنٛتھ اَسی ڈبل روپیہٕ۔

گامہٕ والنٹیر :۔ چکدار۔ ابہٕ دیوتہٕ کوکر کوٗن۔

گرٛیسی:۔ (جوشہٕ سان) مردہ باد، مردہ باد، مردہ باد (پانہٕ وأنی) ہے
ووٗنی کیٛاہ باپتھ اُمِس گامہٕ کِین تمام ظُلمَن ہنٛز خبر

قمری:۔ کاروباراپار سوما نگیا یُتھنہٕ ژٕ دِکھ،
کاردارَس مُقدمَس بروٗنہہ گُن سلامے یُتھنہٕ پکھ
تم چھ سأری چانٛی نوکر رُعبہٕ کُے وسواس تراو
گرٛیستیو بیدار گوٚژھِتھ پان پنُن پرزٕ ناو

گامہٕ والنٹیر :۔ اِنقلاب۔

گرٛیسی:۔ (شورٕ سان) زِندہ باد۔

قمری:۔ سأنی مظلوٗم بأے چھُوتُہۍ سرکر توہہِ پتھ فِدا
گرٛیسی کھاوَن حأ کِمن اُسی دالہٕ والو باخدا
اکھ شرط چھی اُچھ وُٹتھ ووٗنی اَسہِ روٗس زانٛہہ شہہ مہٕ تراو
گرٛیستیو بیدار گوٚژھِتھ پان پنُن پرزٕ ناو
پرتھ کولے پیٹھ اکھ کٔدل بیٛیہٕ گامہٕ گامہٕ روندٕ وألی
اُسی بناووسون کانٛہہ تقریر گوٚژھِہ نہٕ زانٛہہ تہِ خأ لی
چندٕ دِیُن چانے ذِمہٕ بیٛیہٕ واوڈہرِ پشتھ ناوتراو
گرٛیستیو بیدار گوٚژھِتھ پان پنُن پرزٕ ناو

(تریش ہوان چینی)

گریسی:۔ (پانہٕ وٲنی) اَہنُویم تہِ کتہِ اَنن۔ گنہِ چھالنٛب وَسان اٲخر یِمن تے زُوچھُ۔ عیال چھُ جنجال چھُ۔ پتُن گرٕ بار ترٲوِتھ چھِیم سانہِ بدلہٕ جنگان۔ یِمن اے اَسَن تل پٕدی ژٕدی مُتی سانہِ خاطرٕ گامہٕ گامہٕ پھیری پھیری یِمن کتہِ وَسہِ اَسمانہٕ روٗزی۔

گریوٗس نمبرا:۔ بیٚیہِ چھِی دپان یِمن پوٗنسن بناود کوٗلن کٕڈل۔ بیٚیہِ گامہٕ گامہٕ روندٕ وٲلی۔ حال بجرا اوَن ژوٗرَن نشہِ۔

قمری:۔ (ترنُمہٕ سان) اَچھ کٹرٕ کیٚنژون زٕمن چھے سانہِ اقبالُک بجر
یُوداسے ڈوٗل اَتھہِ کھورتم چھِی گرٕہان خوش زودتر
پوٗ زاپٕز برونہہ کُن نٕنے پبلک وَنے کس ہور کاو
گریستیو بیدار گٕوِھتھ پان پٔتُن پرٕزٕ ناو

گریوٗس نمبرا:۔ زِندہ باد۔ (یِہِ بوٗزِتھ قمری ہان پتھرتہٕ نمایندٕ چھُ ووتھان لیکچر کرنہِ گریسی چھ کنہٕ پھسرلہِ کران)

والنٹیر:۔ خاموش۔ خاموش۔

گریوٗس نمبرا:۔ (بڈِ پَہن) خاموش، خاموش، ہَے ژھوپہٕ ہسہ ہے۔

گریوٗس نمبر۲:۔ (اَمِس مدد کران) ژھوپہٕ ہسہ، ژھوپہٕ ہسہ۔ نمایندٕ کرِ لیکچر...... ہے ووزجہِ ٹوپہِ والیا تلا پتھر بہتہٕ۔

نمایندٕ:۔ (اَمِس کُن) معزز حضرات و خواتین (گریسی چھنہٕ دُنہٕ

تہٕ ژھوپہٕ کران)

شہری والنٹیر :۔ خاموش! تلہٕ سہٕ زورٕ پٕھن گری تو "ظالمن ہُنٛد بیوٗل"

گرٕیسی :۔ (کریکہٕ سان) خُدا ایٚن گول ۔ خُدا ایٚن گول ۔ (پانہٕ وأنی وَنان "ہے نُمایندٕ کیاہ وَنان حضراتن ہُنٛد")

والنٹیر :۔ وارٕ تھاوِو کن ۔ نمایندٕ صأب کیاہ ونہٕ ۔ یوٗ ژِتھ گوھہٕ تتھ پیٹھ عمل کرٕنی ...... ہے کرٕژیچ کھور بانا بیٚہہ سأ کیسہٕ

جلیہٕ ۔ (تانی گوھان ژھوپہٕ)

نمایندٕ :۔ (ہٹہٕ پٹہٕ ہمدردانہٕ تھ) میانہِ مظلوٗم بایو توہہٕ کُن وُچھِتھ چھس بہٕ زَن نحوست وُچھان ۔ روخن ۂنز أڈی جہٕ چھو ظلمہٕ ستی نَنہٕ دزامٕژ ۔ فاقوٕ ستی چھوہ أچھ ژار بن گمٕژ ستھ ۔ بیگارٕ ستی چھو کوٗٹھی ہیٚتھ گمٕتی بیماریوٕ ستی چھوہ وُٹھن پٕتر لُجمو جابرٕ سٕنٛدِ قہرٕ ستی چھو کنہٕ پھٕژ والأ نزترا وِمٕژ ۔ أندرِ مو غموٕ ستی چھو لرٕ کانہٕ پھٕٹتھ دزامٕژ یِمے نرکأنی ہی چھوٕ گمٕتی ۔ آہ! اے مظلوٗم بایہٕ! ژٕے ماسونٛچِتھ زانٛہہ ژٕے کیاہ گوٚمُت چھے؟ ژٕے ماسونٛچِتھ زانٛہہ ژٕ گتھ دشایہٕ چھکھ ولتہٕ نوومُت، ژٕے ماسونٛچِتھ زانٛہہ پننہٕ نٔبن دادبن ہُنٛد دوا؟ دَپ نہٕ ۔ وارٕ بوزوأنجہٕ ہُنٛد بو کنو ۔ ژٕ کوٚ رنکھ بُرباد جہالتن تہٕ تفرقن ۔ خوفن تہٕ وہمن ۔ ہوٚ کھی ہوٚ کھی چھی کرٕ ژس منٛز زووٕ ے ۔ یٔلی کہٕ نہٕ تتہٕ ۔

نہٕ ژٕ ے زُواوزٕ نہٕ جِسم ...... چون جاداد کھوٚ رسُوم بدَو۔ چون زمین کھوٚ بیماریوتہٕ غمو۔ چون عزت کھوٚ چلنہِ بیقلازی۔ چون حق کھوٚ چأُنی نہٕ واتنن ۔ توَ ے گو چون زِیُٔنمت کیاوِ جوٚ کھمُت کولہِ ۔ توَ ے یِو ان چھی ژٕ ے پڑتھ کانٛہہ ٹھولہِ ۔ وارِ بوز ژٕ ے ہاوأُ جِھےَ زِٹھوٚوُنہٕ ۔ ژٕ ے ہادزا یے ناوِ کونہٕ ۔ ژٕ ے ہاپھٕٹے وٕنتھہِ گُنہٕ ۔ بیگارِ نہٕ والوزُٔ نمُت چھِہکھ خر ۔ یوٚ ت خوش چھُکھ گوھان توٚ ت چھی چاران پلنہٕ ...... درامُن تہِ چھی نہٕ دِوان کرنہٕ ۔ اَپُز روبہٕ دابَن چھنےَ زٕسمہٕ تیزٕ ہناوِھٕ کہِ مقدم ڈیشہِ ہن تہٕ وُسوأُسی پھٹہٕ نےَ پٹوأُری ڈیشہِ ہن تہٕ پھٹنےَ ترٕ گنڈی ۔ چپرأُسی وُچھہَن تہٕ أُژِی کوٹھِین نٕتھ ۔ ذأُلدار وُچھہن تہٕ لاحول وَلاپرِکھ ۔ اَمہِ حالہٕ یِیمہِ ساتہٕ ژٕتحصیلدار آسہَن ڈیشان ژٕ آسکھ خبر کِتہٕ ہَن دوٚہَن خوأُبی منزی ووٕتہٕ کڈان ...... ہے افسوٗس ۔ اَے کاش ژٕ ے ترِہی فِکرِ ژٕ گُس چھُکھ ۔ کاش ژٕ زانہٕ ہکھ ژٕ ے گُس گُس چھے دِرکہِ ہُنٛدی پأُٹھی خوٗن ژہان ۔ ژٕ ے ماہیرٕ تھ پٔنہِ عقلہِ کأُم زانٛہہ توَ ے یَس پیأُری پِلیاو تُمی تِجنےَ دٕ ج دٕ ج ۔ تیمی تیمی موقعہِ لوٚب تُمی تُمی ترووکھ کِنزِ تھٕے فٕس کوٚنزٕ رُٹ گَ چھی گومُت ..........

ژھوٚٹے بوزٕنٛے کُن وُچھِو چھان چھُ ہیٚہہ گوٚھان۔ حالانکہٕ چاٗنِسے شانٛس پٔتھ چھِ نژان ساٗری افسر، ساٗری دفتر، ساٗری جاگیر دار، ساٗری کارخانہٕ دار، ساٗری شہری تہٕ ساٗری گامی، مگر ژٕ چھُکھ زَن ہمیشہ خاطرٕ بنگہٕ چیٚہو۔ زن چھِہے دُشمنو مزارٕ میٚوترٲوِمٕژ پٔتھ۔ توٚے چھُکھنہٕ اَچھ موٗرِتھ ہبکان۔ توٚے چھُکھنہٕ بیدار گوٚمِتھ پنٕنِن دُشمنَن تلُک پٔتھ کران۔

شہری والنٹیر :۔ تلُک پٔتھ (ساٗری وٕنو زِندہ باد)

گرٛیسی :۔ (روشہ روشی) زِندہ باد۔

نمایندٕ :۔ (تقریر جاٗری تھاٗوِتھ) اَلغرض یوٚت تام نہٕ ژٕ پنٕنِن کوٚھنن پٔتھ کھڑا روزٕن ہیچھکھ توٚت تام اگر ژٕ ساٗرے وٕری تیٚ کماٗوِ ڈِدار سٕ ترٕہن روپین بدلہٕ دِکھتوٚ تہٕ کٔڈی حسابہٕ وِزِ شیٚتھ باقی۔ ژٕ کوٚنہ سونچان ژٕ اے دُنیہَس دِوان جکِھتھ تہٕ ژٕ کیا زِپانہٕ بتہٕ دادِ حالِ حاٗران۔ چاٗنی موٕ دُنیا کھوان مگر...... مگر ژٕ ہے نہٕ یوٚت تہٕ آسان نصیبہٕ ڈٕری یاوٕس منز اُستھ ژٕ تریشہِ تریشہِ کران۔ ژٕ ے تمنا کھٔگشِس منز بٔلہم ناوٕ شِنی زٕٹ ژٕ ے تمناہوٚ نو روٚ ستے کرٕ ہا عید اژٕ ے نہٕ یِوان بوزنٕے رٕکتھہٕ کنہٕ چھم دُشمن ہوٚ نکنہٕ میٚٹھی تہٕ ہٕتس

کھش کران۔ یہِ کیٚاز ِ......؟ باہوش و گوش بوزیوٚ تام نہٕ
ژٕ اَکس تنظیمَس تَل یِکھ توٚ تام ہیٚکہِ نہٕ لُقمان تہِ
چانہِن داد بن دواگرِ تھ۔ اَسہِ چھ توَے تُہندی تظلُمات دوٗر
کرنہٕ خاطرٕ اَکھ کانفرنس بناوٕموٚ۔ یتھ مژٕ کام کران نہٕ
چھ اَسہِ راتھ گُنہٕ تہٕ نہٕ دوہ۔ مگر افسوٗس موج کران
کوٗری کوٗری تہٕ کوٗر کران رانہٕ رانہٕ۔ اَسی وَنان توہہِ
خدایَس سِوا مہٕ نِموکانٛسہِ۔ مگر تُہی تِمن نمان یِم تُہندی
نوکر چھ۔ اَسہِ کھوٚت پُس اَسَن توہہِ اتحاد وا تفاق ہیٚچھہِ
ناوان۔ مگر تُہی ہا کہٕ موٚنجہِ پٹھ اَکھ اَکس کھاسرِ پھاٹوان
المختصر سانہِن تقریرَن گواز تام کرنجلہِ آب مگر وُنہٕ گونہٕ ژیر
اگر ژٕ بروٗنہہ گُن بُربادی تہٕ واریٛنی نِشہِ بچُن چھکھ
یژھان تیٚلہِ اژھ سائنس جنڈس تَل (کنژٕ پیٹھ گلاسہٕ
ٹِکتھ ترٛیش ہِواں چوٚن۔ اَکھ گامہٕ والنٹیر کیٚا ہتام اَمِس
کَنَس تل وَنان)

گامہٕ شُر:۔ (ماٗلِس گُن) بباَ اَتھ جنڈٕ کِس کپر اَڈ گژس تَل کِتیاہ سنا
بیٖہن۔

گریوٚس نمبر ۴:۔ بیٚقل بچا امیک معنی ہا گوا اَتھ جنڈس اَنٛدی اَنٛدی سِمن۔ بیٚیہ
اگر دُشمَن اَمہ کِس ڈنڈس پھٹراون تِمن نرِ ژٹنہِ۔

گرہس نمبر۳:۔ حال چھ دُشمنوسانے نرِ ژچھِو۔ بیہِ چھنہٕ مےٚ ترٛان فکرِ جنڈَس أنڈی أنڈی سمنہٕ ستی وَسیا اَسہِ کا ہچرأ یے یا تریا اَسہِ سُہ شأملات یُس چکدار وژو ہمُت چھُ.........خأر نمایندٕ صأب ووٚ تھہِ بیہِ۔

نمایندٕ:۔ ہاں مےٚ بۄز۔ (گرٛیسی چھنہٕ کنہٕ پھسر ایونہٕ موکلأنی۔ ہر طرف چھ ژو کھرِ گرِتھ نکتہٕ چینی کران)

والنٹیر:۔ خاموش خاموش۔ بایو تقریر چھُ یوان کرنہٕ زِ زورٕ پھن دِیوُنعرٕ۔ "رشوَت ستأنی"

گرٛیسی:۔ (اَکی زبو) مردہ باد، مردہ باد (ذألدار ژلان ژۄ رژۄ رِ پٹوأرِس پتہٕ پتہٕ)

نمایندٕ:۔ ہاں مےٚ بۄز ییتے کأنسہِ زِٹھس کھاندر چھُ آسان سُہ چھُ غریب بایَن کھٹہٕ کو کرۄتی ہوان تتھے کُنۍ اَکھ معتبر أکِس کاشکارَس زمین رٕتھ بیٚیس دِنہٕ وِزِ ژادراہو ان یا سأری ہے وُری یَس گرِچ کأم کرِناوان بیہِ اَکھ ملا ہتہٕ قسمہٕ ٹیکس وصوٗل کران۔ مگر توتہٕ گأمَس رٕژ و وبال گردن تتھے کُنۍ تاوَن زَدمنژِم یأری کورِ مألِس کیاٗو گوٗبرِ مألِس ہارِ کھبتھ تہٕ گھن تراوان ــ مےٚ چھُ یہنڈس مۆگرِ گھنبَس پیٹھ سیٹھا افسوٗس یوان۔ بیہِ چھُس بہ یمن

نفرت کران۔

گرٖیسی:۔ (اَ کی زیٖوٕ) نفرت، نفرت، نف، رت۔ (ملہٕ۔ نمبردار۔ چوٗکی دار معتبر نیران ژوٗ رِ ژوٗ رِ)

نمایندٕ:۔ یموٗ علاوٕ چھ ییٚتہٕ وار یاہ ظالم یمَن تہ دورٕ کھ کرنہٕ خاطرٕ بناوو أسی اَکھ کمیٹی ییٚتہٕ۔ توہہِ پزٕ تتھ کمیٹی ستی روزُن۔ پننہٕ تظلمات بذریعہ تحریر کمیٹی پیش کرٕنی۔ ییٚہ تَمہِ کمیٹی ہٕنٛد بن حُکمَن پیٹھ تیار روزُن۔

گرٖیسی:۔ ضروٗر ضروٗر (پٕتم کھیٚنج) تیار۔ تیار۔

نمایندٕ:۔ توہہِ ترِنہٕ وُنی کنبَس فِکرِ یہٕ کمیٹی کوسہٕ خدمت کرِ غریبَن، نادارَن تہٕ پرژھینین۔ مگر یہٕ چھسو توہہِ یقین دِوان کمیٹی ہُنٛد ناووٗزی تھیٚرین تژان مُتلہٕ راکھس تہٕ گاڈراکھس۔ لاف بدکارِ شیطان اِدکرنہٕ تم رِتی رِتی مانگے وصوٗل۔ ییٚلہٕ یم ہی حرام خور تژاس کھمن پانٕے بوٗزِو باقین کیاہ بنہٕ۔ مگر یہٕ وَنو توہہِ دوٚبارٕ سیٚزِ اونگجِ چھنہٕ گنوٕ کھسان۔ یامتھ تُہنٛدی دُشمن چھوٗ چھان توہہ کہن راٚ وہو گاوتہٕ بہن نہٕ یوان اتھہِ۔ تم چھ تُہنٛد بن تناژن ہُنٛد ناجاٗیز فاٗید تُلان۔ تُہوٗ کریو اِتفاق تہٕ روٗزِو کمیٹی ماتحت اُکس رٔتبَس اندر اندروٗ چھو توٚہۍ تُہنٛدی دُشمن تُہنٛدی پاٗزار رٹان۔

گریوس نمبر۳:۔ جناب اَسہِ کریاوُ نیک تامَتھ دِہہِ پھرِ قسم اتفاقَس پیٹھ مگر
یہِ کوندے کھوٗ نہٕ ییٚتہٕ۔ پنہٕ نی بأے درائے مُخالِف یتھ
کتھِ پیٹھ قسم کوٚ رتھ کتھِ گرِ تموِ یرِ وُنی ناو۔

نمایندٕ:۔ یہِ چھ تُہنزِ بے علمی ہُنز دٔلیل ییٚہِ طمأے آسنکہِ وجہہ چھو
شیطان توہہِ جلد ڈالان۔ مگر چونکہِ اَسہِ چھ وُنکینس تمام
علاقَس پھیر تھ لوکل کمیٹی بناونہٕ۔ لہذا اچھ سون وقت سبٹھاہ
تنگ۔ ہاں أزی کہِ پیٹھہٕ اگر توہہِ منز کانہہ کانہہ بے ایمأنی
کرِ سہ گوٗ ھِہ گوڑٕ کھوٚستی سیٚو دکرُن پتے پلوتہٕ اَتھوٚستی تہٕ
یتھی گبہ بتھی رامہٕ ہوٗنی سزراونہٕ خأطرٕ چھ أسی ییٚتہٕ لوکل
کمیٹی بناوان خدا دی نو توفیق بوٗ زِ تھ عمل کرِ نک
(گریسی کران آمین) ییٚہِ اَکھ أکس ستی رلہٕ نک (گریسی
کران آمین) یہٕ ژار کھووُنی تُہندی مقأمی نمایندٕ یم
تُہند بن چھو کن دوا کرَن (ژاس کران کران یہان پتھر
تہٕ ہوان لبھُن)

والنٹیر:۔ لوکل کمیٹی ییٚہِ نمایندٕ صأب۔

گریسی:۔ زِندہ باد

نمایندٕ:۔ (ییٚہِ تھوٚ دو وتھان) اَسہِ بنو و محمد خضر بٹ جنرل سیکریٹری۔
أی ہے اَتھِ دِمو أسی باقی ممبرَن ہُند فہرستہٕ۔ توہہِ چھا منظوٗر؟

گرٛیسی :- (أڈی )منظوٗر(أڈی )ضروٗر(اکھاہ علمہٕ مٔنز )،محمد خضر بٹ مجأہدِ ڈٔلی پوٗر۔

باقٕے گرٛیسی :- زِندہ باد

نمایندٕ :- ییٚہ کیٛا ساٗ ژورے عبدالخألِق رأتھر تِہنٛد صدٕر (یہٕ وُنِتھ چھُ سٹیجہ پیٚٹھہٕ وۄستھ مقأمی نمایندن ستی تعارُف کران)

شہری والنٹیر :- صدرِ محترم !عبدالخألِق رأتھر صأب

گرٛیسی :- (أڈی ) زِندہ باد (أڈی ژھوپہٕ کأنہہ کأنہہ وَنان )ظُہر یا ہوو شکَسن موکھ۔

نمایندٕ :- (نیران نیران مقأمی نمایندَن کُن )عوامَس گوڈہٕ چندٕ چ اپیل کرٕنی۔

گرٛیوٗس :- (نمایندٕ نیران )یُس پھکھ یَتھ ووتھہٕ سُہ تُلہِ خأرلق رأتھر۔

(یہٕ بوٗزِتھ چھِ سأری نیران)



# منظر ۴

(رزاق بٹن گرٕ۔ شام چھُ تیار۔ اژان رزاق بٹ بیٚیہٕ ملہٕ)

رزاق بٹ:۔ (زامنا گرِتھ) وُچھتہٕ حض بہٕ مادڑ اس گرٕ۔ چون فرماوُن ماپھُٹر ووُم۔ ہمسایَن ہُنٛز تھوکھ تھوکھ تہِ ہیٚژوم مگر جلسس پیٹھ ما گوس۔ تہِ کیاژِمےٚ دوٚپ اوٚخن صاٗب گوٚھ ئلو ناراض۔

ملہٕ:۔ (اُچھ تکراوِتھ) ژٕ اگراو سکھنہٕ چانٛی شُری آسی۔ بروٚنہہ کُن بٔن چانٛی اولاد جاٗگیر دار تہٕ ژٕ بہکھ پلنگس اٚکس پیٹھ کاشکارَن اتھہِ موٗٹھ دیاونہٕ۔ تیٚتھےٚ کنہٕ بٔن ووٚنی گرٕ یسی شُری جاٗرکم تہٕ رٔژن اسمان بٔنجن پیٹھ۔ اوٚ نگلن بناون ہنگلہٕ سےٚ چھُ سبٹھا افسوٗس یِوان۔ یتھ گاٗمس کوسہٕ ووٚنہٕ واُج نُمایندو۔ یہٕ چھُنہٕ یمن داندن تران فِکرِ جاٗگیر دار چھُ سےٚ بنان یُس پیٚنن دٔہن وایمان حکوٗمتس کِنہٕ۔ حاٗرکم چھُ سےٚ بنان تیٚمی تاٗلیم آسہِ پرٕ ہیو۔ تاٗلیمہِ ہُنٛد حال گوٚیی کہِ میاٗنِس مکتبس منٛز چھنہٕ گرٕ یسی گٹٕ کہن کہن وٚری یَن ہبکان سواد قرآن شریف پرٕتھ اَدا کریما نام حق یا گُلستان

بوستان یِےٚ بٔننہٕ بروٚنٛہہ کُن آدم قحطکی حائ کم ۔ خرِ عیسےٰ اگر
بمکہ رود چوں بیاید ہنوز خر باشد ( ڈاکٹر کران )

رزاق بٹ :۔ ( کتھ ژٹتھ ) ہاآن حض یمن یشرِ وال، میأنی شُری اگر
میأنِس وننہٕ نَس پیٹھ پکہٕ ہَن گرِ نیرِ ہن نہٕ نبر ۔ مگر یلہٕ
مدرسہٕ نبر ہے وتو پیٹھی لؤکو پرِ پرِ کوٚر ریکھ تموژھننہٕ
میوٚن ونن ہوٚنین ۔ ووٚنی تر آوی تو یہ کتھا ۔ مےٚ وٚنی تو کورِ
مألی سٕنز خبرا ۔

ملہٕ :۔ مےٚ اوس تی ونن ۔ ژےٚ پھِے پھوان پننہٕ نی دراتیک لوکھ
یاد ۔ اصل بوزتہٕ یی کہِ یُس یہٕ مدرسا یور آو یہٕ آونہٕ مدرس
یہٕ آومظہر گامَس رِکھیم شُری اَتہٕ پران چھِ تمن چھا کانسہٕ
ہُنٛد وِپان ۔ تتن پننہٕ نےٚ فرزندٕ سٕہ اوسے بٔنیوٚمُت کیاہتام
دپان والن ٹرنمایندس ٔستی ۔ پوٚز گونایی کہِ جلسَن منٛز چھِ یم
اَسمانہٕ ٹرٕ ے والان ۔ یامتھ کورِ مألی دُ چھ سٕہ تُمی ووٚنہٕ نم پکان
پکأنی یوٚنہٕ حض ہکہٕ رزاق بٹہٕ نِس نیچوٚس نیتھر دِتھ ۔ تِکیازِ سٕہ
لوٚگ اُزی کہِ پیٹھے نمایندٕ بٔننہٕ ۔ پگاہ نیتن اُمس جیل تہٕ
کوٹھہٕ سٕنز کوٚر بیٛہہِ موٚ نٛدُس کڈنہٕ ۔ مےٚ ووٚنمے یمن
نمایندن ہُنٛدِ ستی ہسہ ییہٕ کأتی ہن معاملن کھر گامَس

منز۔ تمہِ علاوِ ونہِ نم کورِ مائلی کینْہہ کتھہِ یم بہِ ژٕے
نِشہِ اِظہار ہیکہِ نہٕ کرِتھ۔

رزاق بٹ:۔ نحض فرمائیوٗ آخر کورِ مائلی سُند چھا ملالہِ ضأبطہِ گوٚھن، بےٚ روزِ اڈِ شاندے اگر نہٕ توٚہۍ فرمائیو۔

ملہٕ:۔ نسأ ازنہِ برونہہ کُن وَنے پانٔے تُہۍ چھُ مےٚ قسم تھوومُت یُتھنہِ تِمن کتھن باوَتھ گوٚھِ کُنہِ جایہِ تمہِ کِنٕ چھُس بہِ معذوٗر۔

رزاق بٹ:۔ ہے موزوٗر گیہِ حض دُشمن چاٗنی۔ اِدِ حض سوٗرے نٔے توتہِ وَنتم ژھٹےٚ ژھٹےٚ اکھ زِ کتھہِ۔

ملہٕ:۔ نسا ژٕ چھکھ زوٗ دُستی کران۔ (گرِواجینٛی اژان)

گرِواجینٛی:۔ (اژوٗنے کلہٕ یوٚن کُن ترأوِتھ) اسلاماعلیکُم۔
(ملہٕ جواب دیوان) ازکیاہ حض ووتھُم کلہٕ پیٹھہٕ بور۔ گنہارِ سوأے واتنأومےٚ سارِنے فصلن ہٕنز مانگیہِ موٗٹھ گرِ۔ بیٚیہِ أس اَکے کوکر یوٗ ژسوتہِ واتنأوم اوخن بایہِ نِشہِ۔

ملہٕ:۔ (بیا کھڈا گرِ کرِتھ) پانہٕ سپدِ وآزادمےٚ کیاہ منت تھأوِ مگر گنہارِ کِس تلاشس گوٚھ روزن۔

رزاق بٹ:۔ ولہٕ حض خدا کرِ سہلے مگر ہوے کریو موعرض۔ توتہِ وٗنی توم اِشارِ پأٹھی تُہۍ کیاوان تروومُت چھُ ازٕ۔

ملہٕ:۔ خاٲرٕ پۆرٕ دربارَ ونےنہٕ۔ ژھۆٹے بوزُنہ دَپان رزاق بٹس چھ گرٕواجنی بدروے۔ لڑکہٕ چھُو نافرمان تہٕ بیٚیہٕ علی العموم دخل درمعقولات دِنہٕ وول۔ بیٚیہٕ یُس جایداُدک تفصیل فتح لونُن وونُمت چھُ سُہ چھُ سراسر غلط تہٕ مبنی بر دروغ گویی وغیرہ وغیرہ۔

گرٕواجینۍ:۔ (حسرتہٕ سان) جان گوٚ تہٕ (اُش ہکہٕ یتھ) اِدحھ بےٚ زانہٕ نہٕ گانٹہِ ہۆل کوٚ رمُت بےٚ گیہٕ سہ بدروے یامیاۓژ شُرۍ گیا نافرمان یمن گام چھُ کاٲم کرِناوان یامیوٚ ن جاداد۔

رزاق بٹ:۔ (گتھ ژٕ ٹتھ) تلاژھوپہٕ گرۍ تو کورِ ماٲلس چھیم کتھہٕ کرِنے۔ یمَن ہُند گوھیا ملالہٕ گوٚھن۔

گرٕواجینۍ:۔ نحض اوخن صاٲبا۔ ژٕ نے چھے اُمیسے پتہٕ کاٲنسِس کُٹۍ سُند مرُن۔ یہ نۓ دُشمنن پوٚ ترٕ دَگ بیہِ نتہٕ گرِٛھہ تِم وَنۍ بہٕ کیٛاہ چھس بدروے یُس نہٕ براٗرِس دِشتہٕ یاہوٗنِس دِرٕ زانہِ یامیاۓنی شُرۍ کیٛاہ چھ نافرمان یم اے دزٕ ۆنہِ نارٕ گجِ دیزٕ کھداٗرِتھ نتہٕ تہٕ یِن نہٕ پھیرِتھ۔

ملہٕ:۔ (کھٕنِ کٔڈِتھ) خاٲرمےٚ چھُ تَس پرٕ تھ لفظس جواب وونُمت یمو کتھو سواے چھ نہٕ کیٛاہ کتھہٕ یمن مےٚ تَس دندان شکن جواب دیُت (اٹژان رُستم)

رُستُم :۔ (اژوُنُے) اوخن صأباژ ٚے ماحض وُچھتھ سون جلسہ از ؟ وُچھن حض گوٚ ژُھکھ اَز کیاہ گوچھُو کی درَس نمبر دارَس ذاُلدارَس ییٚہ گامہٕ کنِن ژُٹھسن موٗ کالہٕ۔ ہاٗلوک حض سٔنز رِ پھوٗل پیہٕ ہے نہٕ پتھر۔

ملہٕ :۔ (دزان دزان) یکیاحض چھی بابہٕ صأب یہوی بوزِ ناوُن نُمایندٕ سُند کلام مالایعنی۔ (یہِ وُنتھ چھُ بےفرصوٚتُے ژٕلن ہوان۔ رزاق بٹ چھُ اُمس دامانہٕ رٹان)

رزاق بٹ :۔ قرار رٔ ٹیو حض شُری کتھن پیٹھ چھا حض ضأبطہٕ ناراض گژھن۔

ملہٕ :۔ (کتھ ژٕٹتھ) نسہ مےٚ چھےٚ مجبوٗری اُکس جایہٕ۔ییٚہ چھنہٕ مےٚ وقت نمایندٕ سُنٕد بکواس بوزنہٕ خاطرٕ۔

(یہِ وُنتھ چھُ دژسہٕ دِتھ ژلان)

رزاق بٹ :۔ (خشمہٕ سان رُستمس کُن) ژ ٚے آیے یا یوٗنُے وانتھ پھٹتھ۔ کما تنبہ تھاُوِنو میأنس گرس منز۔ تو ہے اوس مےٚ ہتہٕ پھرِ دوٗمت گرِنہٕ فِلحال یژھ کتھے کرٕنی۔ مگر میوٗن وُنن چھو تو ہمہٕ ہرِ پیٹھے واپس یِوان۔

رُستم :۔ (تیزی سان) اوژ ٚے چھنے ظھرا مکَن دَند بہِناوُی مُتی۔ییٚتہٕ ذاُلدار ہوی آسہِ پادَن پیوان اُسی نہٕ ژٕ ھنان کولہٕ تہٕنٕد

وَنُن۔ووٕنی گوم یہِ ووفہِ ملہِ (رزاق بٹ کلہِ اَکتھ کُن پھِران) أمِس چھ نمایندن ہنٛز ژٕرِنی تیژٕ کہِ أندری چھ دزان۔ أمی ہنٛز أچھ یا أمی سٕندِ بن خاص خادِمن ہنٛزٕ أچھ چھنہٕ زران وُچھن نمایندٕ صأبن کیاہ کوٚر۔ یا کُن زران بوزن تمی کیاہ ووٚن۔ ژٕ وُچھکھ کیٛژون دوہنے تانی ییہِ یمن یوٚقچہِ گنڈنہٕ۔

گرِواجینٛز:۔ (رُستمس کُن) ہا بلایہِ لگے اوخن صأبن کیاہ کوٚر اَسہِ۔وُنکینس چھُ یُہے سانہِ بدل ہوٚل گنٛڈِتھ۔اَسہِ واتہِ نہٕ أمِس ہتی راوُرن۔

رزاق بٹ:۔ (زٕ چھٕرِ سان) مےٚ حض چھ خبر یمن کتھن ہنٛز۔ مگر زِٹھ سُٕندتہِ زن بوزاو۔ اکہِ یادوٕیہِ پھِرِیوٚ تامتھ نہٕ اَسہِ پنٕنین اعمالِ بدن ہُنٛد ثمرِ موکلہِ۔تۄت تام چھُ گامس یُہنٛد مُستقل میوٚند ژالُن۔

(زامنا گرِتھ) نمایندِ یوان یورتہِ کانْہہ کتھا چھا أنزراون ہاں زِٹھن واجگو نہٕ وٕنی وٕنی چھُ اسہِ رکژ گنٛڈی تھاوان وٕ وِتھ۔تَوے ونیا مویمن تھی اُسی تو اُسن پنٕنین لیوب کران مگر مےٚ چھ ہیٛمتی داہ بأژ کہِذٕ اُژ۔

رُستم:۔ بیاووٕنی ہاگوسہٕ زمانہٕ ییٚلہِ جانٛمن اوس چھاپ یِوان

کرنہٕ۔ بیٚیہٕ ہا گیہ بزٕ دِلن ہنٛز کاٗم ژٕ رِژٕ رِ دُشمنَن ہنٛز
غاٗبتھ کرٕنی۔ ووں بنیہ بیٚتہٕ اکھ لوکل کمیٹی یُس پرٛتھ جمعہ
ژٕنی پاٗٹھی بیٚتہٕ کٕمن کاوِجن آسہٕ پاٗزار دِوان۔ خضر چچہٕ بنیاو
جنرل سیکریٹری۔ خاٗلق راٗتھر صدر محترم بیٚیہٕ واریاہ والنٹیر
یہٕ تہٕ بنیاس اکھ والنٹیر یعنی قومُک خدمت گذار۔

رزاق بٹ:۔ (ہز گرِتھ) بَس تُلتہٕ پچ تہٕ ہتہ گامَس پہہ سارٕنی۔ یُتھ
لوٚگُے بڈٕنہٕ یوٗت کہٕ کورِ مول چھنہٕ از چاٗنس بتھس کُن
وُچھن یژھان۔

رُستم:۔ (کلہٕ بوٚن کُن تراٗوِتھ) مےٚ پیٚٹھن پنہٕ نٕمن غریب باٗین
ہنٛدِ خاطرٕ پہے سارٕنی مےٚ گرٕھنہٕ کاتھہ ہتک مگر۔

گرِواجینٛو:۔ (کتھ ژٕٹتھ) تلا تراٗوی تویہٕ کتھا (نیٚبر یِوان چوٗکی در
کریکہٕ کران) خبر کوسہٕ بلاے ہاوٗزے یہ۔

چوٗکی در:۔ (نیٚبری کنی) ہے رزاق بٹا۔ رزاق بٹو (پاٗنس ستی) یہو
چھنہٕ از ژٕ نگے زولمُت (زورٕ سان) رزاق بٹا۔

رزاق بٹ:۔ (باتھرِ ہوٚت) کیٛاہ حض۔ کیٛاہ حض (یِی ونان چھُ آنگنس
منز نیران۔

چوٗکی در:۔ (دبماغہٕ سان) گامن چھو از زوٗل کوٚرمُت۔ تکیاہ زِ لوکل
کمیٹی بنے یکھ حالانکہٕ شکس لدن چھنہٕ اَز تہٕ تلہٕ ژٕ نگ

اَکھ جُہ یامُت۔ ماملہٕ چھُیہ تیار کوٚر رُمت کِنہٕ نہٕ۔ پتھ گو ییٚلہِ توہہٕ لوکل کمیٹی سرکارُک ماملہٕ ترٛاوو۔ تمہِ پتہٕ چھے واللہ تہٕ بِاللہ اَسہِ کُن اے وُچھکھ فِلحال چھُسے اطلاع تھاوان دِتھ۔ یتھنہٕ تتہٕ تھپلُک چرٛاُسی نرم نرم ژٕ گی۔

رزاق بٹ:۔ (باشبرِ ہوٚت) لوٚ گمُت حض چھُس تلاشس۔ کوٚر اے خدایَن سبب تارومائلیہ۔

چوٗکی دار:۔ ٹلو کہِ ہسا سبب کوٚر نۓ نہٕ تیٚلہِ چھا اَسہِ پیتی بہُن صاحب زادَس پرارنہٕ۔

رُستم:۔ (دارِ کنی) ہے وُنہِ ہسا چھُ اِکھ ربتھ ماملہٕ سوشبر اوٗنس تانی۔ ژٕ ےاُنجی ٹلہٕ تاج۔

چوٗکی دار:۔ یہ آسہِ رزاق بٹُن والن ٹر۔ بَس ووٗنی چھُنہٕ میاٗنی جاے ییٚتہٕ۔ (یہٕ ژٕنتھ چھُو بروٗنہہ پکان۔ لوٗگن ماملہٕ تیار کرنچ وُردی کران کران۔ بیٚنہٕ کمیٹی ممبرن وأجگونہٕ ونان وٹان)

رزاق بٹ:۔ (گرأ ژِتھ رُستمس کُن) چھُکھہ وُچھان کم سزووُل تھاوِن اَسہِ پتہٕ۔ ژٕ بنیو کھ والنٹیر تہٕ مے پھٹر اوان نَس۔ گرنہٕ پوشان گرِس لیٚز پھلین لایان پٕھ۔

(نبرٕ ی کنی گوھان کریکھ) رزاقا۔ رزاقو (پانَس ستی) یم آسَن وُنی کینَس اُنٛدری کنی خبرٕ کتی ہن حاٗ کمَن گرسیو

پیٹھ والان۔

(زور سان۔ ہے رزاق بٹا'')

رزاق بٹ:۔ (اندرے) کیاہ حض کیاہ حض؟(شُر بن کُن) تلاژھوپہ گرِو۔ شاید ہا پھو مقدم کریکھ کران۔

نمبردار:۔ (نکھ وأتِتھ) مامل کوٚرتھا تیار کنہ نیچو اکھ دِہَن سرکارس مالکِہ بدلہ۔ بیٚیہ چھیہ یادسنہ اکہ اپتس منز چھے ژےٚ نوتور چہ کاہ روپیہ باقے تمتہ گری زِ تیار۔ پتھ گو یٚیلہ چانٛی فرزند میانین شُر بن نمبرداربنن تیٚلہ گوٗھ سون مامل کارتکسے منز وصوٗل کرُن۔

رزاق بٹ:۔ ہا خدا اتھاوِن حض تہند سایہ سانین کلن پیٹھ۔ کرَوحض ژوٚٹ ووٹ مالیہ باپتھ۔ پتہ گونوتورُک بقایا۔

نمبردار:۔ (کتھ ژٹتھ) ہاں ہاں، گوڈ گری زِتی ادا۔ ووٚنی آسہِ مے سمن آمِو۔ وں گس چھ چٹی تہندِ بدلہ تھسیلکی پاٗزار کھنَبس سپدَن۔ ہتہ پھرِ دوٚیمے یم پوٗنسہ کرتہ ادا۔ مگر ژِ آسکھ دَپان لوکل کمیٹی کرتراوِ مے بقایاتہ یہ کرِ ہا سرکارس ڈاگر۔

رزاق بٹ:۔ مگر یہ بقایا حض چھوتوہہِ......

نمبردار:۔ (کتھ ژٹتھ) بس مے چھنہ وقت چانٛی اُلف لاٗل

بوزنس ۔ ماملہٕ کیاہ وُ بقایا گری زٲزی کہِ پیٹھہٕ تیار
ورنہٕ ...... ( کیاہ تان لوتہِ لوتہِ ونان بر ونہہ گُن نیران )

گرواجینز :۔ ازیچھُ اَسہِ کیاہتام ڈیشُن ۔ سارِنے زِٹھنن چھُ از ماملہٕ
پیوٗمُت یاد ۔ ڈٕ چھنی تہ چھ گرٕ ھان کریکہٕ تہٕ کھوٕرٕ کی تہِ ۔

رزاق بٹ :۔ یہِ گوسورُ ے نمایندٕ صاٗبن خاٗر ۔ لُسن بسُن نے آسہِ ہے ییتہِ
اٗمِس ونہٕ ہابہٕ ژے ژھُن نیا تاوَن ژٕ اے گرٕ پھِرِ مے
یمہٕ نوتو رچہِ روپیہٕ ہیرٕتھ مگر تیلہِ خبر کس بدماشس اتھہِ
تھاوہم سوٗ رَس پیٹھ ۔ بُمہٕ سِنے زانہِ سٔتی سٕنز دِگ ۔

گرواجینز :۔ تلا ژھوپہٕ گرِ وُکس تام ہاچھُ دوٗ رِ کریکہٕ دِوان ۔

رزاق بٹ :۔ یہِ آسہِ چکدار سُند کاردار ییتہِ کُس ۔ یا کانٔہہ زِیٹھا ۔ ( تانٛ
چھُ دوٗ رِ گوھان ییتہِ کریکھ رزاق بٹنہِ گرِ چھ ژھوپہٕ گوھان ) ۔

معتبر :۔ ( دوٗ رِ ونان کینژن گریستن گُن ) یہِ چھا ساٗتی خضر بٹ
ییتہِ تُمی سُند والنٹیر بابہٕ تھُر )

گرواجینز :۔ اَسی ہاچھُ ہر طرفہٕ ژھانڈو ۔ کانہِ جوٗ وَس اوسنہٕ کانٔہہ کار
تہِ بنیاو نمایندٕ ۔ خدایو حاٗ رکمس تہِ حکیمس نِش رَچھ ۔

رزاق بٹ :۔ پنہٕ ننن شُر بن پرِ ژھہ زِہے ۔ خضرِ ے کیاہ زِ پیوٗ ے یادگلمہٕ منٛز ؟

گرواجینز :۔ باٗ ے سُند ووتھے وَسہِ مگر شُر بن ہُند ماوو تھے ۔ زن چھ
یِم شُری میاٗنی ۔ گرٕ ھتہ گالکھ ژے اوسے ہمیشہِ یُہند کیٚل

سُہ کتھہٕ کنہٕ ہیٚری۔

(تاٛنی چھُ واتان معتبر آنگنَس منٛز)

معتبر:۔ ہے نمایندٕ خاندانا پگاہ ہانٛیری زِسأری جنرل سیکریٹری تہٕ والنٹیر چکدار صأبنس کھلَس دوٚس دِنہٕ۔ یُسنہٕ واتہِ آفتابہٕ کھسنہٕ بروٚنٛہہ تَس کرو شُر بن بأژن گُنٛیٚ گنڈ۔

رزاق بٹ:۔ (عأجزی سان) نحفٕ اَتھ کیاہ چھُ چارٕ۔ یہٕ چھا کأنٛسہِ مِلتھ تھاوٕنی۔ واتہٕ حفٕ یہٕ پانَے لوٗن تہٕ پھوٚت ہیتھ۔

معتبر:۔ یہٕ صِرف ژٕ ے چأنی سأری شُری تہٕ یہٕ پچھنا وَکھ والنٹری تتی۔ ہوش کٔری زِ تھنہٕ میأنی کتھ مُشتھ گژھی۔ شُری بأژ ہیتھ وأتی زِ دوٚس دِنہٕ۔ وِپر بزٕ ژورمو کھہٕ کاٹھ داہأ وی دوسہِ نیدر تہٕ روزنہٕ أنزِ ستی۔

رزاق بٹ:۔ (دِلہٕ منٛزی) خدایا اُمِس چکدارَس تہٕ أمی سٔنْدِس بے اِنصاف معتبرٕ سٔندِس گرَس ژھَن نیٚہٕ ترٕ ٹھ۔ نار کیاہ چھُ یِہنْدِس بَتھس وسان (بڈِ پہن ووش ترأوِتھ) خدایا نجات پرٕس تاٛنی اُ سَس زٔٹ کامُنی گأمو شکَس لدٕس یہِ کرِ مےٚ فرتوٗز۔ دِیان اُسی خدا چھُ نیتَن دِوان موٚزوٗری۔ امایہ کیاز زِ سنا چھنہٕ وَنسی گوٚھان اَمہِ بدخوأ ہی؟

رُستم:۔ بباسےٚ ترا وسأیلہٕ یہٕ آسہِ وُنکیٚنس خضر پچس برٕس پیٹھ

وأنتھ واگوبی کران۔ أسی کڈوس تٔتی کھیومُت چومُت نستہٕ کنی۔

رزاق بٹ:۔ ول چھیہٕ غرض پُلسس اتھہٕ گرس تلُک پتھ کرناوُن، نمایندٕ سُند تلُک پتھ لوٚگ سپدنہٕ.....افسوٗس مےٚ چھا خبر اتھ ہِن یِم لانچ یہٕ دِمہٕ ہوٚوِ توہہِ جلسس پتھ گوڈنہٕ۔

گرواجنیٚ:۔ وونی کرو یمو ےژوٗر۔ گاملکو شری اے أسی تماشہٕ وُچھنہٕ گمتی یِم تہٕ زَن گیاے۔ نُمایندٕ بننہٕ ستی کھٲنگ آے یمن۔ یمو ستی کانسہِ دِژ کھوٗلہ؟ ہے کیاہ بنیام کوتاہ دود چھُ لوکن یِمن میانِمن نبکھپن ہُنٛد۔ پتر ہے آکھنا وس ژےدوٚ پتھکھ گوڈوژوٗ رِژوٗ رِبوٗ زِواسہِ گُس چھُ دالہٕ والان۔ مانہٕ ہَن نےٚ تہٕ گیاے نافرمان یوٗت گرِتھ تہٕ لوکھ وَنان یِمنہٕ بد خوے تہٕ پہنز ماجہِ بدَروے (اژان فتح لون مگرانہٕ گٹہِ منز نہٕ یوان پہچانہٕ نےٚ۔)

رزاق بٹ:۔ (فتح لوٗنس کُن) ولہٕ ساٗ اندر۔ لون چھُکھسا یوٗت ژیری کیاز زِ (گرواجنہِ کُن) تلا ژوٗ نگاہ زالی تو)

فتح لون:۔ اہَن سہَ بےٚ چھس فتح لون۔ مگر ژوٗ نگ متہٕ زالناوتہٕ مےٚ چھ کتھ زِ ترےٚ کرنہٕ تہٕ بونیر گرِ۔ خبر تہٕ کِنی کیاہ آسکھ بنی رٔوِ مُت۔ اژ چھ گامس رِہہ تیز یامتھ۔

رزاق بٹ:۔ یم تہٕ بوزتہٕ میأنی اعمال بد یموگام تہٕ ژٕ وولکھ پٔژن اوسم سہلے (رُستمس کُن) رُسیا ژوٗنگ نائُنی زبنہٕ یور (یہ بوٗ زِتھ رُستم ژلان نبر)۔

فتح لون:۔ اَز دوہ لوسنہٕ پتھٕ اوسُس بہٕ کورِ مالِی سٔنڈِ گرِ کتھن دَل دِوان ژٕ ے خدایأری گٔری نَے آوِ تووُم از خدا رسوٗلٕ تہٕ ہیاونووُم۔ مگر تسٔنز آشنٕی لٔج آسمان کھسنِہ۔ چنانچہ ژٕ ے خدا یأری گٔری نَے پیٹ تَس پانژھ ٹاس تہٕ مے بر وٗہہ کنہٕ۔

رزاق بٹ:۔ (حأرتہٕ سان) ہے ہے تتھ کیاہ موکھ گنڈن؟

فتح لون:۔ گراہسہ لٔج وَننہٕ رزاق بٹن نیچو چھ گوٗن وانن آسان مے دوہمس چائی بأ ے نیچوی تہٕ بینتھ راے بچہ وانو پتھی بڑیا مُتر۔ ژٕ ے کیا زِیو ان پٔنٕی عأب معشوق بوزنہٕ۔ گرالجم وَننہٕ مے چھُ یمن ووتُمت یہنٔدی بٔڈ بٔبن تہٕ سأنی بٔڈ بٔبن اوس اَکھ اَکس مُقدِمہ کوٗرمُت۔ توٚے گوٚھنہٕ یمن بہٕ مرِتھ تہٕ نتھر دِیُن، مے ووٗ نمس پرٕتھ کاٗنہہ چھُ پننی زنگہِ الوٗ ند، شالہٕ ہأنزِ واتنہٕ کٔھ رٔٹن۔ گراووٕ ژھم مے چھ کوٗر بیٚنہٕ تہٕ بأیس دِژمو۔ سُہ چھ تہند ے اختیارٕ۔ مے ونیومَس تمو چھُ تماموے نش اقرار کوٗرمُت۔ ووٗنی چھُ چوٗنے اقرار باتے تتھے پأٹھی ژٕ ے خدایأری گٔری نَے پننہٕ تٔلی ڈنج تہٕ

ڈینجہٕ تلِو پَن کران کران کتھہٕ لچھا۔ پۆتُس دوٚپنم اگر مئٲنۍ
کوٚرموٗنڈُس کڈِ نائۆنۍ چھوتہٕ میوٚن چھُو اختیار نتہٕ گرِی ووٚس
بیٚیہٕ کُنہِ جایہِ سہٕ اُسن ژوٚر، واتُل، ڈوٗم، میوٚن تتھ منٛز
کانٛہہ اَتھ کاو اچھوٗنہٕ۔ بَس اَتھ پٮ۪ٹھ ووٚتھ کورِ مول تہٕ
کجانس زُولار اَتھ سٍتۍ اگر نہٕ یہٕ منٛزٕ پہمہٕ ہا۔

(رزاق بٹ پریشان گوٚھان)

گرٕواجینۍ:۔ (بیتأبی سان) اِدِ جو پتو کیاہ فٲصلہٕ گو؟

فتح لون:۔ پتہٕ ہدی یِ زِلو رِ زورِ کوٚرتمہِ یقرار۔ مگر کورِ مالِو ووٚن ہر
کران کرأنی کہِ مےٚ چھُ رزاق بٹہٕ نی کورِ کرُن۔ بیٚیہٕ مار
دِوان دِوان ژاربن ملکس تہٕ کاردارَس تہِ لکبہٕ پۆنشہِ۔ مےٚ
توٚ رنہٕ فِکرِ تتھ کیاہ وجہ اوس۔

رزاق بٹ:۔ کاردارَس گیاو پۆ زُے تِکیا زِ سہٕ آسہِ ضرور رکھن
تراوان۔ مگر اوٚخن صأبَس منٛز چھس یہٕ تہِ تربن تہٕ تروٚہن
منٛز۔ تِکیا زِ سہٕ اوس وُنی پیٚتھی۔ سہٕ بچارٕ تہِ چھُ سانہ بدلہٕ
ووٚدنی۔ مگر مےٚ پی یاد، شاید نمایندٕ سُنٛدِ یورِ ینہٕ سٍتۍ آسہِ
سہٕ تہٕ میانِن شُر بن ہُنٛد دُشمن بنیو مُت۔ مگر از لو کہِ دِگرٕ
پتہٕ کپأری پیر تمہِ پیٚنۍ۔

گرٕواجینۍ:۔ ہاتہٕ بنہٕ نہٕ زِ ینے۔ تَسنٛز گرٕواجنہٕ کھوٚ مےٚ نِش قسم دوٚپُن

دوھتہٕ رات چھُ گرٛھان اوخن صابٕس کورِ مالِس پران پران۔

فتح لون:۔ خاٗرمے چھُ گوھان ژیر۔ اَکھ زِنہٕ ٹلی کہٕ آسن دٕہ دٕہ دُشمن تمن پران۔ تتھ کیاہ اعتبار چھُ ۔ییلہِ کورِ مول سبز رس روزِ۔ مگر ژٕے خدااوز جان دِپنے تموونُم گرِ نیر تھ کورِ ہنٛدِس ماسہِ ترٕس ۔ باٗے سُنٛدِس پوپھترِس ہمہرٕس نِشہِ گرٛہِتھ سٕہ آوٹاوُن تہٕ کاٗم سپد یایہِ خدایَس تہٕ رسوٗلَس پتھ۔ بیٚیہِ گوھنہٕ چون تور گوھُن ۔ کانٛہہ گامک ژُٹھا گوھ تس سوزن مگر بڑِ دوہہٕ برۄٚنٛٹھے۔ وانٛٹس چھُ ووتھان وشلیے دِل۔

رزاق بٹ:۔ گوناونہِ چھُ الوندے کارخانہ؟

فتح لون:۔ نسہ بہٕ چھُس تَس تُمی سُنٛدِ وننہٕ بروٗنٛہے سمکھیوٗمُت سٕہ بیٚیتہٕ تُمی سُنٛد ماماہٕ ژُر بوٗے دٕپان یہ چھُوٹلی اَسہِ توہہِ ستی اُچھ ژٹناوان۔ اگر سٕہ اقرار کران چھُو، سون گو خدایَس پتھ ستہٕ پھِرِ اقرار۔ (نیٖپری کِنی گرٛھان نعرِ تکبیر چ کریکھا) ہاں مے کیاسہٕ گوژیرمے اُسن اجازت خبر نیٖپری کِنی کوسہٕ بلاے آسہِ وُزِیاٗمو (لی وَنان چھُ نیرُن ہوان)

رزاق بٹ:۔ اوٖ اوٖ ژٕ نیرسیو دُے گرِ خبر چھا کیاہ چھُ یمہِ گامہٕ کِس نصیبَس لیکھِتھ (فتح لون نیران) رحما تلایہِ میوٗن موٗنُل تہٕ وَگوی پنٛج انتہٕ یوٗرُ بہٕ تراوِہالر مے ہا چھُ یوٗہے کلس گیوٗ رہیوٗ یوان

رٔحم واتان رزاق بٹس بستر ہتھ ) گوٚڑ تراوینٛڈ رگانٛس منٛز بیٚنہِ ووٗتھی زِصحاُے اُمس وأنی وٕنہِ گبہِ روٗس تراونہِ بیٚنہِ واندٕژھانٛڈنہِ۔

رٔحم:۔ ادابامگر رُستم اے ونہِ چھُنہٕ کُنی بوماکھوژٕ کُنے زُن گانٛس منٛز۔

رزاق بٹ:۔ اِد بامیےٚ نِش تراوڈا پھ یہٕ کرتھ سُلہِ ہوٚشیار۔ رُستم چھُمنہٕ کُنہِ خبر کتھ مُر چھِ لوٚگ ونیک تام۔

گرٕوانجِنٛو:۔ (درواز پیٹھٕ ) کران گوٚڑ پنہٕ نبن نرٕبن ووہ ووہ یہ پانژھ وقت میلنہٕ وزِ کیاہ پیٚی ژٕے بیٚنہِ یاد۔

(یہِ ہُو زِتھ چھِ نیران شوٚنکنہِ سأری)



# منظر ۵

(خاٲلق راٲتھرُن گرٕ۔ لوکل کمیٹی ہٕنٛدی ممبراژان۔ وقت خوفتن ژیر)

خاٲلق راتھر:۔ (باٲڑ ٹوٗپۍ کلَس دِتھ) بایو توہہِ آسنوٗ چھٕمتۍ از ساٲنۍ دُشمن۔ یم سرمایہٕ دار کیا ژیٚنَن وٕنۍ کٔہۍ چھُ پیوان گژھ۔ مگر ساٲنۍ کمیٹی چلہِ تیٚلہِ ییٚلہِ اسہِ فنڈ آسہِ جمع۔ لہذا چھُس بہٕ تجویز کران فی چولہٕ گوٚژھہِ اکھ اِکھ روپے جمع کرٕنۍ۔

فقیر ڈار:۔ (خزانچی) بہٕ چھُس اَتھ تجویزَس تاٸید کران۔ مگر یوٗ تام نہٕ أسی گاچ کانہہ کاٚما کرولوٗکھ مادِن ہٹہٕ ہٹہٕ چندٕ۔ یہ گوٚژھہِ محلہٕ وارا الگ الگ فہرستہٕ روزُن۔ نمایندن ہٕنٛدی لوکل کمیٹی ہٕنٛدی وغیرہ وغیرہ۔ خرٕچ دفعہ بدفعہ وغیرہ وغیرہ۔

خاٲلق راتھر:۔ اِد ساٲنۍ تیٚلہِ پھُرٕ راوو أسی گامَس منٛز زنانَن ہُنٛد مہراژَس پتہٕ پتہٕ ونہٕ وُن۔ بیٚیہ چھُ کرِ درس کھاندرخرچس پیٚٹھ اُٹھ آنہ دِنۍ۔ بیٚیہ باقٕے رسوٗم بدٕتہٕ گام گوٚژھ اَسہِ پتہٕ گرویدٕ۔

فقیر ڈار:۔ (ژکھ ژاٗ وتھ) ژٕ کونہٕ ہوان بیٚیہ پننہِ مُشک وُنیوٗ کتامتھ اے اسہِ ترٕنے یہ پھِرِ ونہٕ وون بند کرٕنَس پیٚٹھ قسم کھوٚ۔ ژٕ گوکھ ناسُہ اِنسان یُس پننہٕ نین ہمسایَن ہُنٛدِس کھاندرس

پٹھ ونہٕ وَن واجہِ نمن شاباش شاباش کران دژاو۔

خاٲلق راتھر :۔ (شرمندٕ سپدِ تھ) پرانہِ گراوٕ گیہِ نوٚہر تنہٕ اوسُس بہٕ بیقل ووٗنی چھسنا بہٕ صدرِ لوکل کمیٹی۔ اَمِس چوٗکی درٕ ہنٛدی یم اُٹھ آنہٕ ڈبل کیٚاسہ چھِ مےٚ واٗنجہ زہتہٕ۔ یم کرٕ ناوٕ بہٕ ضرور موقوٗف تہٕ تَس بدل دِیاوٕ ناوٕ لوکل کمیٹی۔ پیٚیہٕ کرٕ ناوو اَسی حلقہٕ دار سٕنز، گرداوری ہنٛز روپے تہِ کمیٹی کُنٕے۔ خدابَن اَےیوٚ ژھ ساسہٕ ہٕدی روپیہِ بنن کمیٹی کیُت (اَژان خضر بٹ تہٕ رُستم والنٹیر) یکیا آو سیکریٹری صاٗب یوٚہے کیٚا آسہِ ووں درخواست لکھان۔ اخبارن خبر دِوان۔ گامہٕ باپتھ واویلا کران تہٕ بہٕ آسَس یوٚنہٕ کنہِ بحیثیت صدر لوکل کمیٹی دستخط کران۔ پیٚیہٕ یم رجسٹر بناونہٕ یِن تِم روزن اَمی ہے نِش تِلکیٚا زِ خبر مشرفس منٛز ما گوھن مےٚ کمیٹی ہٕنٛدی کاغذ ناستہِ کاغذن ہِتی تہٕ کتھ نیرِ ناستہِ منٛزی نیٚبر۔

خضر بٹ:۔ (بیتاٲبی سان) ہاژ چھکھ دفتٕری ژھانڈان ونکیٚنس چھ ہلہٕ کاٗے ہوٗنی ہٕنٛدی پاٗٹھی ساٗنی دُشمن گریستمن بچارن لارٕ لار کران۔ بہٕ اوسس اَکِس زٕنس ہِتی گرِ کتھے کران، تانی آو چوٗکی در، نمبر دار تہٕ کاردار مےٚ روب کرٕ نہٕ۔ خاٗر مےٚ کھیاوٕ اے تِم اپایہٕ گتیہِ یم نٛیٚنبہٕ تھون یوٚنہٕ نوٚنس کیٚنہہ

کتھہِ یمن ہُنٛد شک مےٚ اوس نمایندٕ سٕنٛدِ یورِ ہنہٕ برونہہ۔

فقیر ڈار:۔ نسا براہِ کرم وَن فوراً کیاہ معاملہٕ چھُ ۔ مےٚ چھُ ییتہٕ کین ناستہٕ خانٕن ہُنٛد بوٗزِتھ کلس خوٗن کھسان۔

خضر بٹ:۔ تسند فضل ہساٚ فضل ۔ ییٚتیکی زِٹھی کھسن میانٕس باٚیس تہٕ تمی سٕنٛد بن شُر بن میانہٕ عداوتہٕ بزِتھ۔ ییہِ اوسم اُمی ساتہٕ اکھ زُناوَنان کینٛہہ دوہ برونٛہہ ہساٚ آیہِ کاردارِ سٕنٛدِ گرِ مٹن کرنہٕ ییٚتھ منٛز کاردارَن ووٚنہٕ نکھ گرےٚوس لتہٕ تل رٹنہٕ خاٚطرِ گوٚڈ چکدار صاٚبنن حسب ذیل تجویزن پیٹھ عمل کرٕنی ۔ اول گوٚڈنہٕ گامَس دیٖن اتفاق کرنہٕ ۔ دوم نہٕ تاٚلیم پرنہٕ ۔ سویم نہٕ دیٖن بڈبن کھوٗٹ دارَن پانہٕ واٚنی کھیٚشی کرنہٕ ۔ نہٕ کانٛہہ اُنجمنا یا کمیٹیا بناونہٕ۔ ششم نمایندن نہٕ تھاوٕ ناوٕنی گامَس منٛز زٕ کوڈِ اعتبار۔ ییہِ چھکھ چکدارن ووٚ نمت اگریم کانٛہہ رسم بدپھٹرِ اوَن عامَس گوٚڈِ کرٕنی لبے زِیم چھ بد اعتقاد۔ مرتد تہٕ بے دین تتھے کنہ ہسہ اکھ راندا۔

خاٚلق راتھر:۔ (چار تتھ ) اوتوَ ے آسن ییم رزاق بٹس کورِ ماٚلی سٕنٛدِ گرِ وگوڑ ٹان تِکیاِ زِکورِ ماٚلس چھ رزاق بٹہٕ نہٕ کھوتہٕ داہ پنٛداہ کنالہٕ زمین جاوَ ۔ ییہِ آسہے توٚ ے یہ ملہٕ وتوٚ پیٹھی ونان لوکو ہوش کرٕی زبو ۔ دپنہ بدلہٕ لگی لوٗکھ وون پانٛس کوٚڈ

سیاست ہیچھنہٕ۔ خبروٕں کم کم نۆ ی مذہب نیرَن ییٖتہٕ یتھنہٕ شیطان ؤ رغلایو۔

خضر بٹ:۔ (خاٲلِق راٲتھرس کُن) ملہٕ تہٕ اگرنکھن کھاٗلی تھکھ تہٕ ژیٖنے۔ سونتہٕ چھُکھ آسان أکِس مِچھہِ وامان ہرِدیَس پوٗنٛرِی سَنٛدِ پاٗٹھی گتھ کران۔ کالہٕ قسم کھوٗان کاٗنسہِ پتہٕ چھنہٕ نماز جاٗیز صحس ترٛٮ۪نہٕ پتہٕ اقتدا کران آسان (اژان عزیز میر خاٲلِقُن یار)

خاٲلِق راتھر:۔ (باثِرِ ہۆت) ہَے بہٕ اوٗسُس وُنی ونان پنہٕ نِعن بایَن بہٕ اوٗسُس تتہ بےٚقل مگر ووٗنی چھُس صدر لوکل کمیٹی۔ لہٰذا أزی کہِ پیٹھہٕ چھُس بوٗنسہٕ رٕکھ کران۔ تھٕنٛدِ فاٗصلہٕ نیٚرِی نیرَنس۔ خدا بخشار سوٗل بخشان کھیوٚیہ کتھاوٚ نکینَس۔

عزیز میر:۔ خدایَس پتھ بخشے اَسہِ تکیاز کہین نےتوتہٕ چھُکھ ژٕ معتبرَس کھوتہٕ بہتر۔

خضر بٹ:۔ بیٚیہِ چونکہِ نمائندہ صاٗبن ژورنکھ ژٕ سون صدر اَسہِ تہٕ واتِنہٕ چون وَنُن پھُٹرا اوٗن۔ مگر أزی کہِ پیٹھہٕ ہیز پٮ۪ٹھ نس موٗچھِ منٛز تہٕ کیا زِجاٗنی غلطی گٔیہ ووٗنی اسہِ سارے ہٕنٛز غلطی بیٚیہِ ہیچھ سوچن ساٗنی دُشمن کتھہٕ کنہٕ گوٗھن فیل بیٚیہِ ہیچھ صحیح اُردو بولُن تہٕ لیکھٕن أخر اَسہ مابَنن کراہِ پیٹھ مُقرر تہٕ

محرر۔ بیٚیہٕ روز صاف ووٚنی اُسی ژٚے اَسی ژٕ کاٗنٛسہِ حاۓ کمس نِش گرٕ ژھُن یا کاٗنٛسہِ نمایندس بروٚنٛہہ کنہِ سپاس نامہٕ پرُن۔ سُہ ییٚلہِ ژٚے وُچھی دیواٗلی زدہیوسُہ چھاَسہِ رکھٕ پام۔

خاٗلِق راتھر:۔ (جل جل) ہاچاٗنس دہانٛس گلاب۔ عزیز میرا ژٚے چھے اتھ جواٗنی پیرِ دستگیر بہٕ اوس سےَ ناسہٕ ژٚے یی ونان۔ ووٚنی پیٚیہٕ اخبارامنٛگہٕ ناوُن۔ یُتھ زَن اَسہِ اُردوٚس منٛز پریکٹس گژھہِ ہے۔ بیٚیہٕ اُہم مال گاَمس پھیرِ تھ خودرنگ پیرِ لِش لِش جمع کرِتھ ژادر کرٕمو۔ سُہ تہِ منڈٕ ناوَن تہٕ سوٚس سوٗٹھ۔ جگرتہِ ژھُنٛم تراَوِتھ۔ شیوتہِ کرٕ ناوٕ باضابطہٕ بوٹ تہِ ہیمہ اگر کرہم کاندرَس نِشہ کیٛنٛہہ روپیہ بنٛے یم۔ بیٚیہٕ وٕنی توم کیاچھو پر۔ اَہن سہ ناو لگُن گونارلگُن۔ پاٗنس چھِھ کرنہٕ ستی چھاٗمےٚ کاٗنٛسہِ منتھ تھاوُنی۔

خضر بٹ:۔ خاٗریہ گوٚرُت۔ یہِ کرنہٕ ستی روزِنہٕ چاٗنس ہاگس پاک دِنک حاجتھ۔ مگر پوشاکہٕ کھوتہٕ گژھہِ ایمانداٗری ہُنٛد جاے خیال تھاوُن (کاغذ بدراچندِ منٛز کڈِتھ) نوٗم گےٚ نمایندٕ صاٗبنی کاغذیمن منٛز چھ لیکھتھ کہِ کُس کُس بنیا ولوکل کمیٹی ہُنٛد ممبر بیٚیہٕ صدر۔ سیکریٹری۔ خزانچی۔ وغیرہ کُس کُس روزِ بیٚیہٕ

کوسہٕ کوسہٕ رجسٹری گژھہِ دفترَس پیٹھ آسنی ۔ ییٚہِ حکوٗمت
ِکتھہٕ کنہٕ گژھہِ سیزراوٗنی ۔ ییٚہٕ کم کم اِصلاح گژھن
گامَس کرٕنی ۔ گوڈٕ نکلے حکم چھو کہ غرٟبن گژھہِ پرٛتھ
رنگہٕ رفاقتھ کرٕنی ۔

فقیر ڈار:۔ (کتھ ژٕٹتھ) کرونا اَتھ حکمَس اٟسی رزاق بٹنہٕ کھاندرٕ
پیٹھے شروع ۔ یوٚ تام سُہ نوش گرٟانہٕ ۔

خضر بٹ:۔ خاٗریہٕ گیہِ تو ہہِ پننی خوشی بہٕ ہسکہٕ نہٕ اَتھ پیٹھ زور دِتھ
تِکیٛازِ گوٚبرٕ مول چھُ میوٗن بوے ۔

خاٗلق راتھر:۔ نساٗبہٕ چھُس فقیر ڈارنِس وننِس تاٗید کران ۔ اَسہِ واتہِ
اٟمِس غرٟبِس پرٛتھ کاںٛہہ مدد کرُن ۔ ییٚہِ چھُ سُہ چونکہِ
مِسکین سُہ مانہِ سانہِ کتھہ ۔ اٟسی ہسکو وارِیاہ رسم اَتھ
کھاندرَس پیٹھ پھُٹراوِتھ ۔ مثلاً چوٗکدر سُند اٗٹھ آنہٕ
ڈبل ۔ بوگ ۔ لگنہٕ چیر ۔ بانہٕ ٹھس، بھانڈ، وَنہٕ وُن، گیوٗن،
آتشباٗزی مشالہِ وغیرہ موقوف کرِتھ ۔

خضر بٹ:۔ ہاکاگس نساٗ چھے ییمن چیزن ہنٛز گنجاٗیش نہٕ خواہش تو ہے
پھُٹراوِتہٕ کیٛاہ ؟ خاٗریٚہِ کیٛا ساچھ نمایندصاٗبن وارِیاہ
ہدایتھ تھاٗوِ متی ییم مختلف اجلاسن منٛز گامَس وَننہٕ ییٚن ییٚہِ
چھُ قاعدٕ ییلہِ کاںٛہہ پرٛیویٹ یا عام اجلاس چھُ آسان

صدر چھُ کُرسی پیٹھ یہان اَسہِ چھُنہٕ وُنہٕ دفترس کِو ھ
مکانہٕ، کُرسی ہتہٕ میزٕ چ چھُنہٕ کیتھے۔ لہذا چھُس بہٕ تمام
ممبرن ہُنٛدِ طرفہٕ خائلقس فی الحال معأفی ہوان۔

خائلق راتھر:۔ ہاے گرِ گو۔ کیاسأ چھکھ مے شرمندٕ کران۔ تو ہہِ گوٚ ژھاز
میانہِ گرِ اَسُن سال مگر چونکہِ ازلگی اُسی دوہس گرِ نمبر پیٛتہٕ
گُس کرِ ہے انتظام خأرمے ہتہٕ چھُ تُہنٛد احسان یادٕ ے۔ یوٚ
تائی اُسی مے پیٛتکی بدخواہ وَنان بے قل۔ اَز چھُس بہٕ تُہنٛزِ
مہربأنی ستی صدر لوکل کمیٹی...... این سعادت بزورِ بازو نیست۔ خبر
دوئیم مصرعہ کیا چھُس؟

عزیز میر:۔ تانہ بخشد خداے بخشندہ۔

خائلق راتھر:۔ اوِ اوِ تانہٕ بخشد خداے بخشندہ یوٗ وُنہٕ جمعہ چھُ تو ہہِ تمامَن
میوٗن سوالِ خدا۔ شاہ چ ہتہٕ پاوکھیو غریب خانہٕ پیٛٹھے۔
(غفوٗر ژُمبیوا اژان ہتہٕ نیران)

فقیر ڈار ہتہٕ عزیز میر:۔ (اَکی زِیوٚ) ضرور مگر اُمہِ بروٚنہہ واتہِ اَسہِ رزاق بٹہٕ
نِس مالس منٛز کأفی دِلچسپی نتی۔ تکیاز تہِ دِ ے کاروستی
لبواُسی گوڈٕ شہرت ہتہٕ پتہٕ چندٕ۔
(خائلق رأتھرُن بیاکھ مُہنیو خضر بٹس نیبری کنِ کریکھ کران)

خضر بٹ:۔ یہٕ گُس سنا چور چھُ کریکہ دِوان۔

خاٲلق راتھر :۔ پہساٗ آسہٕ یہٕ میوٗن پھشیاس مُہنیو یا منگتہٕ مُہنیو۔ تلاغفرِ أمِس دِتہٕ اُسٕس تروٚپ (دِلہٕ مژری) خبرٕ کتی ہوآسہِ یۄٗ زمُت میانہِ گرِ چھ مِٹن۔

(غفورٕ چھُ نیران)

خضر بٹ :۔ نسأبہٕ نیرِ پانٔے اوٗرِ شاید آسہِ میٚنۍ ژھانڈان کانہہ۔ وُتھِو بہٕ تھاوِ حال کاغذوٗٹۍ تھٕپے تہٕ کیٛا زِرات گٔیہٕ ژیر (یہٕ وٗنتھ چھُ ہوان ووتھُن)

عزیز میر :۔ اوِ اِنشااللہ برونہہ کُن وُچھو کیاہ آسہِ خدایس کرُن۔
(پاٗنس ستی)
ژھوٗنٹے بوزآبا چھُ کھاٗلُن کوٚہس
حکوٗمت چھ زاگان اُسے اَز شہس
(تانی چھُ ہوان ساٗری بغیر خاٲلق راتھر نیرُن)

خاٲلق راتھر :۔ (بوزِ دِن) خداگُرِ نی تی یہٕ اَسہِ رکوٗرت گوٚھہِ (نمایندٕ نیرِتھ پاٗنس ستی) خدایَن کوٚر ستریم وُوتھی جلِ جل۔ توتہِ آونہٕ اَمی وقتہٕ اوخن صاٗب یا کاردار یور۔ خجل ژھنیا کھ شوٗتھ گرِتھ۔ نہٕ بٔنِ مےٚ تمَن ستی اُچھ ژٹنہٕ نہٕ یمَن ستی بتہٕ کال دِتھ تھاو یانس نمایندن صدر لوکل کمیٹی۔ مگرمےٚ چھا خبر یہٕ

کار کتھہِ کنہِ چھُ یوان انجام۔ خضر بٹنہِ ونہِ تلہِ چھُم فکرِ
تران حکوٗمتس تہٕ گامہٕ کیٚن زِٹھین ہتی ماپین مےٚ
اُچھ ژٹنہِ (چوٗکی دراژان)

چوٗکی در:۔ (اژ وٗنے) اسلام علیکُم۔ مےٚ ووت پہرایہِ تھند بکواس
بوزان کنوارِ ہتی (خاٗلقس رنگ ڈلان بتھس) یوٗ زگونا
یِی کہِ گامس ہتی پینَے ژےٚ اُچھ ژٹنہِ ژےٚ چھےٚ اُمید
برونہہ کُن بنیم نیچو یوٗ ڈُمھنیو یا کھاندرس پیٹھ تیم ہیوٗن دیُن یا
تھپہِ تھارِ منزٕ تریم حصہٕ یا پنچاٹ ممبر بنہٕ۔ بو چھسےٚ قسم
ہاوان۔ یامتھ صدر روٗ دُکھ کینژن دوہن، اَکھ چیز تے
سپدےٚ حاٗصِل تیلہِ گژھم ژؤتس پیٹھ ریش کاسُن ژےٚ
چھنےٚ وٗنکنس خدایَن غلہٕ مو چھُ کُنی، تجارتہٕ کُنی، رسوٗخہٕ کُنی
سِیٚو دوٗ چھُمت متہٕ کھالتہٕ پٹُن پان اُچھن پیٹھ۔

خاٗلق راٗتھر:۔ (پریشان سپدِتھ) گوڈٕ وتم ژٕ کاٗ ژاہ وو برِاٗز چھکھ
بوزان۔ نیٚبر کنہِ زولتھ پان تہٕ گرٕ پٹُن ژا کھنہِ پتھ گو
مثیو ن صدر رامُسن۔ یوٗ زاے بوز کھ یہِ چھس بہِ دُنیا وبہہ وٗژ
روزان ورنہٕ وان کتہِ تراوِ مےٚ خصوٗصاً نومن خریف وٹہٕ
نگین دوہن۔ بیہٕ گس چھُ ہکتھ چندٕ باپتھ تراٗمی ہتھ بیچھِن۔

چوٗکی در:۔ مگر ہتہٕ چھُ ژےٚ رخیم کہ نہٕ؟ تیم گامُن جرُ جنُمت دورم

بے ہوش۔ یمن نہٕ کرٕ یہٕ ٹلۍ اُسۍ بنان تم چھ باسان سانہٕ گامکو میٹھ۔ تِتھۍ نےٚ شکس لدٕن ستۍ ییلہٕ ژےٚ ہیوٚ خانداُنی اَسَن وول آسہِ۔ گرٕ ہان چھُ قندس تہٕ مُجہِ گُنےٚ ساد۔ یی نےٚ آسہِ ہے گومُت صحبس کوکر بانگہِ کرٕ ہلہٕ رپورٹ تھانَس ییٚتہٕ ہساۓ چھُ خللہِ امنک خطرٕ۔ مگر ژےٚ گُن وُچھتھ چھُم گرٕ ہان زبو گلہِ۔ اۓخرٕ کیٚاہ ژھنہٕ بہٕ اُچھ پنہٕ ژٕ ٹتھ تہٕ ژےٚ ستۍ لحاظ پھٹرٕ اُوِتھ توٚے آیاسےٚ مصلحت پٕر ژھنہِ کہِ رپورٹس منز تھوٚ بہٕ چون ناو ٹلۍ تھےٚ۔ تانی یوٗ زُم ییٚتہٕ ممبرٕن ہُند شور تہٕ بیوٚ ٹھُس نیٚبرٕ کنہِ گُن دٲرِتھ۔

خاٗلق رأتھر:۔ (کتھ ژٕٹتھ) خداتھاوِ نےٚ آبادمےٚ ہساۓ چھِ پُلیسک ناو یوٗ زی تھےٚ ترٕ گنڈ پھٹان۔ مگر کرٕ کیٚاہ ہینہٕ آس تہٕ مےٚ نہٕ راہ۔ ہیر کڈنس تہِ چھُمنہٕ کانٛہہ وار۔ تانی اےلوٗگ مُقدِماتہٕ وانس ییم فانودیُن تہٕ پرٕتھ دوہہ گُرِس دُمہٕ چارٕنۍ تار تکن ییٚتھ حاضِر گوھنہٕ خاٗطرٕ خداگرِن چاۓنس ماۓلس مغفِرتھ سُہ اوس مےٚ پرٕتھ وقتہٕ تِتھوٗ لانجو نشہٕ نیبر تھاوان۔

چوٗکدار:۔ بہٕ گوس تسی مالی سُند نیچوٚ ییٚتہٕ چون پاۓزار کھورامگر شرط چھےٚ یِ کہِ یوٗ تام پلی توٚ تانی گرٕھنہٕ "نمایندن" کلہٕ دِیُن کڈنہٕ۔ ییم چھ ساری ییٚتۍ یاوِتہٕ غنتھہِ نٕۍ۔ غنتھہٕ تِنس کیٚاہ

ژھینہٕ؟ ژٕ گوھکھ خواہ مخواہ مأکلہ تہٕ جأنۍ بُر باد۔ ژٕ دِصرف پہٕنٛزٕن کامِن گوٚش۔ پتہٕ وُچھ بہٕ، کتھہٕ کنہٕ کرٕحکوٗمتکہِ مددٕ تہٕ ذألدارصأبنہِ اِقبالہٕ پہٕنٛز یرٕوٕنۍ ناو۔

خأرِق رأتھر:۔ اِدٕ سأ ژٕ نے ستیٖ چھُ وادٕ بہٕ لاگے یَمَن موٗ مُت سُرٕ پھ۔ یٖمہِ یٖمہِ ساتہٕ کامہِ ووتھہِ چارتہٕ بہٕ ژھیٖپاوٕ پان۔ بیٖیہٕ پتھ کٔنۍ تگلیم تتھہِ کٔنۍ کرٕناوَ کھ تٔہنٛز حُکم بردأری۔

چوٗکی دار:۔ بس اَتھ وادَس پٔٹھ تراوتھ بہٕ رَپوٚٹہٕ منٛز ......السلام علیکُم

(یہٕ وٕنتھ چھُ تیزی سان نیران خأرِق رأتھر چھُ پریشان گِوھتھ أمِس پَتہٕ لَرتراونہِ بیٖس کمرَس اژان)



# منظر ۶

(رزاق بٹُن گرٕ۔ گاش پھولہِ وُن وقت۔ اژان رزاق بٹ تہٕ خضر بٹ)

خضر بٹ:۔ (اَسہِ وٕنہِ چانٹہِ) کاکَس چھُ مُبارک۔ رات نصف شبہٕ پتہٕ کۆرمے مُکہٕ چکہِ کورِ مالِکہ سُنٛدِ گرِ۔ نشانہٕ ہُنٛد دوہ تہِ گوٚنڈم۔

رزاق بٹ:۔ (خوشی ستۍ بامبرِتھ) ناواللہ چھے؟

خضر بٹ:۔ بِاللہ ہسا اَزی نصف شبہٕ پتہٕ آم تسُنٛد اَشنا وانا دَس۔ بہٕ اوسُس تمہِ وقتہٕ خالِق رأتھرٕ نہٕ تہٕ نیوٚنَس کورِ مالِکہ سُنٛد۔ نہٕ یُن گرٕھن، نہٕ ہیوٚن دیوٚن نہٕ کینٛہہ تہِ چھُم کران کورِ موج گوٚڈٕ زارٕ پارا ییتہٕ پیٹھہ ہورتانی کینٛہہ ھا کرجو میأنس خانہٕ دارَس سہٕ چھُ یہٕ پیٹھہٕ روٗشتھے۔ بیٚیہِ وَنُس یتھ کتھہِ پیٹھ سہٕ روٗشتھ پیٛوٚ ٹھ تتھ چھنہٕ میوٚن کانٛہہ اَٹھ کاوا۔ اگر پگہے خوش گژھبس تہٕ پگہے گرِن سہٕ کتھ سُہی۔ سے پزٕ ژھامُس کوسہٕ کتھ کوسہٕ کتھ۔ مگر دوپنم سُے وَنی۔ تمہِ

پتہٕ ہسأ گوس کورِمأٔلس نِشہِ۔ووٚ نمس کُٹھس منٛز۔ تمۍ یام زنانہِ ہنٛز شیٚچھ بوٗز۔ زَن لوٚب تمۍ خزانہٕ کتھ کڈان کتھ کڈانِ دوہنم ووں کیٛاہ چھُ ہیچہِ تَل تھاوُ ن۔ میٛانہِ آشنہِ ہسأ اُسی میٛأنی دُشمن رزاق بٹن دُشمنت کران، ووں آیہ سووَتہِ۔ تمۍ سنٛزِ شیٚچھہِ ہُنٛد معنی چھُ یہِ زِ رزاق بٹہٕ نِس نیٚچوس دِیُت اَسہِ نیٚتھر۔ خدایَن گرِ ہاک بتہٕ سوٗ زمُت اگر رزاق بٹ تیار چھُ تہٕ پگہے ییِن بوگ ہتھ۔ فتح لونن آسِنہ تَس ووٚ نمت تکیا زِ تَس تھی اوس ہُمہِ لو رِز ورٕ اقرار کوٚرمُت۔ یہے خبر ہتھ آسَے تہٕ کریوَے مُبارک۔ مگر تیأر یا تہِ چھیہِ گرٕ موٗ کنہٕ نہٕ؟

رزاق بٹ:۔ (حأران گوھتھ) مےٚ ناچھنہٕ خدایس پتھ پڑھے یِو ان (گرواجنہِ کریکھ گرِتھ) ہیوٗ رٕجما تلااَتہِ دَپتہٕ ماجہِ پننہِ سوبانہٕ کٹھیٚچ لیٚچ اَنہِ ہایورٕ۔ (خضر بٹس کُن) تیأری ہے بوزوتہٕ سہ ناکیٚنٛہہ تکیا زِ مےٚ دوٚپ وُنہِ لگن خبرٕ کتۍ رٕ بتھ کورِمأٔلس آنکار کران۔ پتھ گوآٹہِ نوٗ نائسہ تھاوے بروٗنٹھہٕ کنہِ۔ خدا زانہِ کتیاہ چیز آسنم وُنہِ پرٕ۔

رُستم:۔ بباموج ہادپان بانہٕ گُٹھِنٛچ کوٚنٛزٕ ے چھرأ وہٕ بیٚیہٕ دپان یوٚ سوزام کھارَس نشہٕ رٕحم ۔ تٕمۍ دوٚپنَس ییٚلہٕ نہٕ مےٚ مانگہٕ یِی دِژ وبہٕ کیٛاز شیر وقُلف ۔ گوٚھیوٚ بیا کھ کھار گوٚھہ کرن ۔ میوٚن رِزق گوٚھیا کم؟

خضر بٹ:۔ اَمی بُتھہٕ کیٛاہ چھُ نان گاردَربدر (رزاق بٹَس کُن) مےٚ وَنتہٕ سَہ پیٚٹھی پیٚٹھی ژٕ ے کیٛاہ چھے جمع کوٚرمُت ۔

رزاق بٹ:۔ سُہ ننہٕ کالچنَس پانٕے ۔ روٚپیہٕ کینٛہہ، وَس زٕ ترٕ ے بیٚیہٕ پیٚم ژھانڈٕنی میوٚ مٹھاے ۔ بیٚیہٕ کیٛاہ گوٚھہِ آسُن ۔ یِم چیز تہٕ چھِم یِڈٕ کنۍ گنڈِتھ جمع کٔرِ متی ۔ عیالہٕ وأ لِس غریٖبَس کیٛت بوزتہٕ کھاندر گوٚ قہرِ خدا ۔

خضر بٹ:۔ اِد ساٗمیوٚ ہمہٕ بہٕ خاٗلق رأ تھرَس دُنیاوہہ وٕ ژہر ژھ زِژ نمبردارَس، چوٚکی دَرَس، معتبرَس بیٚیہٕ گامہٕ کمن باقٕے زِٹھبن ۔ ڈٕ پِی زبکھ خُفتنہٕ برٕ ونٛٹھے کورِمأ لی سُند واٹُن ۔ مےٚ چھے وٕنکینَس بیا کھ کاٗ مانظرِ تل اپأ ری کرٕ بہٕ میوٚ تیار (رُستم نیران واپَس)

رزاق بٹ:۔ مگر وَتہٕ اگر فتح لون یا اوخن صاٗب سمکھے ۔ تِم سوٗ زی تھکھ

یۄ رٕ تمے چھ ازساٗنی بأنی کار۔

خضر بٹ:۔ بأنی کار! خدایا سیوٗ دمہٕ اَسِنی کانہہ۔ ملہٕ پیٚیہٕ بأنی کار! خأر فتح لون اگر سمکھُم تہٕ یۄ رٕ سوٗزنے (یہٕ وٗنتھ نیران تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ گرٕ واجینٛز اژان)

گرٕ واجینٛز:۔ (لیٚج بروٗنہہ کُن اَنتھ) ژۄے کونہٕ چھنے خدایِن حبس دِیُتمُت شرپکس چھا ضأبطہٕ بروٗنہے سُہ چیز ہاوُن یُس کالچس کہوَچہٕ کھسہِ سےٚ ووٚنے کُنزٕ راوٕ ٹُک اَ کھٕتے ژلار گوڑ آخوٗن صأبن پتہٕ فتح لوٗنن مےٚ چھنہٕ کا کہٕ جوٗن وُنن بہأنی۔ یہٕ کپأرٕ گیہِ کالہٕ کاے پینٛز تیار!

رزاق بٹ:۔ یۄے اندری پھیل کیاہ چھ اَسہِ توَے چھ اَسہِ پرٕوٗنی ناو..... خأر خبر کالچس کیاہ آسہِ ڈیشن ..... یِتھُے چھہٕ چار اگر کورِ مألی ٹُل یم گاسہٕ کلِی تہٕ ہِن نہٕ وٹنہٕ۔ ہیور رحماژ گوکھنا چکدارٕ شُندِس کھلَس ناردِنہٕ؟

رحم:۔ (نیٚبرٕ ی) اَہن ساٗمےٚ چھا چٹی، کاکس ونیام ژٕ تہِ ولہٕ تُمی ووٚنم مےٚ چھا چکدارٕ شُندِس مأنلی سُند تنخواہ۔ اگر معتبر آسان کھسہِ زانہہ یمَس نہٕ ببگارٕ۔ تِتھی چھُ وَنان ہارِتہٕ طوٗس۔

رزاق بٹ:۔ اونومہٕ سہ بیا کھژوژُن (لیچہِ منزٕ ڈ جا کڈِتھ گرٕ واجنہٕ کُن) یمن کرٕ بن دون تہٕ واجہِ بیٚیہٕ روپین گوڈہِ تاپھ یُن دِنہٕ۔ یمن چھُ زنگارٕ زن لوٚگمُت...... اگر وَس پرٕ زلن نہٕ کالچس لوٚکھ دَپن بانگر واُ چکھ روپہٕ بدلہٕ نکھہِ۔ بیٚیہٕ چھنہٕ روٗ مال تہٕ کھینہٕ۔ شاید پیٚیم وَردنَس ژٕ ٹنوٗ۔ مگر تتے راوَس ہٕر یام تہٕ ہوٗنٕرس ژھوٚٹیام۔ بیٚیہٕ کیا سنا اوس مائلی جنتی یَن میٲنِس باٗرکس پیٹھ نیومُت...... خبر پہٕ فتح لون کموٚ موٗ دیو روٹ؟ (اژان فتح لون اَسان اَسان)

فتح لون:۔ (اژووٕنے) اِدسایہِ گوٚمے یٔدی پھلہٕ نَس دُعاے خاٗر اَمہِ تلہٕ چھُم فِکرِ تران یکرٕ مارِتھ ما گوٚھیم اَتھن پھکھے حاصِل! (گرٕواجنیٚ تیزی سان نبر نیران)

رزاق بٹ:۔ (ذرا شرمندٕ گوٚژھتھ) ہاژٕنے چھیہِ خبر تہِ رکنہٕ نہ۔ کورِ مائلی کوٚ رمُت کالہٕ کالے صحیح۔ صُحاے سوٗزنم شیٚچھ اُزِ شامَس تانی کربوگ تیار۔ گوٚش دِنَس تہِ چھنہٕ وار اعمال بد میانیٚ اُزی چھُم بیگاٗری۔ اُزی چھُم داہ چیز ژھانڈٕنی، دہَن سمکھُن۔ شقدر پھاٹلہٕ منزٕ داند کڈُن۔ کرٕ لِوُن بیٚیہٕ ہتھ کامہِ۔ تانی ییلہِ نہٕ ژٕ

تہٕ وُچھمکھ کُنی ڈٔ جسم عناصِر ۔ اِدِ سائٔ ژٔے زانکھ بوگ اے
چھُ پوگ وایان زمینداراَس ۔ دِوَتھ ووتھہِ تہٕ انسانَس اِدِ
کیٲہ گژھبس ؟

فتح لون :۔ اِدِ سائتوقع ہچہِ جایہِ کیٲہ ملالہٕ چھُ ( گرِواجینٛ انان فتح لوَنس اِسبنڈ کانگر برونہہ کُن ) یہٕ تہٕ آیاسے یِی وَننہٕ اَتھ کیٲہ دِپان ژٔے خدایٲری گٔری نَے کامہِ ووتھ پن ۔ میأنِس پِنِس گژھنَس تھووخداہَن آبروے ۔ مگر تیٲری چھیہِ گٔرمٕ رٔنہٕ اَسی چھٔلی چھُنہِ منہٕ ہیے پیٹھ نژان ۔

رزاق بٹ :۔ اَمی کتھہِ تہٕ چھُنم اوٚنمت جیرِ ۔ میوٚس گوخضر ۔ روٚ مال چھُس ژھانڈان ۔ نٹھ چھم نقدِ چ تہٕ کیٲ زِ روپیَن منز چھ اچھِ وانکہٕ دار ۔ وأنی دِپان تم لون نہٕ کھُنڈ ہاراز ۔ سالرا مسَن تِمے یِم میأنِس أرِس تہٕ کٹھ کڈن اِدِ نا کھوٚ ٹِس ۔ توَے چھم خُفتنگ ناوہٕ زی تھِے کھوروتلہٕ ژلان میوٚنیرِ تھ ۔ بیٚہٕ اُس نوٚنہٕ ہنا موجوٗد ۔ مگر سُہ کتھ منز ٹلوَ ۔

فتح لون :۔ یہِ گوٗوٚنکلنَس نارِ وِزِ کریوٚ رکھنُن ۔ نیٚبرِ مہِ کامہِ سوزتکھ شُری ۔ باقٕے کامہِ پُشرتہٕ خدایَس پکھتہٕ حال کروکورِ مٲلی

سۭنٛد بن رشتہٕ دارَن نشہِ معلوٗم گٔس چیز کوتاہ گوٗھہِ
آسن ۔ روٗ مال اگر بنیہِ تہٕ جان ورنہٕ بہٕ ژٹہٕ ململہِ اَڈ
گژھاہ تہٕ سُے دِیہِ کأم ۔ نوٗن گنٛڈتہٕ ژادرِ ۔ پتھ روزِ لٔٹۍ دار
روپیہِ وُچھوژأ نگی گاش مادِیہِ تمن ایمان ۔

(یِی وَنان وَنان چھُ تُلان رزاق بَٹس ستۍ تہ نیران چھ دوشوَے)

گرِواجینٛز :۔ (پأنس ستۍ) اگر أزی کہِ ٹاسہِ دژ اے زَن زاے دوٚبارٕ
(یہِ وَنان چھ نیران)



# منظر ۱

(نمبردارِ سُند گرِ :۔ وقت دوپہرٕ اژان نمبردار۔ معتبر ملہٕ تہٕ صدیق جنٕدٕ)

نمبردار:۔ (حسرتہٕ سان) وُچھوسا کورِ مائی سُند ایمان او خن صأب تہٕ تھوٗن اُتی تہٕ اُس تہٕ وتی، کالہٕ کالٕے ژھٕنُن رزاق بٔٹس اقرار گرِتھ۔۔ دپان چھُس تھاوس صغرسنی ہُند رپورٹ لیکھِتھ اُمِس صأب جزادس ترِ فکرِ مےٚ پرژھنہٕ ورأے کھاندر کرُن کیاہ گو۔ مگر اگر برونہہ کُن مُقدِمہٕ پھُٹ روپیہٕ لگِچھس گوھِہ خجالتھ خأرتوتہٕ ونہٕ ذٲلدار صأبس اُمی سُنز لٲل۔

معتبر:۔ (دزان دزان) ہتہٕ حض مےٚ لوسہٕ اُچھ پراران پراران یِیہِ ناکاتہہ کاشکارا چکدار صأبنس کھلس دیوٚن شیرِ نہِ یا دوس دِنہٕ۔ مُچھ چھنہٕ اَز تیأری کجو۔ یہٕ پٔتھہٕ حض چھُ گریستن یا کھےہو اگوٚت پائے ہنز گنٛدان گنٛدان ژھنِکھ

رزاق بٹُنٕ کتھ گٔرتھ۔ اَدٲ تیلیکی پٲٹھی زِٹھبن پرٕژھن کیٛتھ حض تہٕ کیٛا حض۔ مےٚ چھوٗنہٕ تٔھ خبر یوٚہس ماکرن چکس بیکاٹھے تہٕ مےٚ تہِ ما گوٚھ معتبری نشہِ اتھہٕ چھلنس سُے بہانہ۔

ملہٕ:۔ (اونگجن ٹیسا کڈِتھ) نسہ وُنہِ گونہٕ تیر از دست۔ تو ہمہِ کیٛا زِہاٗ رٕ و ہمتھ۔ ہمتس ہیوٚ کاٗم۔

''اِجابتھ از درِ حق بہر استقبال مے آید''!

(اَژان چوٗ کو در تہٕ شقدر) یہِ کیٛاہ آے میٲنی خاٗدِم خاص۔ از راتس اٗسی یم میانہِ بدلہٕ لوٗ کن ہدایت کران۔ مگر افسوٗس چھُم یِوان پنہٕ نس اٗکس خاٗدِمس اٗمِس خاٗلقس پیٹھ سہ بوٗ زُم بنیاوتمہِ کمیٹی ہُنٛد صدر یتھ بہٕ تہِ اوسس اٗکس زمانس منٛز ہواٗ یی صدر مگر اَتہِ وُ چھمنہٕ لڑایو جھگڑ وِسوٗ اٗے کینٛہہ تہِ۔ خھوٗ صاَ یتھ گاٗمس منٛز۔ توٚے چھسنہٕ بہٕ تھبن لانجن اَژاٗنی خاٗرےٚ اوس وَنن وُنہِ تہِ اگر اٗسی ہوٚل گنٛڈو تہٕ یہِ کھاندر روزِ بچہِ تلے۔

شقدر:۔ رزاق بٹن حُض بوٗ زُم کوٗ رسورٕ ے جاداد تیارٕ وٗنی کیٛا رُ و اَسہِ تاٗ نی۔ خوجہِ خاٗلقس ہبون وُنی ژیر بیترِ۔

ملہٕ:۔ ہی کیٛاہ تو گنہ اَسہِ۔ خاٗلقن چھ دوٚن کھر اوٚن لتھ تھاوُمُت۔

مگر ژٕنے یتہِ توٚ گُے نہٕ کھولتُلُن۔

شقدر:۔ اَہن حض بہٕ کتہِ رۄ دُس بہتھ کورِ مأٔلس سوأے سأری تٕسنٛدی رشتہٕ دار پھِرِ منا؟ ہاں کورِ موج حض پھِر تھن ژینٛے۔

ملہٕ:۔ (کتھ ژٕٹتھ) خأرمٕ اوس توہہِ وَنُن وقت گوتنگ اَسہِ تمأمن آسہِ کالچس سال گوبرٕ مألی سٔنٛدِ طرفہٕ۔ اگر تتہِ اَکھ وَنہِ روپیہ چھ کم بیا کھ وَنہِ سالر چھ جاد وغیرہ وغیرہ کورِ مول زانہِ میانہِ بدلہٕ ہا چھ یم لڑان۔ تتھے پأٹھی ییٚلہِ تَس شورِ آو برنہٕ پتہٕ یتھ گُن خوش گوھو تتھ گُن گری توتمی سٔنٛد بن نکواربن رز۔ دِلٕسہٕ سادَس پیٚیہِ۔

چۄکی در:۔ تُخُف مےٚ بۄ زبیٚیہِ نمایندٕ پھٹراون واریاہ رسم اَتھ بأ گس پیٹھ۔ تتھ پیٹھ ہکو نأ اَسی شورتلہٕ نأوِتھ۔

معتبر:۔ ضرۄ رچکدار صأبَن چھُ اَسہِ پی ؤنتھ تھومُت اَخر ییٚلہِ نہٕ پرانہٕ کانٛہہ کتھ گرمۄ آسہِ یم نۄئی فبفنگہٕ کیٛاہ وَنن نوٗوے مذہبا۔

نمبردار:۔ (بُتھ الۄ ندترأوِتھ) میٛون اگر بۄ زِ وأسی گوھونہٕ اَتھ سالسے (معتبرس گُن) کیٛاہ سا کاردارایہٕ گونامۄ کرا کھٹیٚون ۔ییٚلہِ نہٕ کورِ مأٔلی سون وَنُن ہۄنین ژُھن......


بیٚیہٕ وأٔژمے ترٕ نٛے دوہ وۄکھہٕ خواب ژُھان۔ خبر کیٛاہ

آسہِ ڈیشن ۔

معتبر:۔ نحض چون وَنُن رُٔ زِن موجودیہ گوشال ژٔلِتھ بَٹھِن لورِ۔ بھوڈری گیہ اکھ کھیٚون سال ییٚہِ والُن نیال۔

چوکدر:۔ ہاں مےٚ تہِ چھُ یِوان پننہٕ بیقل عقلہِ معتبر صأبنی کتھ رِژ بوزنہٕ۔ ووٚنی یۄٚزی توسون ییٚتہِ لسُن بسُن گوسونہٕ ٲرشاند تھاوِنی۔ اَسہِ تۄرنہٕ گوڑ گوڑ مغزن۔ اگر کانٛہہ کاٗم تہِ کَر تَتھ گوٚکتی آچھر۔ سون روشُن لوِنہٕ ہارووٚنی۔

ملہٕ:۔ یِی چھُس یہ تہِ ونان دبدبتہِ گیہِ بجایہِ وٲلدٕ!

معتبر:۔ (نمبردارس کُن) اٲہن حض یۄٚ تانی نہٕ اٲسی تہِ اژو تہِتھِن لانجن منز۔ اٲڈی دپن یمن ہیٚٹھی کوٚٹھی۔ اٲڈی دپن یمن بیچھِ ژٔسمہٕ۔ اَکھ وَنہِ اَکھ کتھ تہٕ بیاکھ وَنہِ بیاکھ کتھ۔ اَسہِ روزِنہٕ زِیۄٚنسہٕ اعتبار گامَس منز۔

چوکدر:۔ ییٚہِ حض بیاکھ کتھ اوترِ وون تھانہٕ دار صأبَن دوٚیُن نمایندٕ ہبا گیہِ رکسرِ تلی پونی۔ اَتھ سویہ بیاٗلس گوٚھِہ گوڑ دژ وت دِیُن مگر سانہِ ژھوپہ دِیُت اَتھ سگ۔ ووٚنی اگر اَسہِ پننہٕ نَس دستارس رٲچھ کَرنی چھ تیٚلہِ چھُ بہتر کھیٚلس منزس رُٔ زِتھ شِکار کرُن۔

نمبردار:۔ اِدساٗ ییٚلہِ تُہنٛز مصلحت چھ یہ تہِ توہی ہستی مگر تورِ نیرنہٕ برونٛہہ

سٔمی زِ گوڑ سأری مرگزارس نشہِ ۔ تتی پیٹھہٕ نیرو یکہٕ وٹہٕ (یہِ
یوٗ زِتھ چھ چوٗکی درملہٕ تہٕ شقدر نیران)

معتبر:۔ ژٕ متہٕ حض ہمتہٕ کانٛہہ غمے ۔ رزاق ہٹٕنٛ ہیٚخ کڈٕنی چکدار
صأبنہٕ تہٕ میأنہِ ذِمہٕ ۔ یِم نمایندٕ کم کو کرِزانہِ تھکھ ۔ یِژھہٕ
ہشہِ گبہِ چھانیوٗ رکھسان؟

نمبردار:۔ (بتھ الوٗ ندترأ وِتھ) اَہن ساپنہٕ نُے چھٕس مرِیض یِیٚتہِ
کِنی ووتھ یہِ بیا کھ نیایا ۔ کورِ گبہ ییٚلہِ نمایندنِے دِتکھ تم
رَنزِوَن یِمَن چاروایَن ہٕنٛدی پأٹھی تہٕ اَسہِ ہی شریف
موٗدی ۔

معتبر:۔ لاف بدکارِ شیطان ۔ تِنہٕ حض دِمونہٕ زانٛہہ سپدنہٕ ۔ ژٕ
کانٛچھتہٕ میأنی زِندگی (کلس پھش دِوان) ہیٚنہٕ پیٚنہٕ مےٚ
بیا کھ سکیمایاد ۔ وولہٕ نیٚبر کنہٕ وَنے ۔

(یہِ وٕنتھ چھُ نمبردارس تھپھ گرِتھ نیران یِمَن پتہٕ عدیق جنہٕ بتھ
الوٗنٛدترأ وِتھ نیران)



# منظر ۲

( کاہچرایہِ ہُنٛد مأدان۔ وقت دِگر۔ اژان گامہٕ شُری کھنٛچایمَن ستی رُستم گبہِ أ رکس پتہٕ پتہٕ )

اکھ شُر :۔ کیٛا ساز چھ رُستم بٲتس بِوان دوہ گنڈٕنہٕ تہٕ توٚے چھ ژھوہ ماران

رُستم :۔ دنٛدان مو یاوتہٕ لۄکو وَنیا ہَس یہٕ چھُ اسأنی ، گانٛس ڈُوِتھ أس ووٚنی گبہ اکھ موژیاہٕ و بب ژھنہِ ازأمس تہِ کنتھ تانی کرو کھاندر۔

دوٚیم شُر :۔ تِتھے مانٛچھ تیر رچھنہٕ نِش تِتھے مابی نہٕ میأنی پأٹھی چارٕ وایَن پتہٕ ہتھٕر ہتھٕر دیُن ۔

ترٛیم شُر :۔ پیہہٕ بچہ سردی نِشہِ ۔ نارٕ تتبو نِشہِ ۔ ہا آراما کرِ گرِ ۔ مال رٕ چھی رٕ چھی سوران أچھن گاش پتہٕ آسان یا پہٕلی سنٛدِ نصیبہٕ یا گوٗ ہان مذہرٕ بزی ۔ گریسں أے پۆت بڈان سُہ گو حأکمس رِکو ۔ تیٚو رب ڈان سُہ گو زِٹھین رُشوَتہٕ با پتھ ۔ گر بڈان سُہ گوگلوانَن خرچہِ خاطرٕ ۔

دوٚیم شُر :۔ (أمس تأیید کران کنتھ ژٕتھ ) ہاپۆت نہٕ زینان تمہِ

کھوتہٕ دوگنہٕ ہوان چکدار پھاٹک ۔پتے چھے تیرن گاسہٕ چرٲے، ژٔٹے ٲسہٕ نٔے کانٛہہ تیوٗ ریانہ، داہؤری بروٚنٛہہ یہٕ رقم دِتھ تی چھے اَزتہٕ ہوان۔ وَنکہ پٹوٲرِس یہٕ لبھتہٕ مہاراج أزی کُے شُمارٕ۔ تیلہِ چھے پنداہن ؤری یَن ہٕنز گاسہٕ چرایہٕ فیس تَس قلم ژانہٕ نَس رُشوَت دِیُن توتہٕ ؤسی نہِ کیٛنٛہہ۔ ہا خدایَن بُچر وور ُستم اَکھ بنیایَس زنانہٕ بیٚیہٕ موکلیاو تیرَن ہٕنٛدِ ووٚنٛدِ منٛز رٕنش۔

رُستم:۔ گوناخو جہِ تہٕ مؤ دژاس تہٕ بلیایَس۔ بیقلو گرہِیس نَے مال آسہِ سُہ ہیٚکیا گرِ چلاٲوِتھ یاشِنایہِ زمینُک معاملہٕ دِتھ؟

ترٛییم شُر:۔ بنیا کھ کیٛاہ ساٹِر أزی کہِ پٹھہٕ خانہٕ دار۔ ہاترایوِ تیرن ہٕنٛز کتھا۔ تُلیُو بٲتھا۔ ازاَے چھُ سأنس یارَس دوہ گنڈٕنی ...... اصل کتھ روٗزونہ توہہِ یادِ ے۔

دوییم شُر:۔ اوِ۔ اوِ تُل سأرُستما اصل ہیوبٲتھا ننتہٕ وَن سُے بٲتھ یُس نمایندٕ رِکنہٕ گُستام اوس پران کیٛاہتام۔ گرہِستو بیدار گژھ۔

باقے ترٛے شُری:۔ (اسان اَسان) ہا۔ہا۔ اوِ اوِ یہے بٲتھ۔ کیٛاہتام ”روبہٕ گُے تلواس تراو“

(رُستم زھوپہٕ گرِتھ یَکہ گٕن وچھان)

ترٚیِم شُر:۔ (رُستمس کُن) اِدساپٕنے یادچھے تیلہِ تُل جانٕ پھس چھکرا (رُستم ژھوپہ گٔری تھے)

دوٚیِم شُر:۔ ہاتلُکٕ تن کیٚنژھا اَسی رٹوس۔

رُستم:۔ مےٚ چھُ افسوٗس توہہِ کونہٕ ژونک تُل واتان۔ توٚہۍ کونہٕ ہیچھان۔ یہِ گام رٚکتھہٕ کن گوواُران۔

ترٚیِم شُر:۔ (کتھ ژٕٹتھ) اَسہِ کیٛاہ چُٹ۔ یہِ آسہِ نمایندس یا نمبردارَس خبر گام کیٛازِ گوواُرانٕ۔ ژٕلاگتہٕ حُسنِ غمخوار (بیٚیس کُن) وٕچھان چھُکھا تیٚمَس کُس غم چھُ۔

دوٚیِم شُر:۔ اِدتہٕ مےٚ پیٚو وونی یاد۔ یہِ چھُنا بنیامُت گامُک والنٹیر (ساُری اَسان)

ژوٗرِم شُر:۔ توٚے چھُنایہِ ودان گوڈٕ گیہِ پٔنٕنہِ تہٕ پتہٕ گامَس (بیٚیہِ اَسان رُستمس وراُے ساُری)

دوٚیِم شُر:۔ (نصیحت کران کران) ہے اَمِس ستی مساکرِ و مسخری یہِ بنیاوسون زیٚٹھ۔

ژوٗرِم شُر:۔ کیٚتھہٕ رٚکنی؟

دوٚیِم شُر:۔ نیٚتھرٕ کٕنی، یِزتہٕ رٚکنی۔

ترٚیِم شُر:۔ بےشکھ۔ اَسہِ بُڈراون مالٕی توتہٕ تُلَن نہٕ ساٗنی کتھ۔ اَسہِ مژ اگراَکی سے گوکھانرکِ سہ تَس واتن تہٕ ٹھٹھہٕ کرنی۔

دوہیمِ شُر:۔ نسأئسی چھاٹھِٹھہٕ کران۔بأتھ وَنیوس گبُون تتھ ، بیٚوٹھ رؤشتھ۔ہتہٕ سہٕ أسی بوزٕ ناوون۔(ژؤرِ مَس شُرِس کُن)

انورا تلا تُلتہٕ جان پہن چھکرا۔

انور:۔ (حکُم بؤزی تھےٚ آوازِ سان)۔

بہٕ دَردَن زرٕ دکوٚ رَنس دزان چھُس نارٕ ویٚسی یے

زِ دُنیا سرٕ دکوٚ رَنس اکی اِشارٕ ویٚسی یے

تریٚیم شُر:۔ واہ۔واہ شاباش

(سأری دِوان ووج بأتَس یکہٕ وَٹہٕ)

انور:۔ مےٚ سپَنس گوٚنہٕ گوٚنےٚ کنےٚ زَن گوم چوٚنےٚ

وُچھُن یوٚ دچھےٚ نموٚنےٚ ولہٕ وُچھوارٕ ویٚسی یے

سأری شُری:۔دزان چھُس نارٕ ویٚسی یے ولہٕ وُچھوارٕ ویٚسی یے

تریٚیم شُر:۔ ۂ زِتھ مے گوتنےٚ سوٚ رسہٕ اندر نَشہِ تھموٚ ر

بسوز وساز سنطوٚ ر، چھُ ہتھ سیتارٕ ویٚسی یے

سأری شُری:۔ دزان چھُس نارٕ ویٚسی یے اکی اِشارٕ ویٚسی یے

انور:۔ پرژُھن نہٕ زانہہ مےٚ تمی حال، ووٚ لُم شہمارٕ وےنال

چھُ لا رگتھ تھوومُت زال،سیاہ تتھ تارٕ ویٚسی یے

تریٚیم شُر:۔ واہ واہ! سیاہ تتھ تارٕ ویٚسی یے،سیاہ تتھ تارٕ ویٚسی یے

ووج تِہ مرحبا اکی اِشارٕ ویٚسی یے

انور:۔ ہے زِنش ہۆل ہۆل سہ نیران سہ غاٗرن ستۍ پھیران
چھُ نازو ساز شیران دِوان چھُم خارِ ویٚسی یے۔

تریم شُر:۔ بے شک بے شک۔
دِوان چھُم خارِ ویٚسی یے، اکی اِشارِ ویٚسی یے

انور:۔ عذابَس منٛز گرِفتار، کبابَس تالہِ پیٹھ نار
وہابَس اندریں کارِ ژ کرکینٛہہ چارِ ویٚسی یے

دویم شُر:۔ (باُتھ ژٗٹھ) بَس بَس حال گُرِو تیرن ہُنٛد چارِ
(ساٗری ژھو پہ کران ہنگہِ منگہِ)
ہۆکیاہ چھُ پکان شقدر خدایَن اوِن اٗمی سِنٛدِس گرٛس بھگندر۔

ترٛیم شُر:۔ اوِ اوِ وۆ تھِو ساٗری نتہ آسن ووٗنی لبکہِ کھیٛنہِ تہِ پھاٹک
دیٚن ......رُستماوو تھسہ گنہِ گبہِ چھی شال پتے (انور
اَسان تہِ دوران)

رُستم:۔ (نیران نیران) ہاے سہ گُس دوہ آسہِ ییلہِ چکدار سندیو
شقدرو نشہ سون گام نجات لبہِ۔
(یہ بۆزِتھ ساٗری نیران تیر رٹنہِ)



# منظر ۳

(کورِ مالِی سُند گرٕ رزاق بٹ آمُت بوگ ہیتھ، کینٛہہ پۆشی تہٕ ملہٕ چھ قہوٕ چتھ موکلان۔ یمن منز کینٛہہ گامہٕ زِٹھی تہٕ معتبر)

معتبر:۔ (کورِ ہٕندِس مامس اکتھ کُن کڈِتھ) گہنس دِیٚز وارٕ نظر بیٚیہٕ وایہٕ نأوزِ روپیہِ کأنٛسہِ زانٛن وأرِس اتھہِ۔

کورِ ہُند مام:۔ (ژھوپہٕ ژھوپہٕ) مےٚ چھُ اکھ شرا کوٚ رمُت کورِ مالِی سُندِ بوٚ کاروٚبیہِ آسم پتِم خجالتھ ژوٚنہٕ باقے...... اِوساوٚ چھو خدا کیاہ کرِ۔

(معتبر یہِ بوٚزِتھ نیران نبر نمبردار تہٕ چوٚکی دراَژان)

نمبردار:۔ السلام علیکم:

چوٚکی دار:۔ (پوٚھین کُن) ہے جاے ترأ وِوسٕہ مُقدمس بروٚنٛہہ پھٔن۔ تُہی چھوٚ وَتھے رٔٹِتھ پٔتھی ءتر۔

کورِ ہُند مام:۔ اَدب چھا حضٕ بنان موٚلی تہٕ سوگہِ دروگہِ ہیٚیہٕ ہے کأنٛہہ (پوٚشی گوٚھان یہِ بوٚزِتھ شرمندٕ تہٕ تراوان مقدمس وَتھ)

ملہٕ:۔ (کورِ ہٕندِس مامس کُن) وَنسہ خأدِ ملیہٕ قہوٕ ہن کتھ پٔٹھ چیہ لسہِ۔

کورِ ہُند مام:۔ (وزان وزان) یہِ حضٕ کوٚر کورِ مالِی رزاق بٹہٕ نین ءستی سوثیت

ملہٕ:۔ (دَم دِتھ) نسا رزاق بٹہٕ نِس کسِ نیچوٚس کورِ مالِی سُنٛزٕ

کس کورِ ستی (بے تأبی سان سالہٕ رَن گُن) تلسایہِ مٔژِم
یور کتہِ چھُ کلہٕ پیٹھی ژادرٕ لیتھ بیوٗٹھمُت۔

نمبردار:۔ (زِ چھرِ سان):۔ سُہ حض آسہِ اندر گوٚمُت رزاق بٹنٕ یو کھچہِ
ہھ۔ ووُنی رٕو دسہ پرٕون زمانہٕ ووُنی اَے یینہِ ساری
بنیاے نمایندٕ۔ پانہٕ کارکران تہٕ باقین تھوان پینہٕ راوُن تہٕ
بتھس مُتھِتھ۔

چوکیدار:۔ (مُقدمَس ہمت بڑاوان) تو تہِ حض وُنہِ یہِ تُھنڈ پاُزار
کھور کرِ تہِ ہکن نہٕ ہَتھ نمایندٕ گرِتھ۔ تو ہی نے یتھ
معاملس منز زنگ ترأوِ ووتھِ نہٕ یینہِ پھکھ تیلہِ چھسنہٕ تس
ماٗلی سُند۔

ملہٕ:۔ (کتھ ژٕتتھ کورِ ہٕندِس مامَس گُن) اَہن سأ کران کونہٕ
چھوِ تیلہِ کانہہ کتھا۔ اُعزاسہِ چھاراتَس تِلہٕ زالہٕ یِی یأ ژ
کرِنی۔ تلہٕ ساووستہٕ گلہٕ ژُوچھتہٕ یم اُ ے اندر گیاے تَم
کموموُدبورٕ ژی (ووستہٕ گلہٕ بانبرِ ہوٚت ووتھان ووتھان
کانگر اُلٹاوان)

شقدر:۔ ہے اُتھی ہسا اُتھی ہسا گوٚبرٕ ماٗلی سُند بن سلہٕ رَن ہسا آیہٕ شوٗب
(یہِ بوٗ زِتھ چھِ زِ ژور سالر کانگرِ سیوٗ دکران تہٕ سوٗ روٹان)

چوکیدار:۔ خبرٕ کتہِ ہَن دزَن پلواز۔ گوڈٕ اُ ے یینہِ پینہِ نہٕ سُنز رِ پھوٚل

تہٕ پتھر۔ ہبنڈن ہٕنڈی پأٹھی أے چھ سالر پھٹِتھ آمتۍ (نیرِی
ہِکنۍ گوٗھان شور)

ملہٕ:۔ (چھوٗکی درس کُن) تلسہ ژھوپہٕ کرظٔھر یاو ژھ ییتہٕ کانگرِ۔
خبر یہٕ قہوٕ تولہٕ مانیرِ نستہٕ ہِکنۍ۔ تلسہ دارِ ہِکنۍ دِتہٕ نظر یمَن کتھ
پٹھ پھٹ گگر۔

چھوٗکی در:۔ (نمبر نظر ترأوِتھ) ہأنۍ ہِکنۍ حُض ووٚ تھہرُ دس تہٕ برُ دس۔
أسی چھِ وُنہٕ منٛزِم یأری ہیٚ پراران۔
(تانۍ اژان معتبر تہٕ باپأری نار ژاپان ژاپان)

معتبر:۔ (اژٕ وُنۍ) ہا یہٕ گیہٕ نۍ تاوَن زٕ دی۔ وٕتھوِ ساوٕ تھوِیہٕ
گونوٚ ن حراما کھٔیون......کورِ مأٔلس نچارٕ سُند خوٚن۔

نمبردار:۔ (بانبرِ ہوٚت) ہا پتھر بیٚہہ ساژٕ کیاہ زِتنبلیوٚ کھیہٕ کتہٕ موٕ دُس
وُنہٕ زِکورِ مأٔلس دِمہٕ زکھ واتناونہٕ۔ پتھر بیٚہہ وارِ وَن کیاہ
ذٔلیل چھےٚ۔

باپأری:۔ (معتبرس بدل) ہا کیاہ حض وٕنی کاردار۔ روپیہٕ نصفہٕ
کھوتہٕ جاوٕ وانکہٕ دار۔ تِم لوٗن نہٕ کھٔنڈ ہاراز۔ ژأ نگی
ژھایہٕ والان کورِ مأٔلس نچارَس۔

معتبر:۔ (تشریح کران) ہیٚیہٕ حض گُری کھنجہٕ جوراہتہٕ وأ جاأکھ۔ بلکُل
بانگہٕ ےٚ۔ شاید جھوگرِس ہیٚوتہٕ تُھ زناق بٹن زیور۔

نمبردار:۔ (ہزلہٕ سان) تیا! اِدساموٗ (اژان خضر بٹ)

معتبر:۔ تھوکھ تھوکھ حض تھوکھ تھوکھ۔ شر پنہٕ پاوڈ وڈاہ راز مہن پیٹھ۔ سوسہٕ ریموٗ ژیر پوٗنشہ ییٚہٕ ہیچہٕ ہی کھٕز رژہ شپر۔ ہلیہٕ حض گوکورِ مأرلس دژاتہٕ ستی کھش کرُن۔ یہٕ گوٚ بوگ یا پئوٚ ہِل (رزاق بٹنٕز رشتہٕ دار نبر نیران)

نمبردار:۔ گونار رزاق بٹس ووٚ نمت نمایندو کورِ مأرلس گرٛھہِ تیتھے گٔنز مذاقا کرُن۔ مےٚ چھہٕ تر گٔنڈی پھٹان یہٕ حال بوٗزِتھ چھےٚ مےٚ کھرٛ لیس وَسان بتھس......

خضر بٹ:۔ (کتھ ژٔٹتھ) ہے مُقدماأس کرسہ بند ژٔےٚ کیاہ پرٛتھ جایہِ نمایندٕ بدنام کرنہٕ ستی شہلتھ ہش پھیران (خأرلق راتھر کلہٕ پیٹھی ژادر ہوان)

چوٗکیدر:۔ (نمبردارَس بدلہٕ) ہے بٹاپرٛتھ کانہہ چھُ ماجہِ ییٚنہٕ وول یہٕ کیٛاز نہٕ ژٔےٚ فِکرِ تران کورِ مأرلس کوسہٕ رب آیہٕ متھنہٕ۔

معتبر:۔ (کتھ ژٔٹتھ) نسایتیک نملیندٕ اُسےٚ چھُ کنہِ پھوٗٹمُت۔ ووتِھو سہ ووٚ تِھو سہ ووٚل کیٛا چھُ دربار زیٹھر اوٗن۔؟ ووٚنی لگِو مُقدمَس تہٕ کتھ نیرٕ نہٕ (صدیق جندٕ تہٕ گامہٕ زِیٹھ نیران)

خضر بٹ:۔ (نیرٕ ونبن گٔن) ہے پتھر ہوسہ۔ اُخر گوٚ برٕ ماٹلی سُند تہٕ گرٕ و اِنصافا (فتح لون برونہہ گٔن اُتھ) یہٕ کیٛاہ چھُ منٛزِم یور

أمی ہے پرژھی تو شام تانی اوس دپان کورِ مول موٗمتھاٗے گرٛھہِ نہٕ کینٛہہ اَنٛنی ۔ شامہٕ پتہٕ سوز أمی ئُند بۆ رشتہٕ دارو شٕنٛچھ نسا موٗہ أنی زٕ۔ اِدٕ سا شامہٕ لٹہِ کتہِ بنن گامَس منٛز بوٹہٕ ژیرتہٕ خالیٖ؟ پتھ گیہِ روپیہٕ اِدٕ سا اگر تم کھوچہِ چھ بہٕ دِمہٕ روپیہ بدل صحبس سداہ آنہٕ۔

معتبر:۔ (تیزی سان) نوٗن آسی گومُت مشتھہٕ ۔؟
(ملس کُن) ہا کیاہ حض وَنے اوخن صاٗبا سکھےٕ حض سکھےٕ اگر گُپن تہِ اکھ سِر ساٗے کھیٛیہِ چاٹھ نیر بس نہٕ۔

ملہٕ:۔ (خضر بٹنٛی انواٗری نتھ) گونامٕنٛزِم یاٗری زوٗنمُت کورِ مول گُپن ۔ أتھی کیاہ چھ دپان بستہِ نوٗن دِیٛن ۔

فتح لون:۔ اوخن صاٗبا ژ کرحض ژھوپہٕ۔ چانٛبن کارن ہنٛز گیہِ مے از خبر۔ ژ ہیتہٕ پنہٕ نے بیٛہِ مشک ۔

باپاٗری:۔ ژ کُس لاٹھ چھکھ امامَس چھکھ بےعزتی کران تیٛمی چھا چانی پاٗٹھی گوٛبرٕ مالی ئُندِ لاکھا کھبرٕ ۔

(خالِق راٗتھر چوٗکی دَرس کُن اِشارٕ ہاٗوِتھ ژھوپہ کران) تاپہٕ ستی چھے ریش چھوٗروومُت تہٕ عالِمَس پیٹھ چھکھ پچہِ سوٗنب اُ ساوٗ ہرِتھ حملہٕ کران (تانی ہوان مُشتہٕ زیٹھراوٗن ۔ رزاق بٹ نیٖر مہ درواز نظر تراٗوِتھ واپس نیران)

فتح لون:۔ (باپاۍ رِس گُن ژ کھہِ سان) ہے ژٕ کتھ پیٹھ بنان پژ تھ کاتسہٕ ہنہٕ نانہٕ ہُنٛد ژٕنہٕ اُشناو۔ مارٲے کرُن چھے تہٕ کر تہٕ۔ یوٚہ تام اوس چون اوخن صاب کھٔن تراوان۔ ازچھُ کران کورِ مائلس پنٛنہٕ ہٕنٛدی پوٚتی۔ (باپاۍ رِس گوھان زبو گلہِ)

معتبر:۔ (باپاۍ رِس بدل) بَس ووٚنی روٚزنہٕ ییٚتہٕ سأنی جاے۔ ووتھ حض اوخن صاباہٕ کأم کرن پانے نمایندٕ تہٕ فتح لون (نیران نیران) مےٚ چھ ووٚنی تریش ییٚتہٕ حرام مگر یاد تھاوی زِ یتھنہٕ چکس منٛز پوٚ دتراُ وِلونہٕ گرِ یاہٕ خاندانہٕ منٛز کاتہہ تَس ژٕتوٚتمی ساتہٕ زنگہٕ۔ یہٕسنٛک فصل اوو کولوانہٕ خرچس مُجرا۔

(خالق راُ تھرژ ادرِتلی اَسان۔ معتبر نیران)

ملہٕ:۔ (نیرنس پیٹھ ووِتھ) اَہن سہ ییٚلہِ بہٕ کھٔن تراوان اوسُس مےٚ واتہٕ نہٕ یتھ مجلِسہٕ ہہُن (ھوان نیرُن)

خضر بٹ:۔ (ملس تھپھ کرِتھ) تلہٕ حض مےٚ پیٹھ بخش تو۔ تراُوی تو یہِ لوٚنی کتھا۔ خدلیہِ سٕنٛدِ خاطرٕ گری تو گوٚبر مالی سُنٛد تہٕ اِنصاف۔ اَسی چھا یوراُمتی سرنڈٕ ہرکرنہٕ۔ رِنہٕ کاتہہ کأماہ اُنٛزراونہٕ۔

ملہٕ:۔ (دژسہٕ دِتھ نیران نیران) بَس بَس ییٚتہٕ زانہِ فتح لونے

ۇ ربزٕ نی ۔ سانہٕ آب مندنہٕ کیاہ گژھہِ حأصِل مے چھُ
طلاقِ شرعی اگر بہٕ نِکاح لکھہِ یایِیتہٕ ہیمہٕ (یہِ ۇنتھ نیران)
اُمِس ستی کینٛہہ سالرتہٕ خأرلق راتھر ژھایہِ ژھایہِ نیران

کورِ ہُنٛد مام:۔ (فتح لوٗنس کُن) بے ایمانا وُ چھان چھُکھا کورِ مأرلس کتھہٕ
کنہٕ کوٚرُتھ ہٕٹس کھش تہٕ ہونگنہٕ میٹھی۔

اَکھ سالر:۔ (چوٗنٛتھ بوٚن کُن کرِتھ) پھٕرِ ژوٚرس دارِ گُنٛڈ لور۔

چوٗکدر:۔ (تھوٚدوٚ وِتھتھ) ہے پرانوٚ دانہٕ ہوچھُ ووٚ نُمت یا گژھہِ
ژاُلن نتہٕ ژلن ۔ سلامتھ گرتو خواہی بر کنار است
(مُقدمس تھپھ کران تہٕ نیران)

نمبردار:۔ (نیران نیران) اِو۔اِو یمہِ سالہِ کھوتہٕ موٚ گُرکھیٚن بہتر۔
اَکھ کورِ مأرلس لوٚٹھ بِیٚہ تسٛند ۔ے گرِ پھُوٹ ۔یمے بیٚہن
بیتہِ (یمن پتہٕ سالر جماتھا نیران)

خضر بٹ:۔ (ووٚش ترأوِتھ) پروردِگارا۔ یہٕندی کنی چھُنہٕ یموسوأ ے
بیٚتہِ کأنسہِ حصر۔

کورِ ہُنٛد مام:۔ (کتھ ژٕٹتھ) اِواِو چانے کھلنہٕ چھےیٚ وان سوژٕل رنہٕ
نہٕ (ژلان کانگر تہٕ فتح لوٗنس لایان لایٚن ونان) بے ایمانا
چھل ووں ژے کورِ مأرلس سویہ ستی مندل۔

فتح لون:۔ (کانگر پھٕکِس پتھ) وا ے (کورِ ہُنٛد مام ژلان ژلان

أمِس کلس لورِٹا سالایان) واے (پھوان بے ہوش
گوٚھتھ تہٕ خضر بٹ یِوان أمِس تھپھ کرنہٕ تہٕ تانی یِوان
اَسمأنی بیا کھ کانگراتہٕ پھوان خضر بٹہٕ نین شانٔن پیٹھ۔ باقی
سالرٔ ژلان اتھہٕ موٗران)

خضر بٹ:۔ ہیو مار ہا گو ہیو۔ کُنہٕ کانہہ چھُو نا۔ مأرِ ہا بے عارو ہیو
(تیٚپرِ کنز و وتھان کریکھ کورِ مول تہٕ رزاق بٹ اژان
أندرِم کریکھ یوٗ زِتھ)

رزاق بٹ:۔ (اژِ دُنے) ہے افسوٗس۔ ہے تلسہ ترلیش أنی تو۔ (کورِ
مول والان طاقچہٕ پیٹھہٕ ترلیش تہٕ تراوان فتح لونَس)

کورِ مول:۔ تکھسیر۔ تکھسیر۔ وُچھتہٕ کتیاہ اوسن میانہِ بدنصیبہٕ
لیوکھمُت۔ یمَن تاوَن زَدَن کرِ اوس ووٚنمُت میأنی
وَکالتھ کرٔنی (فتح لون مُوران أچھ۔ رزاق بٹ أمِس
کُن وُچھِتھ افسوٗس افسوٗس کران) ژٔے ماسہ اٚیی نارِ
چھکھ خضر بٹا؟

خضر بٹ:۔ (ووشِ ترأوِتھ) نسہ بہٕ بچاس پلوٚ وٕستی۔ یمَن اوس یہٕ کھچر
نچُر کرٕنے تہٕ سانہِ کامہِ گرٕکھ پرٕوٗنی ناو۔

کورِ مول:۔ (خضر بٹس کُن) نسہ اَسہِ گرٕیوو سوآے کأم۔ یِیلہِ اَسہِ
وُچھ یہُنٛد بُتھ۔ اَسہ پرٕ اَیارِ نکاح ییو بغأرِ ے۔

خضر بٹ:۔ (حاؔرتہٕ سان) نساؔواللہ چھی! (فتح لون ہوان تھوٗد وۄتھِتھ) وون کیا ہساؔ پھوٗل میوٚن دِل۔

رزاق بٹ:۔ (فتح لوٗنس شانَن ژٕلِ دِوان) مُبارک سلامتھ اُسی اُسی یتِتس کاکس یہے کاؔم کران۔ یمَن تھاؔونہٕ اجدادَن خبر۔ مگر ژٕ ے ماسہ لوٚ گُے زخم؟

فتح لون:۔ (ہوشہِ پھیرِتھ) نساؔیہٕ اوُسُس اَمہِ بروٚنٹھے گیران یم گُیہِ دُشمنَن ہٕنٛدی لانٛژِھ حملہٕ۔ خاؔر کورِ ماؔلِس چھُ مُبارک تہٕ مرحبا اَتھ دا ناؔیی پیٹھ۔

(کورِ مول کلہٕ بون کُن تراوان) ووٗنی گری تو دوہ مُقرر یُتھ زَن دُشمنَن پیٛیہٕ ہاوارِ مُدوَس ہاے۔

کورِ مول:۔ یہسہٕ کوٚرُ دُشمنوٚ تہٕ رزاق بٹَس پٔنٛنی کٔنی ٹھٹھا۔ مگر پھیران چھُم میانہِ بتھِ ووتُے ژٕ ے تہٕ خضر بٹَس تکلیف۔ مگر اَسہِ تہٕ تھوٗنہِ یہٕژٕن ساؔزِشَن دون ہارَن ہُنٛد اعتبار۔ ئلی کہِ دوہ تہٕ گری اَسہِ مُقرر۔

خضر بٹ تہٕ فتح لون:۔ بَس تی تہٕ چھُ سون مُراد۔ لچھ مرحبا چھُو۔ اَتھ گاٹہٕ جارَس (تانی گروھان نیٛبری کٔنی کریکھ۔ نارہا !نارہا!)

کورِ مول:۔ (دوشونی کلہٕ کُنڈِتھ) ہے ظٲلمو، سَدو دیتھو رزاق بٹَس نار......

## (نیران ژلان ژلان)

خضر بٹ:۔ (دٕ ہوٗ چھِتھ) اَہن سہَ ۔اَہن سہَ ۔اَسی ہمسایہِ چھُ دٕ ہ ووتھان (یہِ یوٗ زی تھے چھ ساٗری نیران بےٚ فرصتٕ نار ژھبتہٕ کرنہِ ۔کورِ موج چھ بیٚہان پتہٕ مِس گُٹھِس مژٕ واویلا کرنہِ)



# منظر ۴

(وقت ترٛیم پہر۔ مُقام گامہٕ مرگزار۔ اژان معتبر تہٕ گامہٕ
رانڈٕ کنہٕ پھسرایہٕ کران تہٕ شانشہٕ ہُتی)

رانڈٕ:۔ (خوش گژھتھ) یہٕ ژوٚ لُس وارِ مژری تہٕ روٗ دُس دَٹری
گُلبن ژھایہٕ یوٚ تامتھ ہوٗنوٗ شورٹُل تہٕ لوٗکھ گے جمع......

معتبر:۔ جان گواز کیاہ توٚ رُکھ فکرِ اَسہِ سِتۍ وۄچہٕ وۄچہٕ بوٗلن کیاہ گو
تہٕ نمایندٕ سند بن شالٕکی تارٕ کن ہُند معنی کیاہ گو (وٕچھن
کھوٗ رنظر دِتھ)...... پتھ گو چون انعامہٕ سُہ چھُ میانہٕ ذِمہٕ
مگر چونٹ تھوٚی زِ بند۔

رانڈٕ:۔ (جل جل تہٕ نہایت لوتہٕ) ضروٗر۔ مگر یُتھنہٕ کانْہہ آسہِ
بیٚنہٕ نَس تہٕ بوزان...... وۄنِکنس چھ دانٲلی اوٚتے گوٗھن تہٕ
لوٗگن مژ روٗ زِتھ اَفسوٗس اَفسوٗس کرٕن۔

معتبر:۔ (باغرٕ ہوٚت) اِو اِو ژٕ نیر۔ بیٚنہٕ چھُمےٚ وۄنی پۄنٲرِس تہٕ
سمکھُن پکھ ژٕ نیرتی روزگاش پھولُنَس تام (یہٕ یوٚ زِتھ چھُ
رانڈٕ نیران) یہٕ چھا سناوٚ زموٗردٕ تہٕ چھِ بوزان۔ یا آسمان
تہٕ زمین چھ عملن شاہِد روزان؟ مےٚ چھنہٕ بہان...... مگر
...... اگر یوٚ زاوِس...... تیلہٕ؟ (پریشان گوٗھان تہٕ
نیران)

# منظر ۵

(اَژان ذٲلدار نمبردار چۄکدر رزاق بٹہٕ نِس دَزِنِس پیٹھ تحقیقات کرنہِ۔ وقت صبح۔ مُقام رزاق بٹُن محلّہ)

ذٲلدار:۔ (رِکمامہِ سان) مےٚ ٲس خبر دَزِ بُزس چھُ گوٚھان دزِ بُزے۔ چاٗرِ جما تھانوے یہِ گامَن منٛز پانہٕ وٲنی دِوان نار تہٕ پتہٕ بہان التوا تہٕ تقاوی ژھانڈنہِ۔ سرکارس مِنتھ تھاوان ٲسی ہسہ ڈ دی۔ یِنہٕ کاٗنسہِ نمایندس فِکرِ تران زِ سرکارُک خزانہٕ گوکاٗنژ پوو۔ یِتے تراووس تِتے ہسکوس کڈِتھ۔

نمبردار تہٕ چۄکدر:۔ یہِ جناب گوٚبڈ لگہٕ ہٕنٛز بلایہِ لگُن یمَن شِکس لَدن چھ آسان برات۔ جناب کیاِ زِہن در دِسر (رزاق بٹہٕ نِس گرس نِشہِ وٲتِتھ)

ذٲلدار:۔ (دماغہِ سان) یوٚہے گوٚ ٲمس والعٹیر سُندِس مالی سُند دوٚدُمت گرِ؟

نمبردار تہٕ چۄکدر:۔ (مان مٲنی) جناب یوٚہے گوٚ (تانی یِوان رزاق بٹ بروٚنٛہ کُن۔ ٲمِس آسان نِرِ دِنِہ موٚگ واجی آسان

أ کتھ گُن زخمی سپدِ تھ۔ گب اکھ نأ ڈ زِتھ مرِنس تیار۔ مکأنس " ووبٕ تافٕ ڈ دی ٕتی جاداٗ اندر آلِہ نوٗ نا، دِزٕ موٗن ہربن منٛز بوزنہٕ پِوان۔

نمبردار:۔ (گوڑ نچی نظرِ) نومن اڈٕ ددبن ژھنیہِ ہربن منٛز چھ ٹُلہٕ گلی لُکرِ ہنٛزٕ مِش۔

چوٗکی دار:۔ (شکار لُبتھ ذاٗلدارس کُن) جناب تی اوسُس بہٕ یمن دوہے ونان ٹلہٕ لنٛڈ ژٹنی چھےٚ ممنوع۔ مگر یمو مون نہٕ زانٛہہ از چھوُ پِوان میون وَنُن برابر...... یتھ اڈٕ ڈ دِس دارس منٛز چونکہ ٹلہٕ زِیُن آسہِ تِتھ گوھہِ سأری ہے سُپرِ دنامہٕ سپدُن۔ (اژان معتبر ذاٗلدارس سلام کران)

ذاٗلدار:۔ (کلہٕ ستی سلامہِ جواب گرِتھ) یِ چھس بہٕ تہٕ حکُم دِوان۔ نمبردارس نشہِ گرھہِ یہِ سوُد دارامانتھ روزُن اَمِس ہیمہٕ بہٕ پانے سُپرِ دنامہٕ۔

نمبردار:۔ (اندری شادسپدِتھ) جناب بہٕ ٹُلہٕ ناوِیم ٹُکرٕ پانے مگر ہُہ گب ئلج مرنہِ۔ اَمِس کرونا گوڈ کھش؟ دیوٕ کانٛہہ پوٗنسہ ماموٗ کلبس ۔؟

ذاٗلدار:۔ (گبہِ کُن نظر ترأوِتھ کاردارس کُن) اوہ۔ کاردار صاحب آپ اِس گبی کو ذبح کرو۔ اَمی سُندٕ قیمتھ آسہِ روپے ڈوڈ

روپے نتہٕ چھلہِ شکس لدٲمہٕ نش تہٕ اتھہٕ۔

(معتبر دوران کھش کرنہٕ)

نمبردار:۔ جنابَن مُنشد اقبال بڈِن توتہٕ وسبس کاتِسہِ سمنہٕ وٲلی سُنڈ طلبانہٕ نکھہٕ۔ ازتانی آسن کاردارَن دٕہہٕ پھِرِ اُمی سُنڈِ بدلہٕ سمنہٕ والین ہاہ دِژٕمژ۔

ذاُلدار:۔ (رزاق بٹس کُن) اچھا ژےکوتاہ سپدٕ مکانہٕ سوٲے کُل نُقصان۔؟

رزاق بٹ:۔ (وَدان وَدان) تہٕ وُنتھ کیاہ مہراسپدٕ مےٚ حاصِل؟

ذاُلدار:۔ (خشمہٕ سان) تمیُک مطلب!

رزاق بٹ:۔ (نربن پھوکھ پھوکھ دِوان) جناب یہٕ مےٚ گوتہٕ گوم پانَس۔ لوُگن بأوِتھ کیاہ گوھسم حاصِل؟

ذاُلدار:۔ (نمبردارَس کُن) یوٗ تام نہٕ تھسیلس منز چانہٕ نُقصانُک رِفیمِرستہٕ واتہٕ، توٗ تام کُس ونہٕ حکوٗمتس زِلاٹھس ہسہٕ دوٚد بُنگلہٕ؟

(اژان خضر بٹ تہٕ رُستم)

خضر بٹ:۔ (اژوٗنے) امِس نسہٕ چھنہٕ تھسیلس منز واتہٕ نچ صوٗرت۔ ازتام چھُ اُمی پنہٕ زمینُک ژوٗرِم حصہٕ تھسیلس منز خشک مار، پانی مارتہٕ خود کاشت ژھانڈان ژھانڈان کُنِتھ

موکلو ومُت باقی ترٛے حِصہٕ۔ (نمبردار ذاُلدارَس کُن شیچھ پلہٕ نان)

ذاُلدار:۔ (وَزان وَزان کتھ ژُٹتھ) ژ آکھ یورقانون تھیکنہٕ، کِنہٕ پانٕے تحقیقات کرنہٕ؟ اَسہٕ وَنتہٕ ژ یے اُمِس چھُنا مکانہٕ بناوُن۔؟ ژ اَہِس بروٚنہٕ خوف دِنہٕ یتھ نہٕ یہٕ حرکتھٕ کرِ۔

معتبر:۔ (گبہٕ کھش کُرِتھ گرٕ سوزان۔ یہٕ ووٚنے کتھ منٛز کتھ ترٛاوِتھ) جناب یے مکانہٕ بناوِنہٕ گتھ بناوِ۔؟ یہٕ پرُن چھ چکدار صأبُنۍ۔ یہٕ دِمَس نہٕ اَمہٕ پیٹھ چار رووے پکہٕ ناوِنہٕ (چندِ منٛز کاغذا کڈِتھ) اگر باور چھُنہٕ یمن یہٕ وٕ چھتن اِنتخابِ جمع بندی۔ یُس مٕے پننہٕ نَس پٹوارِس ہیوٚ تھمُت چھُ۔

رزاق بٹ:۔ (نربن پھوکھ دِوأنی) گونا پرُن چکدارس، چار روأے سمنہ واللبن، ژ دی مُتی ٹکرٕ نمبردارَس پتھ رٕ دی اُسی اڈٕ ژ دی شُری باُ ژتم ژھنۍ توکھ گجہِ تہٕ تھٕ شہِلو۔

ذاُلدار:۔ (اُمی سٕنٛز گستاُخی بوٗزِتھ) اچھا اچھا چانہِ بکواسہٕ تلہٕ تران چھم فِکرِ نہٕ دِکھ ژ جایداُدک تفصیل۔ نہٕ پلکھ ژ سانہِ مصلحو۔ اکھ چھی چکدار صأبن ونیوٚک تام پٔنن زمین مکانَس ترووومُت، ریشم خانن تُلہِ گلی ژٹہٕ نَس چشم پوٗشی کرٕہو۔ تحصیلن پرٕ ذن بقایا اویزان تھوومُت۔ بیٚہٕ چھکھ

سرکارس منت تھاوان تفصیل نُقصان پرژھنَس پیٹھ اۄغر
تھصیلس دِماہ کلہٕ چون تفصیلو بدلہٕ۔

خضر بٹ:۔ (خشمہٕ سان) ہے اَسہِ ہسہ چھ تھصیلن تالہِ کنۍ ژھٹ
کڈمو۔ تھصیلہ کیو کارکنو خصوٗ صاًمہا نندمُحرِ رسندی مالی
شُٹھراوی مُتی۔ توَے نہٕ گژھہِ اَسہِ تھصیلک مانچھی نہٕ ٹوپھے
(تانی اَژان منصفی ہُنٛد ناٗظر کیا ہتام حُکما ہتھ تہٕ ذاٗلدار
لگان اۄمی سے کُن)

ناٗظر:۔ (اَژِ وُنے) ہے ذاٗلدار صاًب چھاسہٕ پیٹی۔؟ بیٛیہِ گوٚ یہے
رزاق بُٹن گرِ۔؟

ذاٗلدار:۔ (دستارس کونک چاًرِتھ) اَہن سہ ہے گوس ذاٗلدارِ
علاقہ۔ از کیاہ مُنصِف صاًب اُسیا وارے؛؟ میون
ماوون نے کینٛہہ۔؟

ناٗظر:۔ مے ووت گھنٹا ژھانڈان توہہِ بہ چھُس مُنصِف صاًبن
سۄزمُت گستام رزاق بُٹن خانہٕ جاداد قُرق کرنہِ۔ تِمس
چھُکھ تام اجراے ڈگری کڈناونہٕ خاٗطرِ عدالت گہاٗئی مُو (حالانکہِ
دُنہِ چھُنہٕ آسان کاُنسہِ دعویٰ دائر کوٚرمُت۔ محض اَکھ لیڈر
کاغذ ہاٗوِتھ چھ گامہٕ سا ہوکاراۄمس توتمہٕ کران)

ذاٗلدار:۔ تفصیلچ مہٕ کرِتھ یتہِ بہ چھُنس امی صُبحہ پیٹھہٕ پتی کھولمُت۔ سانگا

چھس تیُتھ لوگمُت زَن تہٕ داہ ساس روپیہ ڈِکھ مُتی چھس۔ یوٗر پرٛژھی توس اورِ چھُ ییٚنہٕ تہٕ کران ییب تہٕ وو نہٕ نَس تہٕ۔ پتھ گواگر زمیٖن رہنہ کرٕ نأویوس دِہ کاتھہ روپے ماترِ باپأرِس نچارس۔

نمبردار:۔ (کانگرِ سوٗر مازان مازان) جناب یہ پیٚنہٕ گوڈٕ پٹوأرِس پرٛژھُن۔ حال أٹزرأوی توتہٕ ییٚتیک تناز پتہٕ کروپٹوأری خانہٕ پیٚٹھہٕ معلوم اُمِس کوٚت زمیٖن چھُ وُنہٕ رَہنہ کرنے۔ (رُستُم تہٕ رزاق بٹ دوران گرواجنہٕ گُن۔ ییس ضعف ہیوٚ چھُ گوھان)

ذألدار (رِزاق بٔس وُچھتھ) ہوہو یٚنہٕ چھِ فوجدأری کیسن ڈیر گمٕتی۔ یِمس کالہٕ داسہٕ سٔنز زنانہٕ لُج حال پکنہٕ۔ اَتھ وقتٕ عَس پیٚٹھ پیٚنہ پوٚلیس تہٕ اِطلاع دِیُن۔ فی الحال گری تو نأظِر صأبُن مختنانہٕ وصول۔

نمبردار:۔ (جل جل) جناب اُمِس چھ دانہٕ کیٚنہہ تہٕ درامُت اگرچہ تہٕ اڈٕ دوڈٕ ے چھُ۔ مگر تہٕ تہٕ گژھہٕ تمہِ کہٕ قمتہٕ نأظِر صأبُ راضی۔

معتبر:۔ نسہ تَتھ اڈٕ ڈٕ دِس دانبس گُس ییٚنہٕ۔ مکایہ کھار کھنڈا ے ہو کیاہ (دٔ رِأ رٔکس مکایہ ڈیرَس گُن اِشارٕ کرِتھ) بچأمو چھس سُہ کیاز کنہ تہٕ مختنانہٕ کرِادا۔ (نأظِر چھُ پراران

فائصلکس )

چۆکی دور:۔ ( کتھ ژٕتھ ) نحض سہ مکأے چھأ کی سٔنز امانتھ أمس نِشہِ سہ أس ازتام أمس أکس جایہِ واتناؤنی۔

نأظِر:۔ گرِوھِں تھٕو پیتیچ کأم پتہٕ بوزو باقی معاملہ۔

ذألدار:۔ کیأسا مُقدَما نارٕستی چھنہٕ مے یِوان بوزنہٕ کینْہہ خاص نُقصانا گومُت۔ خألی ژھینْہٕ پَش دَزُن کُس نُقصان گو۔؟

معتبر:۔ جناب ژھینْہٕ ہٕری پانژستھٕ دٕ زِتھ چھُ أی ڈانب لوگمُت نتہٕ چھنا أمس ژھینْہٕ ہربن ہندِ باپتھ ویرٕ وٕہہ مرٕ وارِ مٔنز۔ پتھ گیہ زنانہٕ أمی سٔنز بمہِ أس واریاہ کالچ رِگیر أنی۔ درلیہِ ہوٚل گٔنڈِتھ نارَس نرِ دِنہٕ۔ ووٚل انہٕ مُرِتھ گاَمس مصیبت!

خضر بٹ:۔ ہے حأرِکمووٕنہٕ چھوٕ أمس داندأ کھ باقی، تَس تہٕ کرِیوٕس کانہہ خرِپدارا۔ پتہٕ نیرِی توسو چھ کرِتھ!

ذألدار:۔ (أندرِی دٕ زِتھ ) مے چھ خبر چانہِ نمایندگی ہٕنز۔ کران گو ھ ژٕ حالَس قانوٗنِ شأدی صغرسنی ہنز خلاف ورزی۔ ژٕ تہٕ وٕچھکھ چأنی نمایندگی رِکتھٕ گٔنز وٕ ڈٕ۔

خضر بٹ:۔ یہ ہسہ زلنہٕ چانہِ کھوتہٕ قونوٗن شادی صغرسنی۔ پتھ گیہ نمایندِگی وٕڈٕ ناؤنی، یہ کیاہ تعجب زوٗنتھ ژٕے۔ سہ دِیہ وٕ ڈان وٕ ڈان سہ جونٹ یہِمہِ ستین واریہن لوٗٹرحاکمن

چونٹ پھٹراو

ذألدار:۔ (خضر بٹس کُن وُچھنہٕ بغأرٕ ے پنہٕ نبن نوکرن کُن ) تُہنٛد گوٗ ھہِ وارٕ یا دتھاوُ ن نماینٛدٕ بہادُرن ہُنٛد وٕنُن ۔ یہ ہاوِ یہنٛد بن لیڈرَن اسمبلی ہاَلس منٛز لٹیرٕ گس چھُ ۔ تِمن لیڈرَن یمن تمنا چھُ اسمبلی منٛز چلہِ ناسأنٛ اکھ کتھا۔ پتھ گواز یٔک فأصلہٕ ۔ یہ لبکھہٕ تحصیلس زِنارٕ ستیٚ چھنہٕ کانٛہہ خاص نُقصانا گومُت ( معتبرس کُن ) أمِس گوٗ ھہِ نہٕ یتھ پُرنہِ پیٹھ مکانہٕ دِیُن بناونہٕ ۔ نماینٛدٕ دِن أمِس ڈلس منٛز بسنہٕ خأطرٕ پُرن ( کینٛہہ گرٕسی اژان فأصلہٕ بوزنہٕ ) ویرٕ بن ہُنٛد تفصیل گوٗ ھہِ شام تأنٛ ے نِشہِ واتُن تہٕ زیُن گوٗ ھہِ مقدٔمس حوالہٕ روزن ۔ گبہِ ہُنٛد قمت گوٗ ھہ تحصیلہٕ کِس سیمنٛ وأرلس دِبُن ۔ مکأنے گژھہِ چھُکی درَس اتھہِ امانتھ دارَس واتناونہٕ ییٚنٛ ۔ دانہِ اگر بچومُت چھُس تہٕ گوٗ ھہِ ہمسایَن ہُنٛد بو گر وکٕڈِتھ نیلام کرُن ، تہٕ نأظِر صأبَس قرقی منٛز مُجرا دِبُن ۔ تاکہِ یُہ تام رہنٛکی کاغذات تیار گژھن توٗ تام روزِنہٕ اجراے ڈگری بلاتعمیل ۔ ہاں اگر ژادرا شادرا چھُس سوگیٚس رہنہٕ کِس انتخابَس بیہہٕ رہن نامَس لکھانہٕ وغیرٕ ۔ أمی سُنٛد بن نیچہِ وبن تہٕ اُشناوَن گوٗ ھہِ

مۆلکہ ہیوٚن یُتھنہٕ تم نمایندگی ءِستی کھرٕ کہٕ ناوَن کاٗنسہِ۔ پتہٕ
روٗزاٗمی سٹرزنانہٕ یُس فی الحال مراٗنی چھنہٕ۔ سُہ اگر موٚیہِ
تہٕ پوٗلیٖس گوٚھ فوراً رپورٹ کرُن۔ تتی ہیچھن یم لیڈری۔

معتبر تہٕ نمبردار:۔ بالاے دوچشم غریب پرور۔ مگر اَسہِ تہٕ چھُ جناب تیٚمس
حرام نمکس تل روپیہ رقماگلِتھ۔

ذاٗلدار:۔ ویٚربن ہُند تفصیل کرِتھ راوِنہٕ کاٗنسہِ ہُند اکھ پوٗنسہ۔ تُہی
کاٗنچھنو میاٗنی زِندگی۔

خضر بٹ:۔ (لوتہِ لوتہِ) یہنٛدِ کانچھنہٕ ءِستی۔؟

ذاٗلدار:۔ (یہِ بوٗزِتھ) دِوان گوٚھ ژیڈرٕ کھہٕ۔ کران گوٚھ شاٗلی
تارَکھ ہاوِتھ گام واٗران۔ (ہوان نیرُن)

خضر بٹ:۔ ذاٗلدار صاٗب یم ٹھگلہٕ تہِ ءِکتس کاکس۔ آخر آسہِ سون تہِ
اکھ زمانا ییلہِ سانین دُشمنَن تلک پیٹھ گوٚھہِ۔

ذاٗلدار:۔ (خضر بٹُن بوزنہٕ بغاٗرے پننین نوکرن کُن) ازشامہٕ
بروٚنہہ گوٚھ میانین حُکمن مکمل تعمیل سپدُن۔

ساٗری بندگان ذاٗلدار:۔ (ذیلدارس ءِستی نیران نیران) ضروٗر۔ جناب
ضروٗر۔

خضر بٹ:۔ (دُچھن کھوٚورٕ سمےٕ ءِتمن گریستین کُن) بایوٚ چھان چھُوٕ
سہ آدم قحط کمین حاٗکمن ہُند فاٗصلہ۔؟

گریؤس نمبرا:۔ اَہن حض اَسہِ چھُ تران فِکرِ۔ مگر و نوگس۔؟

گریؤس نمبر۲:۔ اَکھ گیہِ رات ڈاؔ کی نارژھیوٗ راوان بیٚیہِ وُ چھتو یُہنٛد اِنصاف!

(رزاق بٹس کُن) مےٚ ہسہ چھُ پنہٕ نہٕ بیقل عقلہِ تران فِکرِ یہِ چھُ یُہنٛدُ ے کارتوے چھِ یم جند گرٕی بامبر کرِتھ اَسہِ مران مران تہٕ ژم ٹُلان۔

رزاق بٹ:۔ (اَش ٹکہٕ ہتھ) اِدسامےٚ اوسُکھ ڈاکھ کرُن تہٕ کوٚر رُکھوول کیٛاہ نیرِ سانہِ افسوٗس یاغاؔ بتھ کرنہٕ منٛز (دوٗ رِ آسان گرِ واژی شُر بن منٛز باگ لرِ روٗ زِتھ آہستہٕ آہستہٕ ودان۔ شُری آسان بانبر یاءتی تہٕ ہمسایہِ بایہِ داہہٕ مرِ آسان یمن تسلی دِوان۔ امی وِزِ اژان کورِمول بیٚیہِ مُہنوی جوراہ قہوٕسماوار تہٕ ژوچہِ پھوٚ تاہ ہتھ) مےٚ دِن نہٕ یم ظُہر یاپننہِ پُرنہِ پیٹھ تہٕ بسنہٕ۔

کورِمول:۔ (اکھ سماوار گرِ واجنہِ نِشہِ سوزناؔ وِتھ) ولہٕ سأیہِ اوس نصیبس لِکھِتھ وونی متہٕ برتہٕ ژاپح فِکر۔ خدا کرِنہٕ پُرنہِ خاطرِ بند (تانی پلہٕ ناوان خضر بٹس تہٕ اِمس قہوٕ) پُرنہٕ ژوتہِ چھ پکھ تہٕ تی بستہٕ۔ نی تن پیٹکی ساری چیز یٚیے گے ڈل کاوٗ ج۔ تہِ کرِتھ تہٕ روزِن یم پریشان تہٕ لکہِ چانٛمن ظُہرِ۔

خضر بٹ:۔ (ووش ترأوِتھ) نسا اَسے چھُ پرانہِ نِے ہُند خاُراتھ وُنہِ زِوارِ بیہ تہِ رہنہ نشہِ نبر۔ فی الحال کرِأ کس منز وندُک رونہ زُنا۔ سونت تہ تھ وِچھو کیاہ آسہِ نصیبہِ (اژان فتح لون سبٹھا پریشان سپدِتھ) مگر بہِ چھُس حأران سانہِ گاٖمکی پٹوأری کپأری چھ سانہِ پُرنہِ تہِ چکدارنے لیچھِ مِژ۔ حالانکہِ چلاس ببگارِ یالارن بندوبسہ بروٖنہہ اوسنہٖ یہِ چکدار یِیتہِ درج تہِ گومُت۔

فتح لون:۔ یِی ہسہ فی الحال کروٖ وارِ منز پأراھش یوٗ تامتھ ذرا وُشیر پھیر۔

کورِ مول:۔ (اوڈُے یوٗ زِتھ) تہ سونت تام کیاہ چھُ پراُرن پارِ منز۔ ووٗ تِھن وُنی یِین میوٗن گرِ مے مکانہِ چھُ خاٗلی سہ کتھ لگہِ مےٗ۔

فتح لون:۔ (بشاش گوٗ ھِتھ) دُشمن ہُند بُتھ روسیاہ کرنہ خاٗطر گوٗھہِ أزی رزاق بٹ یِیتہِ ڈیر تُلِتھ ییس جایہِ آباد گوٗھن۔ أزی تمام قرض دارن ہُند لانج کاسُن (چندہ منز لوٹہ بدر کڈِتھ) ہتہ ساُ خضر بٹا گوٗھ تِہے پاُتھن یمن تھپلن ژِھن نوٗم روپیہ باٗ گراُوِتھ (رزاق بٹ تہ باقی حاٗران گوٗھان) ہاں یہ روز امانتھ کیاہ ونان وَنہ نِے آسہِ

گژھِہ نہٕ گنہِ صوٗرتَس منٛز کھاندرُک دوہ پیٛون ڈالُن ئلہِ کہِ بروٗنہہ اَنُن ۔ تیلہِ کیاہ شہلہِ مےٛ واُنج (گریٛوس نمبر ۲ نیران)

خضر بٹ:۔ (حاُراُنی سان) اَہن سہ رقم گروٗسی ژےٛ نکھہٕ تہٕ ژٕ چھکھ......

فتح لون:۔ (کتھ ژٕٹتھ) توٛت مہٕ سن ژٕ کینٛہہ ۔ ژٕ مان ژےٛ اوژ جان دِی نَے یہ رقم دارِ ہابہٕ رزاق بٹَس مےٛ اوس خدایہِ سُنٛد حُکم اُمِس حق پنُن دیُن تہٕ دِتمُس۔

رزاق بٹ:۔ (بانبرِ ہوٚت) نَسامےٛ کرَدار کھ میٛے زہنہٕ وِزِ پیٹھے قرض بژ ئیک کوٚ ڈمُت چھُتہٕ ژٕ کر۔۔۔۔

فتح لون:۔ واللہ ہسہ مےٛ نَے اوس پرتھ ساتہٕ چون قرض کھسان ییلہِ یہ اوسُس عیال ہتھ کھوان تہٕ چوان تہٕ ژٕ اوسکھ شُری باُژ ہتھ اِر سرِ کران مےٛ اوس پرتھ وقتہٕ شیطان ڈالان ۔ یہ وسوسہٕ تراُوِتھ زِ دُنیاتہِ چھُ پوٚنساتہٕ عُقبیٰ تہِ ۔ ازتو رمےٛ فِکرِ شیطان چھُ اِنسانَس تمی ساتہٕ وُنہٕ والان ییلہِ تَس روپے چھ اِنسانہٕ سُنٛدِ کھوتہٕ ٹاُٹھیوان بوزنہٕ ۔ لہٰذا چھُ یہ اَکھ ساس روپیہ یُس مےٛ وُمرِ جمع کوٚرمَت چھُ رزاق بٹَس میانہٕ طرفہٕ ۔ تہٕ ژےٛ خدایاُری کرِ نَے اُزی گوڈ

یہ لوکوہُنز وپھوُنکوتلہٕ آزاد گوٚھن۔

گریٚوٚس نمبر۲:۔ (کتھہِ منز کتھ ترأوِتھ) تہٕ أزی کھاندرتہٕ کرُن۔

کورِ مول:۔ یہ چھُس تتھ پتٕھ تہٕ تیار أزی ۔ مےٚ کھسہِ کورِ حصہٕ مکانہٕ علاوٕ واریاہ بیٚیہٕ جاداد۔ ووٚ تھِن وُنی رزاق بٹُن عیال تہٕ بیٚین سون بطورِ واأرِث۔ کھاندرُک کھیاوُن چاوُن میانہِ ذِمہٕ۔ میوٚن نہٕ کورِ ہنٛدِ حصہٕ منزٕ یُس زن أمی سُنٛدُ ے حِصہٕ چھُ۔

رزاق بٹ:۔ (اَڈٕ دَزن زِنٛی ہرِبن ڈیشان تہٕ یُہنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ یِھوے مبہُوت ہیوٚ گوٚھان) نُسا مغز گوٚھی ڈٕلنیٚ مےٚ مگرتو ہے سپدُ وکیا ہتام۔؟ بےوتہٕ پتٕھ ژول گرِتھ چھُس تُھو کیا لگی وُس کھاندرکرنہٕ تہٕ میانین دُشمن کرہنہٕ مازس تٔرٹُل تہٕ یہ تھوو ہَس فائتھ۔

خضر بٹ:۔ (جوشہِ سان) ژُ تیز راونہٕ خاطرِ چھ مےٚ فتح لوُنی کتھے صحیح بِوان بوزنہٕ۔ پتھ گوکھاندرُک خرچ برچ سُہ چھُ مےٚ دون ژُربن رکوٚ تیار کوٚ رمُت۔ أکی سُنٛد حصہٕ چھُس یہ پنہٕ نِس بابہٕ تھرس دِوان لہٰذا پوشاک، زیور تہٕ پتٕھہٕ خرِچ میانہِ ذِمہٕ۔ مگر کھاندرگوٚھہِ بہر حال أزی سپدُن۔

فتح لون:۔ ہاں نیہ بریسوارِ بدل أزی، ہیٚے تووُنی دِسم اللہ کرن۔

(گریوٚس ٣ نیران)

گرٕواجینؠ :۔ (گامہٕ دربارس منٛز ییتھ وداں وداں خضر بٹس کُن) رحیم ہسہ چھُ دپان وارِ منٛز چن وپر بن چھُ کُستام گنزران۔ ییہ چھُ مقدم مہنو پکان اڑ دوٚد تُلہٕ زیٖن تُلہٕ ناونہٕ............ ہاے میانہ خودایو۔ خودایو............

(ییہ ونان ونان چھِ گرٕواجنؠ وَدان وَدان ڈیرَس کُن گوھان۔)

خضر بٹ :۔ اچھا نوٚان گوٚژھن یم کیٛاہ کیٛاہ گوھکھ خوش۔ کران گوٚژھن جمع خبر کس آسہِ یہنٛدِس سوشر مٔتِس چھل دل کرُن ...... مگر لونا اگر ازکھاندر کرنہٕ ییہِ تیٚلی ییہِ سأنی براؤ ری بوزنہٕ۔

فتح لون :۔ تی ووت مے اُدی پٮ۪ٹھہٕ ونان۔ یم روپیہِ تُل ژٕ یاہوٚ کیٛاہ چھی میون مہنیو۔ أمیے اَتھہِ سوزوٗنی ذأ لدارس تتہٕ دِیہِ باپأرِس۔ پٮ۪ٹوٚ أرِس مُقدَمَس تہٕ کاردارَس ییہٕ باقی درائن تہٕ (مہنوِس آلو کرِتھ) ولوٚ ’سلاما‘ یوٚ ری۔

رزاق بٹ :۔ (مبہوت گوھِتھ) نَسامے کونہٕ بہان تھو کیٛاہ ونان۔۔

(فتح لوٚنن مہنیوٚ تُلان روپیہِ تہٕ نیران)

# منظر ٦

(ملہٕ گُلُن آنگُن ۔ اَژان ملہٕ گلہٕ تہٕ پیر )

ملہٕ گُلہٕ :۔ (رزاق بٹُن حال ونان ) نَحَض بچارَس دراس نہ کانْہہ چیز تہٕ بہانہٕ گوس کھاندرُک ۔ تو تہٕ اوسنہٕ مےٚ یُتھ کار کوٚ رمُت گشنیٚ نم تھاوٕ ہمن نہٕ مےٚ ۔

پیر :۔ (کلہٕ گلہٕ وان ) وُچھان چھُکھہٕ مےٚ پرٕ ژھنہٕ وراُے کانْہہ کاُم کرنہٕ ستیٚ کیاہ چھُ سپدان خاُریہٕ چھِ آسان برات ۔ اَتھ گوٕ ھنہٕ زیادٕ ستُن ۔

(اژان فقیر ڈار ۔ عزیز میر بیٚیہٕ گرٕ پسی تارٕ )

ساُری :۔ (اژِ و نُے ) اَسلام علیکُم ۔

پیر :۔ وعلیکُم السلام ۔ کیاساُ ڈانگرُ چھا بخیر وعافیت؟

فقیر ڈار :۔ یہٕ حُض چھُس تُہندِ دعا یہٕ خاُرٕ وارَے ۔ مگر اَسہِ حض چھُ دُشمنو گیوٕ راوُ نمت ۔ یمن حض گوٚ ژھ خدا جل جل ناو پھانٹہٕ وُن ۔

پیر :۔ (مریدَن ہُنْد ہمدردِ بُتھ ) نَہ ۔نَہ دُعاے بد گوٕ ھنہٕ کرُن ۔ بیٚیہٕ لگن نہٕ تنازعہ برپا کرٕ نیٚ ۔ برکتُک واُحد

باعث چھُ اتفاق واتحاد۔

عزیز میر :۔ (جل جل) تیٖلہِ حض ییٖلہِ اتفاق کرِنے گو جان ونتہٕ پنہٕ
نبن سارِنے مریدَن وُنہِ کنبَس نے اٗمس رزاق بٹس
نچاٗرِس روٗ دنہ شب درشام اٗمس گوٗ ھ مُر وَ تھا کرِ نی۔

پیر :۔ (سونچان سونچان) مےٚ چھنہٕ اول وُنہِ خبر تَس کیٛاہ
نُقصان گو۔

۔ شنیدہ کے بود مانندِ دیدہ۔ دوئیم چھ ییہِ توہہِ پننی کاٗم
۔ ہر کسے را بہر کارے ساختند۔ سوئیم............

گریٛس نمبرا:۔ (کتھ ژٹتھ) پیر صاٗب تھاٗوِ حض تفصیل فرماوٗنی تُہندِ منز
اتھنہٕ وراٗے اُحض کرِ اَسہِ مصلحت زِ یوہَس تراوواٗسی
پنہٕ مرضی فی چولہِ اَکھ اَکھ کنالہِ رزاق بٹس ییہِ سمہِ قریباً
ہتھ کنالہِ تہٕ سُہ ییہِ اٗ کس دون وٚرِ ییَن اندر اندر تیٛوٗت
بروٗنہہ زِ دُشمنَن وایہِ پُرنہِ داند۔ (پیر گوھان حاٗران)

گریٛس نمبر۲:۔ (تشریح کران کران) تِمے دُشمن ییم چاٗنی مرید خاص گےٚ ییم
یا چھِ غریبَن رَتَس زاگان تہٕ "خالق پزٕ جی ڈنڈٕ ڈی" پاٚٹھی
دون کھر اوَن لتہٕ تھاٗوِتھ وونلہِ کنہِ ژوٚ پا کلڈان۔

پیر :۔ (بیا کیھ حالت ڈیشتھ) توتہٕ تھاووباڈیہ "تُہندرَتھ کرِنہٕ تہٕ

تہنز کتھ کرِ۔ لہذا گوجان ژِھینن ستی اتفاق واتحاد کرُن تہٕ
تم پانس کُن پھِرنی۔

گرہٕس نمبر ۳:۔ (اُچھن درِ دِتھ) اِدھض پھیری کیاہ تم اَسہِ کُن سُہ کیُتھ
حض تم دیپان نمایندس بدلہٕ زالوکھ سأری گرہسی جادِ پہن
تم یم جلسس پیٹھ حاضِر گے۔ یا تم یم نمایندٕ صائبن کمیٹی
منز ممبر تھأوی۔ ترأ وِحض تہنز کتھا۔ تم پننہِ وَتہٕ تہٕ اَسی پننہِ
وتہٕ۔

پیر:۔ (چانگہٕ لأ رِگتھ) مگر نمایندو تہٕ کُس اَسان روٗٹ
پنجن پیٹھ۔ تم تہٕ ٹُلان چندِ ناوٗری گری تتھے کنہٕ مانگیا
زمیندارس نِشہِ تتھہِ کنہٕ اکھاہ بیا کھاٹُلان۔

فقیر ڈار:۔ (بے تأبی سان) پیر صأبا یہِ مہٕ حض وَن تیلہِ پیہِ ژٗے
پیٹھ تہٕ الزام۔

ملہٕ گُلہٕ:۔ (کتھ ژٗتھ تہٕ پیرس تھپھ کرِتھ) ترأ وِحض یہٕ بحث
اُتی۔ اَسے ژٗیر گورزاق بٹنہِ تعزیہِ پُرسی (پیر چھُ اِشارٕ
ژینان تہٕ ہوان نیرُن)

فقیر ڈار:۔ (پیرس نیران وٗچھتھ) گستاخی معاف پیر صأبا۔ یتھنہٕ
حض ملالہٕ روزیو (جواب دِنہٕ وَراٗیی چھ ملہٕ گُلہٕ تہٕ پیر نیران)

عزیز میر:۔ (گرہستین کُن) پیر تھأوی تون تُھو اُتی۔ مگر مےٗ وٗنی تو یہٕ

چھا پوٗز پرتھ کاںٛہہ ٹوپیل بوے دِیہ اکھاٗ کھ کنالہٕ زمین رزاق بٔنس؟

گریوٗس نمبر۳:۔ اٰہن حض اَسہِ کوٗر یہ فاصلہٕ وَتہٕ پکان پکان ۔زمین دِموس وأتھ ۔وٗ وِتھ، لوٗنتھ بیٚیہٕ گرواتہٕ ناٗوتھ ہوردِ حصہٕ۔

گریوٗس نمبر۲:۔ (کتھہِ منز کتھ ترأوِتھ) بیٚیہٕ ژوٗ رِژوٗ رِیتھنہٕ کاںٛہہ ہیکِس قرق کٔرِتھ فصلَس (دمادِتھ) اٰہن سأ زمین وسیا اَسہِ قبرِ منز ستی ۔اَسہِ کیاہ گژھہِ کم ییٚلہِ نہٕ باٗقین ساسہٕ وادروپیہٕ غرٕبَن دِنہٕ ستی پرواچھُ گژھان۔

گریوٗس نمبر۳:۔ نیٚتَن ہُند مألِک حض چھُ خدا۔ اگر یتھے کنہٕ کمیٹی ہٕنڈی ممبر تہٕ قدم تُلَن تہٕ اِنشاءاللہ رزاق بٔنس ہوی سأری گریسی گژھن دوہَن منز آباد۔

عزیز میر تہٕ فقیر ڈار:۔(یکہٕ وَٹہٕ) اِنشاءاللہ۔ مگر یہِ شیٚچھ گژھہِ تمام بایَن أزی واتنی۔ یتھ زن تمام حرام خورَن روزِ وسہِ پھرُن (اژان رٔحم یمن سالَس اننہٕ خاطر)

گریوٗس نمبر۱،۲،۳:۔(یکہٕ وَٹہٕ) مگر یتھنہٕ توٗ ہی یہ وٗنوِ خاٗلق راٗ تھرَس۔ اَسہِ چھُو گامَس شک سہ چھ سانہٕ کتھہٕ سانین دُشمنَن واتناوان۔

فقیر ڈار:۔ ہے نیٚتہِ بَدَس چھُ روزِ بد۔ اُسی روزو قسمَس پٹھ ہأرِ تہٕ پنہٕ نَن بایَن ہمدردی کران۔

رٔحم:۔ دیان حض چھو ہَب کورِمالی سُند گرِدٕنی وأٹن۔

فقیر ڈار:۔ اِدسأ گوبرا یکیاہ آے۔(یہ بۆ زِتھ چھُ رٔحم نیران) میون مشورٕ چھوی اُسی کروخضر بٹ ہتھ مصلحت۔مگر وُنکِنس کیٚتھٕ ناپہ چھُ اَسہ کورِ مأنٛی سُنٛد۔تَس بچارَس گرٕکھ رات سبٹھا خجل ژٕ دی۔تہٕ ستی زولُکھ گوٚبرٕ مول مےٚ دژ ایہٕ رات پٔنٛدی نار ژھیٚوران۔

گرٕیٚس:۔ (حأرأنی سان) ژٕنے پھےٚ ناسأ خبر رزاق بٹَس ژٕ وراشت کورِ مأنٛی ہٕنٛدِ۔مکانہٕ جاداد بیترِ۔باقی خرچ ورٕچ ہیوٚ ت سورُے خضر بٹَن تہٕ فتح لوٚنَن ذِمہٕ۔تہٕ کوٚ رُکھا اُزی کھاندر صحیح۔

فقیر ڈار:۔ (زن اَسمانہٕ پیوان) تی یا.....؟ تیٚلہِ کیٚاہ کمال چھُ سون اَکھ کنالہٕ زمین تراوُن۔مگر یہ چھُ عجیب قِصا تلہٕ سأ گوڈٕ نیروتوٚ رٕ (یہ بۆ زِتھ چھ سأری نیران رزاق بٹَن پتھ)



# منظر ۷

(پٹوٲری آنگُن وقت لوٚگ دِگر۔ اَژان ذٲلدار۔ نمبردار تہٕ خاٗلِق رٲتھر)

نمبردار:۔ (فتح لوٗنُن ساس روٗپیہِ ذٲلدارس پیش کرِتھ، ذٲلدارس کُن) جناب گریٚس گوٚھہِ اوٚٹ نیرُن۔ اَسہِ کیاہ چھُ...... بیٚیہِ کمہ دِژ یم روٗپیہِ تہٕ بیٚیہِ کیا زِ دِژن پرتھ کانٛسہِ حقدارس ووت پننُن حق۔ بیٚیہِ دژاو جنابَن ہُنٛد سفر خرچ تہٕ۔ فِی الحال نہٕ ہیو وپربن قرق کرُن تہٕ نہٕ شٕکس لدن پتہٕ پتہٕ پکن

(ذٲلدار کلہٕ الوٗندتھاٗوِتھ کیا ہتام لکھان۔ تہٕ خاٗلِق رٲتھر اٲمی سٕنٛزَن ژھایَن تہٕ گرایَن توشان)

بیٚیہِ دی تو جناب حُکم یمہٕ روٗپیہِ تقسیم کرنہٕ خاطر خرچ کٔری تو ادا۔

ذٲلدار:۔ (پریشان ہیوٗ گوٚھتھ) مگر تو ہہِ چھا خبر کُنہٕ نہٕ؟ اگر اکھ گریٚس پنہِ عمرِ ہُنٛز ٹھیٛڈھ مٹیٛٹھ دیہ ہیٚس گرایٚس ہٹہٕ ہٹہٕ تہٕ تمیک کیاہ نتیجہٕ نیرِ؟

نمبردار:۔ (ٹھُنٛز کٔنی ہوٚتہٕ جواب دِوان) پی جناب ہہِ اکی ووچھان چھ زِ فتح لون آو نماینٛدن ہُنٛدِ وننہٕ ہٕکل پانٛچی اِشتعالس لاینہٕ تہٕ تھوٗدن پنُن کرہٕ پھِکر اوتھ۔

(دۆرِ گوٗھان بنگولہٕ ٹاسا)

ذٲلدار:۔ (حاضِرن ہیچھِہ ناوان ہیچھہٕ ناوان) توہہِ چھابۆ زمُت کانٛہہ شخصا پنٕنۍ خانہٕ وُجاأری کران ییہ سُنٛدِ باپتھ؟ ییٚہ ماتوہہِ پتاہ زِیرِہ ھے ہمدردی اگر عام گیہ تہٕ نہ روزِ حکوٗمتس وبقارنہٕ حکوٗمت کیٚن کارکُن (اژان چوٗکی در)

نمبردار:۔ جناب قطع کلام معاف:۔ اَسے معلوٗم چھُ زِازواأتی وٗری اُٹھہٕ مرٕ نمایندن حقوٗق ژھانڈان ژھانڈان اَسمان آب کھالان مگر توتہِ چھنہٕ ہبکان وُنہِ پٹواُرِس تبدیل کرِناُوِتھ یا چوٗکیدرَس جواب طلب کرِناُوِتھ ییٚے کرنہٕ سائنس وبقارس بےوقری؟

چوٗکیدر:۔ (پننہِ ناوُک تذکرِ بوٗزِتھے) توہہِ جناب آسنٛو شاید یہِ بوٗ زمُت دپان رزاق بٹس گومرِ نُے مہراز۔ رات دوٚدتہٕ ازبنیاس مکانہٕ تہِ مُفتُے کھاندرُک خرچ برچ تہٕ روپیہ تہِ۔ شاید زمین تہٕ (دورِ گوٗھان بنگولہٕ ٹاساتہ چوٗکی درَس راوان حواس) ییمو کیاہ دپان کمیٹی ہٕنٛدبو ممبرو۔ اُشِنا دوتہٕ باقٕے گریستو ہاُو ہَس فیاُضیا! (ییٚہ گوٗھان بیاکھ ٹاسا)

ذٲلدار:۔ (پریشان سپدِتھ) مےٚ چھ خبر، مگر کیا زمین تہِ تروو ہسا؟ ییٚہ یہ کیاہ ژھےٚ ییٚتہِ ٹاسرِ ہاریاز؟ (اژان معتبر)

معتبر:۔ (اژوُ نے مگر پشیمان گوٗھتھ ) جناب د پان یُہے گریوٗس یَس از نارس موقعہ ملاحظ سپُد ۔ یہے کرِ أزی پنہٕ نس نچوٗس کھاندر ۔ تام لاجان سرکارُک امداد ژھانڈنہٕ خأطرٕ جنابن بروٚنہہ کنہِ ڈانبا۔

ذألدار:۔ (حأرأنی سان ) پی کیٛا اوسُس بہٕ بار بار توہہِ ونان یامتھ یم گرٕ یسی کُنہِ کامہِ پٮ۪ٹھ یکہِ وَٹہٕ ہوٚل گنڈن ۔ اَسہِ پیٚیہِ پٔتن رٔ ویہِ بَد لاوُن ۔ نتہٕ چھُ امنِ عامَس سخت خطرٕ (نمبر دارَس تہٕ معتبرَس أرٕ کتھ کُن کڈِتھ ) نتہٕ گوٚھہِ نمایندن پانہٕ وأنی تیوٚت پھاساوٕ تھُن یتھ زن حکوٗمت آیندِ کیٛژھ ون وٕ ری ین منز کانٛہہ نوٕ پالیسی مرتب کرِ، خأر أمیک انتظام چھُ حکوٗمتس ذِمہٕ توہہِ ترِ نہٕ یہِ پوٕینٹ فِکرِ ۔ بہٕ کرٕ امیک تشریح بیکہِ وقتہٕ ( معتبر ونان أمِس خألق رأتھرٕ نہِ پھسہِ ٹنگ تہٕ ذألدار کران أمِس شاباش )

خألق راتھر :۔ جناب نمایندِ سکیمہٕ گیہِ کاوِ پیٚنہِ وول ۔ یمن کوسہٕ پایدأری چھےٚ ۔

ذألدار:۔ (أمِس حوصلہٕ بڑأوِتھ ) بلکُل دُرست ! مگر گوٗھی آسنٕ ژیٔنے ہی وُچھن وألی ( یہِ وٕنتھ أمِس أرٕ کتھ کُن کڈِتھ کیاہتام ونان )

نمبردار:۔ (معتبرَس تہٕ چوٗکدرَس) حال تہٕ زیون اَسہِ چوٗک درٕ سٗنٛدِ ونہٕ نے اَکھ نمایندٕ اگر حکوٗمت تہٕ اَتھ پٔتھ قدم تُلہِ تیٚلہِ بچوأسی گریستمن زارٕ پارٕ کرنہٕ نِشہِ۔ نمایندٕ بُ گرن عوامَس پانہٕ وأنی تہٕ أسی وُچھودوٗ رِروٗ زِتھ یِہنٛز ٹھولہٕ ٹھول۔

معتبر:۔ (اِشارٕ لٲگتھ) بیشک! ورنہٕ وونی ہیکَن نہٕ صرف سانہٕ وَننہٕ گرٕ یسی پانہٕ وأنی لٕرتھ۔ وُچھان چھونا یِہنٛد اتفاق کوٗت ووت راتَس انٛدرانٛدر (ذٲلدار سوزان خأرلق رأتھ رس مأدِیانہٕ اَنہٕ نہٕ)

ذٲلدار:۔ بہٕ وَنوتوہہِ دوبارٕ زِبہٕ چھُس ذٲلس اندروٗ چھان زِسون چھُنہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ کہٕنٛز روزان۔ حالانکہِ سرکارِ والا مدار چھُ پٕرتھ کأنسہِ ستی عدل نوشیروان کران۔

معتبر:۔ (مثال پیش کٕرِتھ) یتھہِ گٔیہ جناب از تقریباً ژتجی وُہری موکہِ لیٚا ووالنٹیر ن ہٕنٛدِس مأرلس نِشہِ چکدار صأبَس زمینہٕ ڈوڈ کنالہٕ محض تُہنٛد یور تشریف انہٕ ستی۔

ذٲلدار:۔ (پریشأنی منٛز) خأرفی الحال واتہٕ توہہِ نمایندن بیٚیہٕ تہنٛد ہن اُشناون اُکھتھ مأکِتھ ترکوٗکرُن تہٕ گریستمن قانوٗنَس اندر چلنٛگ عادت پأدٕ کرٕ ناوُن یوٗ تامتھ حکوٗمت

یمن سیز راونک اِنتظام کرِ...... چونکہِ وونی لوٗگ شام سپدِ نہٕ بینہِ چھُ مےٚ پگاہ تھپلکس مٔنز واتنُ لہٰذا وَنو مقدم مےٚ پتہٕ پانٔے اکھ شٔنچھ (مُقدمَس لوٗٹھ کیٚنہہ پلہٕ نٲوِتھ) یمو ستی ترِتوہہِ فکرِ زِمیوٗن یورِیُن گونہٕ ضایہِ...... حقدارَن گوٗھہِ فوراً حق واتناوُن۔ اکہِ اکہِ (زنانہٕ ونہٕ وُن نزدیک نزدیک واتان تہٕ ذٲلدارس انان خٲلِق راتھر مادیانہٕ بروٗنہہ کُن)

نمبردار:۔ جناب (وُنہِ ہوان ونہٕ نےٚ زِہمسایہِ محلہٕ مٔنزِ گوٗھان نعرۂ تکبیرِ چ کریکھاتہٕ تمامَن حواس ہی راوان) جناب کھٔسِن تیٚلہِ مٲدِیانہِ اَسِ واتو پانٔے پگاہ کال کھبتھ سلام کرنہِ۔ بینہِ بوزوتی حکوٗمتچ پالیسی کیٛا روزِ۔ (یہِ بوٗ زِتھے خٲلِق رٲتھرِ کابَس تھپھ کران تہٕ ذٲلدار ژلان آداب عرض کران)

معتبر:۔ (سونچھا کرِتھ) مقدما اَسی روزوتامتھ گرِنبر تہٕ ڈٔلتھ کُنہِ جایہِ (نیپری کنی رُستم والنٹیر ڈولی پورہ زِندہ باد۔ گامہٕ دُشمن مردہ باد۔ خٲلِق بےایمان مردہ باد کریکہٕ گوٗھان)

مقدم:۔ (اِضطرابہٕ سان) اوٗ اوٗ خبر شرارتہٕ مٔنزِ ماکرَن یم اَسہِ لتہٕ مونجہ۔ (معتبرَس تھپھ کرِتھ نیرُن ہوان) اسہِ واتہِ

سرکارٕکس حُکمس کلہٕ دارُن۔ اگر زِندگی اُس وُچھویمن کریکہٕ نادکرن والین کُس کیاَہ کرِنستہٕ رز (یہِ آسان ونأنی زِ گامہٕ شُری کھٔنجا اژان مہراز رُستمس بروٗنہہ بروٗنہہ مشالہِ ہبتھ۔ مُقدمَس پتے سأری تٔہندی یاربأے جَل جَل ژلان تہٕ اژان مہراز۔ رُستم چھُ لیڈر باسان تہٕ سٹیجک پرٕد چھُ وَسان۔)

☆☆☆

اند

